کأشُر

# شیٖرازٕ

(اگست ۱۹۶۶ء)

وٕری ۳ شُمارٕ ۱

ایڈیٹر

محمد امین کامل
چمن لال چمن

جموں کشمیر اکیڈیمی آف آرٹ کلچر اینڈ لینگویجز سرینگر

چھاپ : کوہ نور پریس دہلی۔

# ترتیب

# گوڑہ کتھ

کأشرِ ماجہ زیوٕ آسنس پٔزٕ سہ اَسہِ ناجأیِز فأیدٕ تُلمٕت ۔ تہٕ گو وَ یہ زِ اُسہِ چھہ قلم تُلان تہٕ یہ
کینژھاہ دِلہٕ منزٕ وُزان یا دِماغہ منزٕ ووتلان چھُ، تہٕ چھہ پتہٕ بروٚنٹھ وُچھنہٕ رَوٕ ستۍ لیکھن
ہیوان ۔ نہ چھہ سوچان جُملن ہنز تَرتیب تہٕ چھاوٕ ڈنجر، نہ چھہ وُچھان سون لیکھنُک طرز چھا مِثٕک کُھٹ
تہٕ زوٗ دار۔ گژھہِ ہو تہٕ گژھہِ ہو یِیہِ زبأنۍ ہِندِین لفظن امبار کھاران ـــــ تِمن ہُنٛد لفظ ییمہٕ بدلہٕ اُسہِ
ہنا بوزنۍ کرِتھ کأشرۍ لفظ تہٕ ورتأوِتھ ہیکو، یا تِمے لفظ پننہِ زبأنۍ مزاجہٕ مطأبق کأشراوِتھ
ہیکو۔ اَمیُک نتیجہ چھُ یہ نیران زِ کأشرِ زبان بناونہ بدلہٕ چھہ اُسہِ دَرگہ پأٹھۍ تِتھ نِسبے ڈالان۔
اَسہِ چھُ سنسکرت تہٕ فارسی زبانَن ہُند بروٚنٹھے خشارٕ آمُت، بروٚنٹھ کُن گژھنہٕ اَلٕتہٕ سانِہ
اَلُقہٕ بنیہِ ہَن ہُرٕ ہر گژھن ۔ اَسہِ چھہ آنتہٕ رٔسی پنین لفظ ییم پَتہٕ کُن چھہ گامتۍ۔ تِم دُبارہ
بروٚنٹھ کُن اَنُن چھہٕ ادبِن ہنز گوڈنیچ کام ۔ سعہ تہٕ نثر نگارَن ہنز۔ تکیازِ تِم چھینہٕ شاعرن ہِند
پأٹھۍ وزنکہ تہٕ قأفین ہِندۍ آویزٕ۔ تِم ہیکن سہل پأٹھۍ جُملَن یا لفظن گُنہ وِزہٕ تہٕ ژٕٹہٕ وأتِھ
کرِتھ ۔ مثلن۔ تعہ ہِہ تہٕ آسنوٕ میأنۍ مقالہ پٔرِتھ متۍ ( نزِ مقالات پٔرِتھ متۍ )

یہ گوٚو پَرزبانَن ہِندِ گژھیرٕ ستۍ پننہِ زبأنۍ ہِندِس گژھیرس وُتارہ تُلُن ۔ اَمہِ ستۍ
بدلہٕ نہ سون گژھیر یا زبأنۍ مزاجٕ، اما پوز سأنِس آلژھیرس گژھِ ضۆرور نِیہر۔



اُسہِ چھہ بأتھ تہٕ وَنان، افسانہٕ تہٕ لیکھان، زبأنۍ ہُند دود تہٕ لۄدوان مگر رسمُک
خط ہیچھنس کُن چھینہٕ کل کران ۔ اصلی چھینہٕ اُسہِ وُنہٕ پأیس ییمتۍ تہٕ سانِین دِلَن تام چھنہ

دُنہ زبانٛی ہُند ژھکہ ووتمُت۔ نتہٕ کیاہ مُشکل چھُہ کأشرِن اُٹھن یا نُون آوازن ہندِ لیکھن نشانہٕ ہیٚچھنۍ۔ ہرگاہ یِتھہٕ پأٹھۍ کانٛہہ اُردو یا انگریزی لفظن ہندِ ہیٚجہ غلط لیٚکھہ، تس وَنو اَسی اڈٕ ہیٚچھل، بلکہ کروس ہدل پتہٕ۔ مگر پانس ہرگاہ نہ اکھ کأشُر لفظ تہٕ سیٚود گژھہ تو تہٕ دپو اَسہِ چھہ کأشرِ ادیب۔

دُنیک تام اُمس پیٚتھہٕ وَرِتھہٕ کأم پکان۔ مگر ووٚنی ہیٚکہ نہٕ برونٛہہ ڈکُن تہٕ تِتھے پأٹھۍ اندرِ کھتہ۔ اکاڈمی رُود یہ مسلہٕ پتہٕ یِتھہ وِزہ پریشان کران۔ ادیبن تہٕ شاعرن ہندِ چیٖز چھہٕ رسمُل خطس اندر واتان۔ یِمن چھُنہٕ کانٛہہ نقل نویس یُس تِہندِ شوزِ ہنٛز چیٖز سیٚکہ رسمُل خطس منز دُبارہٕ لیٚکھتھ۔ ترتیب کار چھہٕ معمولی شیرہٕ ژاُر کرِتھ مجبوٗرن تِہندِ چیٖز چھاپ کران۔ ہیٚجہ چھہ یِہ نیران زہٕ اکہِ سے کتابہٕ یا رسالس منز چھُنہٕ لفظن ہیٚجہ ہشر روزان۔ یِتھہٕ رسالس تہٕ چھُہ یِہے وَنُن گأمُت۔ مگر آیندہٕ وُری پیٚٹھہ کرِ اکاڈمی صرف سیٚکہ رسمُل خطس منز لیکھی متہ چیٖز یوت تو بدٕل تہٕ چھاپ، تکیازِ غلط رسمُل خط چھاپنہٕ سیٖتی چھُنہٕ اکاڈمی ہُند وقار روزان۔

•

اَسہِ چھہ کماری کرشنا کھوڑا سُندِ شُکر گذار زِ تمو دِتہٕ اَسہِ کرشن رازدان تہٕ دینشہ کول سُندِ فوٹو چھاپُن سُند اجازت۔ یِمن دۄن نوٚوِ شاعرن ہندِ تصویر اُسہِ دُنیک تام نایاب تہٕ تمہ چھہ سیٚٹھا ژھانٛڈ دِتھہ یِم بدٕس اُزِ متہ۔

•

رحمان راہی

# قدیم کأشر شاعری — (۱)

کأشرِ زبأنی ہُندِس دامنس منز یُس سارِوے کھوتہ موٗلُل سرمایہ وُنیکتام نظرِ گژھان چھُ، سو چھیہٕ اَمِچ شاعری۔ یوٗہَے چھُ سُہ شیشہٕ یتھ منز کأشُر قوم ہتہٕ بدبوٗ وری یوٚت پیٚٹھہٕ پننہٕ رۄحُک مس تہٕ پننہٕ ذہنُک گولاب پھیرِ پھیرِ ٹیٚراوان روٗدمُت چھُ، اتھ أنس منز چھہٕ کأشر زبان بولن والین ہنزِ ثقافتی زندگیہِ ہندی موٚمتاز خولِہ خط حرکت کران لبنہٕ یوان۔ تہٕ یوٗہَے چھُ سُہ ساز یمہِ چن تارن منز امہِ لوکٹہ موکٹہ قومُک درد و سوز، تہٕ ذوق و شوق، اُسندی شعوٗری تجربہٕ تہٕ غأر شعوٗری خاب، اُہندی عقیدہ تہٕ وسوسہٕ، اُسندی حُسن پرور جذبہٕ تہٕ احساس تہٕ اُہنز فکر تہٕ تخیُل، سأری راگ بٔنتھ گٕنگرأے کران چھہٕ۔

کأشرِ شاعری ہُندِس آغازس تہٕ امِکِس عہد بہ عہد ہیٚتھنس پوٚٹھنس مُتلق چھہٕ سأنی موٗلوٗمات وُنِہ تیٚتھی ناکأفی زِ واش کڑِتھ کتھ کرنہٕ چھیہٕ زن گھٹہٕ گژھان۔ یتھ کنہٕ چھیہٕ عام بأٹھی ژٕ دأہِمہِ صدی ہندِس نصفِ اخرس منز روزن وأجینہ مجذوب عأرِ فینو للہ دید کأشرِ زبأنی ہنز گوڈنچی اہم شاعر مانہٕ یِوان۔ مگر سُتیتھ ہَے وِچھو تیٚلہِ ہیکوٚنہٕ یہ اکھ کتھ تہٕ بلاخوفِ تردید وٗنتھ۔ اکھ اَدہٕ موکھہٕ زِ "واکھ" نادہٕ یُس کلامہٕ للہ دیدِ ہندِ ناوی گنزرِنہٕ یوان چھُ، سُہ چھُ پننہِ موجودہ ناہموار صوٗرژ منز سیٹھاہ مشکوک، کینژن واکھن ہنز زبان چھیہٕ حسبِ توقع سیٹھاہ پرأنی تہٕ سنسکرت آمیز۔ مگر باقی وارِہن واکھن ہنز زبان چھیہٕ بلکل اَزِچہٕ زبأنی سیتی رلان۔ زبأنی ہند یہ نوٚن پھیرِ چھُ یہِ بڑر نظرِ تل اَنِتھ بنیہِ ہن غور طلب باسان زِ "للہ واکھ" نادہٕ یُس کلامہٕ ازکل چھاپ سپدتھ اسہٕ برونٹھہٕ کُن واتان چھُ، سُہ چھُ للہِ ہندِ یمہِ عالمہٕ گُذرِنہٕ پتہٕ کینہہ سنے تہٕ پانژن ہتن ورین تام زبأنی زبأنی اکِہ پیٚرِ پیٹھہٕ شیرازہ۔

بێنِس پیرِہ تام واتاں رُود مُت، تہٕ پتہٕ ییٚلہِ وُہِمہ صدی ہِندِس اِبتدایہس منٛز جارج گریرسن تہٕ
ڈُسی اَتھ سوٗمبرن اسیٚز سعہ تہٕ سیٚز کُنہٕ قدیم تہٕ مُستند نُسخہ بجایہِ محض زبٲنی رِوایژٕ ہِندِس
بروٚسس پیٚٹھ۔ اغلب چھُ یِزِہ پانٛژن ہتن وُرِہِیَن ہِندِس اَتھ زیٚٹھِس کالس منٛز آسہِ ہے
اَتھ کلامس عملن عوامی اَدبُک ہیوٗ حال سپدان رُود مُت تہٕ اَتھ آسہِ ہے ترٲش کھاش تہٕ
تغیر تحریف چھ تمہِ عملہِ منٛزٕ گُذرُن پیوٚمُت ییٚمہِ منٛزٕ گُذرِتھ لُکہ ادب بنان بِگران چھُ۔ پیٹھہ
چھییٚہ یہ کتھ تہٕ زِ یوٚ منزہ چھہ وارِیاہ واکھ تِتھۍ تہٕ یِم زن اکی وِزہ لَل ویٚدہ ہِندِہ تہٕ تہٕندِس
کینٛہِس ہم عصر شیخ العالم شیخ نوٗرالدین ولی رح سنٛدہ ناوٕ گنٛزرنہٕ چھِ یِوان۔ یِتھیٚ لیوٚت زٕ، ہر گاہ
سُہ حال حالک تحقیق سیتۍ ثبوت پرادہ یُس اَتھ سِلسِلس منٛز آمین کامِل کران چھُ تیٚلہِ ما پییٚہ
اَسہِ لَل دیٚدہ ہِندِہ ناوٕ چھاپ سپدن والہِ کلامُک بیشتر حِصہ شیخ العالم رح سنٛدین تخلیقن منٛز
شامِل کرُن تہٕ تمیُک ماننہٕ گژھہِ اَسہِ پییٚہ لَل دیٚدہِ ہِندِس شاعرانہٕ مرتبس مُتعلق نوٚو سرٕ سوچُن۔

یہٕ صوٗرتِ حال چھِنہٕ لَل دیٚدہِ تہٕ شیخ العالمس ہے یوت سیٚتۍ مخصوص، حبہ خوتوٗن، یَس
اُسی کاشرہ شاعری ہِندِہ دوٚیمہ اہم دورُچ سارِوُے کھوتہٕ موٗمتاز تخلیق کار مانان چھِن،
تسُند حال تہٕ چھِنہٕ ہنہٕندہ نشہ کینٛہہ ژوٚر بیوٚن۔ اتہٕ تہٕ چھہ اُسی مختلف شاعری تخلیق کانسہٕ خاص
شاعرس کُن منسوب کران وِزہ جادہ پہن ہیٚرا زبٲنی رِوایژنے پیٹھ بروسہ کران آمتۍ تہٕ
پیٹھ چھہ مُشکل یِزہ یِمہ رِوایژ تہٕ چھِنہٕ ہم زبان۔ کیٚتۍ بٲتھ چھہ یِمن کانہہ شُرٲہِمہ صدی
ہنٛزہ حبہ خوتوٗنہٕ ہِندی تخلیق گنٛزران چھُہ تہٕ کانہہ اَرداہِمہ صدی ہنٛزہ اَرنہِ مالہِ ہِندی۔
یوٚت زِہ مرزا عارف چھہ حبہ خوتوٗنہٕ ہِندِہ ناوٕ گنٛزرنہٕ یِنہٕ وول اَکھ مشہوٗر تہٕ موعروٗف بٲتھ
"مالِنیوٚ ہو" تخلیق کرنک ٹھارہ کستاں کبر ناوِ دس گنڈُن یژھان۔ وارِیاہ بٲتھ چھہ تِتھۍ یِمن
مُتعلق کینٛژن حضراتن ہُند خیال چھُ زِہ تِم نہٕ چھہ حبہ خوتوٗنہٕ ہِندی تہٕ نہٕ اَرنہٕ مالہِ ہِندی بلکہ چھہ
تِم لُکہ ادبس سیتۍ توٗلُق تھوان۔

اِسنادکیٚ یِم اختلاف چھہ کُنہٕ کُنہٕ پیٚرو شاعرن ہِندِس سِلسِلس منٛز تہٕ ووتھان، اما پوٚز
یِموٚ کھوتہٕ چھییٚہ اَکھ بڈ دِقت، یِتھہ دِیمان کاشرہ شاعری پیٹھ یِکھ وُہرِتھ کانہہ تبصرہ کرُن
چھینہ مُشکلے یوت بلکہ قبل از وقت باسان۔ سون اِشارہ چھُ یِتھ پزرس کُن زِ یِمن شاعرن
ہنٛز اَسہِ پارِ زان سیٚز مژھ چھیٚہ، تِموٚ منزہ چھہ اکثر تِتھۍ زِہ تہٕندِہ کلامُک چھُ سیٚٹھاہے کم حِصہ
شیرازہ

زبٲنۍ زبٲنۍ اسہ تاں دوٚیمُت تہٕ یہٕ کینہہ رٕژھا پیوٚتاہ اسہِ کٔنہِ گوٚمُت چھُہ تمہٕ منزٕ تہٕ چھُہ مختص اَکِس قلیل حِصس چھاپُک حق حاصِل سپُدمُت۔ یہٕ کتھ ہیٚکَو ترٛوٲہِمہٕ صدی ہِندِس ژتِھ کنٛٹھس بیٚیہ وُہِمہٕ صدی ہِندِس رحمان ڈارس نام کم ویٚیشس سادِ سنٛے کٲشِرۍ شاعرن مُتعلِق وَنِتھ۔ کیٚتیٚن شاعرن ہُند حال چھُہ یِنٛہ وُمرہ وُمران نٔودٕ وٕنان ہُمراسہ برونٛہہ کنہِ چھُنہٕ تِہِندیو دوہیو دوہیو ژورٕ ژورٕ بٲتہٕ یا غزلہٕ سِواے کہِہیں تہٕ۔ مختلف شاعرن ہِندۍ چھہٕ ہتہٕ واد بٲتھ غزل تہٕ نظمہٕ زِہ گیوَن وٲلۍ چھہٕ گیوان مگر قلم بند چھُنہٕ کانٛہہ کران۔ دیوانن ہِندیو دیوان تہٕ کُلیاتن ہِنزِہ کُلیاتہٕ چھیہٕ لیٚکھِتھ پیٚمژٕ، یِمن ہُند کانٛسہِ کٲنہہ نیب چھُہ مگر کانٛہہ چھُنہٕ تِمن عام منظرس پیٚٹھ واتناوان۔ پیٚٹھہٕ چھہٕ تِہُنٛد تہٕ شاعر گُذریمٕتۍ، بلکہ چھہٕ کینٛہہ وِنہٕ تہٕ زِندہ، یِمو ساسہ بدۍ شار چھہٕ وَنِمٕتۍ مگر کینٛژو یارو دوستو وٕراے زانہٕ چُھ تِمن ناوہ کُنہِ تہٕ کانٛہہ۔

یُسلہ تحقیقُک تہٕ تدوینُک یہ حال آسہ، یُسلہ چھیِہ نبرِسے زِہ کانٛہہ تنقیدی سام ہینٛچ چھیہٕ سیٹھہِہ کم گُنجٲیش روزان۔ یُتےٚ یِیت نہٕ زِہ کانٛسہِ شاعرہ ہِنزِہ دیتٕژ (Contributions) تہٕ تِہِندِس فن کارانہٕ مرتبس مُتعلِق چھُہ وٕٹھٕ قرسان کینٛہہ وَنُن کرۍ ڈھسپدان بلکہ چھُہ امہٕ زبٲنۍ ہِندِہ شارہٕ سرمایہٕ چھہٕ کُلہم فنی اہمیتھ یا امِکِس کینٛسرس بٕجرس مُتعلِق اعتمادِہ سان کانٛہہ مُنصفانہٕ رٲے مُشخص کرٕنۍ تہٕ ناممکن باسان۔ یِمے چھیہٕ تمہٕ کینٛہہ وٕنٛچھہ پوچھِہ دلیقٕژ، یِمہٕ نظرِہ تل اَنِتھ کٲشِرہ شاعری مُتعلِق کتھ باتھ کرن وِزِہ اَکھ بیٚیہ پھیلوآمے گمِتۍ لوٚکھ تہٕ چھہٕ مجبور گژھتھ یا تہٕ پیٚٹھو پیٚٹھو تبصرن پیٚٹھ قناتھ کران تہٕ یا چھہٕ پننِس موضوعس زھوچرِ وِتھ امہٕ شاعری ہِنزن کینٛژن موضوعاتی یا ہَیتی خصوصیژن دٕ وٕکھنیاہ ہیکان کٔرِتھ۔ موجودہ صورتِ حالس منز ہیٚکو نہٕ اَسی تہٕ یِمو حَدو پیٚٹھۍ لانٛبھ تارِتھ کینٛہہ برونٛہہ نیرنُک دعوا کٔرِتھ۔ جادٕہ کھوتہٕ جادٕہ ہیٚکہ پی سپدِتھ زِہ یہٕ کینٛژھا کم یا ژوٚر سرمایہٕ اسہ برونٛہہ کنہِ دوٚیمُت چھُہ تمہٕ کِس نُمایندہ حِصس سام ہیوان کرو یہٕ وِچھینٛچ کوٚشِش زِہ کٲشِرۍ شاعر کتھ حدس تام چھہٕ پننیٚن داخلی تہٕ خارجی تجربن فنی حُسن و صداقت عطا کرنس منز کامیاب سپدۍ متۍ۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِہ جدید شاعرن ہِندِس سِلسلس منز بُتھہ پیٚہ واجِنہٕ دلیقٕژ چھُنہٕ یِیژٕ ہمت آزماو، تِمن مُتعلِق چھیہٕ ہنا گنڈ وُتھی تراوِتھ کتھ کرنٕچ گُنجٲیش تہٕ تمہٕ منزٕ چھُہ کینٛژن ہِنزن امتیازی خصوصیژن ہِنز نِشان دِہی کرٕنۍ تہٕ تِہنز انفرادی دیٚتھ

تہ تہنٛدِ شاعرانہٕ مرتبہ موٗین کرُن مُقابلتن کم دشوار، مگر تہنٛدِ برونٛہہ مہ کینٛہہ شاعرن مُتلق لیچھ تہ کانٛہہ کٕلہم مولانکوٗنی ( Valuation ) ہنز کوشش سپدٕ، تمچ نوعیت ہیکہ فلحال محض ضمنی تہ عارِضی یی رُوزِتھ۔

کأشرِ شاعری پیٹھ تبصرہ کرن والین اندر چھُ عام طور یہ رجحان کارفرما باسان زِ تِم چھِ ییٚنٛہ جادہ پہن توجہ امہِ شاعری ہندِس پوٚت منظرس، امہِ چہِن خارجی خصوصیژن تہ امہِ کِس عام موادس پیٹھ صرف کران۔ "للہ واکھن" پیٹھ لیکھن وِزِ تِلوٚن تِم مِثالے تِمن مختلف سیاسی، سماجی، اقتصادی تہ مذہبی حالاتن، واقعاتن یا شخصی ترایَن ہنز کتھ، یِم زَن تہندِ کنہِ امہِ شاعرانہٕ کارنامہٕ کِس پوٚت منظرس منز کأم کران رُودِمتہِ چھِ۔ تِم وَنَن اسہِ زِ "للہ واکھن" ہُند گرست ( Pattern ) کیاہ چھُ (مگر تیتہِ سیٹھاہ محدود مفہومہ کنہِ) تیزَن گوو اَتھ کُس مصرعہ چھُ آسان، قافیہ بندی ہنز صورت کیاہ چھِس آسان یا اتھ منز کُس بحر یا وزن بیترِ چھُ وَرتاونہٕ یوان۔ "للہ واکھن" ہندِ "ماخذِ مطلیچ" وضاحت کران یِیہ مختلف فِکری ترایَن تہ فلسفیانہٕ تحریکن سیتؠ تِمَن ہُند رِشتہ رَلاوُنچ کوشش کرنہ۔ بحث یِیہ کرنہٕ زِ عملی زندگی منز کیاہ اِفادیت چھیہ تِمن یا یِیہ تہندِس مشہور مقبول آسنس پیٹھ خوشی ہُند اِظہار کرنہ۔ جدید دورِ کِس شاعر عبدالاحد آزادس پیٹھ بیٚہن لیکھنہ تہ ییٚنٛہ سورُے زورِ قلم خرچاوَن یہ ثابت کرنہٕ بابت زِ تس نِش چھُ طبقاتی شعور، تہ ترقی پسند خیالن ہُند نِشہِ وانہٕ اِظہار سپدان۔ اَتھ چھُنہٕ کانٛہہ شک زِ تحقیق و توضیح یہ کأم چھیہ ییٚنٛہ جایہ سیٹھاہ ضروری تہ کانٛہہ ادبی تخلیق مولونہٕ وِزِ چھُ امہِ قسمُک پَے پتاہ تہ بکار لگان مگر ییتھ صحی پأٹھۍ تنقیدی مُطالعہ ونو، سہ تہٕ چھُ یِمو کتھو پیٹھ شروع سپدان تہٕ نہٕ چھُ چھِراینے کتھن پیٹھ اَند واتان۔ نقادن ہنز گوڈنچی کأم چھیہ یہ وُچھُن زِ امایس چیز تس زیرِ مطالعہ چھُ، سہ چھا سیٚزِ پٚزِ ادب کِنہٕ نہٕ۔ تہ اتھ کتھہِ ہیکہ صرف ادبی تہ جمالیاتی کَہ وچھ پیٹھے کَہ لگتھ۔ غأر ادبی کَہ وچن پیٹھ کأر رٕٹھ چھنہٕ تس تہ ناکارہ شارس منز فرق کرنی مُمکنے۔ سیاسی تہ سماجی پوٚت منظرِ کم یا جادہ ہشرِ باوجود چھیہ چاسر تہ گوور، غالب تہ ذوق یا لل دیدِ ہنٛدِس تہ شیخ العالم رحہ سِندِس کلامس منز زمین آسمان فرق، اَکی شخصیژ ہندی یادا وادا سِتھ تہ چھنہٕ محمود گامیو یا مہجور نی لیکھی متی ساری چیز ادبُکس زمرس منز شأمل سپدِتھ ہیکان۔

چھِرا طبقاتی شعور تہٕ ترقی پسند خیال ہیٚکن نہٕ عبدالاحد آزادنہِ شاعرانہٕ بجرِ چ دلیل بنِتھ۔ ہیٚرِ کنہِ کوٚر اَسہِ اِشارہ ِزہ کأشِر شاعری چھےٚ کأشرِ قومُک داستانِ حیات، ہرگاہ کنہ بِتہٕ ِرے یا تہٕ آسہِ ہے تیلہِ واتہے نہٕ یہِ مقالہ لیکھنَس شاید نوبتھے۔ تہٕ کیازِ چھِرا داستانُک حُشوٕ پۆٚتھٕ منز (یمہِ سٕہ داستان اُسہِ تن کوتاہ تہٕ پوٗز) ہیٚکہِ نہٕ کانہہ تہٕ تحریر ادبی تنقیدُک موضوع بنِتھ۔ یہٕ اگر ہُنی کین کأشرِ شاعری ہِندِس موضوعس مُتلق کینہہ لیکھنُک بوٗد تھچھُس کران، مینٛہ چھےٚ حداصل سٕہ سوٗرنٛد بخش احساس آمادہ کران یُس زن یہِ شاعری پران پران مینہِ منز بیدار سیداران چھُہ رٕدمُت تہٕ اتھ منز چھےٚ سٕہ جمالیاتی تسکین کار فرما، یُس فنُک بیٚنہ بدل عنطویہٕ گنٛزرنہٕ لِوان چھُ۔ اُسہِ ہیٚکو نہٕ یہ وٕنِتھ زِ کأشِر شاعری کیاہ چھیٚہ کانہہ بڈٕ شاعری۔ یمن ذوقہٕ والین مِثالے یوٗنانی یا انگریزی ہ شاعری ہِندِ تھزرُک، تمہِ چہ کُشادگی تہٕ رنگ بستگی ہُند احساس آسہِ، یمن اطالوی یا جرمن شاعرن ہِندۍ شہکار نظرِ گمتۍ آسن، یمن فردوسی تہٕ رومی یا حافظ تہٕ غالبس ہِوین شاعرن ہنز پاٚرہی زان آسہِ حاصِل سپٕزمٕژ، تمن بر ونہہ کنہ چھیٚہ بجرِ چہ کیتھ کرن وِزِ سبٕٹھاہ احتیاطس تہٕ تۆلس کأم ہیوان ہیٚنۍ۔ تاہم ہیٚکو یہ کیتھ خوفِ تردیدہ ورأے وٕنِتھ زِ سیٹھاہے نامساعد حالاتن منز گُذران کرِتھ تہٕ یہِ کینژھاہ کم یا ژۄر سرمایہ سانیو شاعرو بطورِ وراثت اَسہِ کیٚتھ تروومُت چھُ، تتھ منز چھےٚ یہ قوت زِ سٕہ دیہ انز تہٕ سائنس دِلس دماغس منز فرحت تہٕ آگہی ہنزلن تارن زِیہ تہٕ سائنس وٗجودس کرِہ تمہ لطافتہٕ سان تہٕ تیوتھ سُنی پأٹھۍ متأثر زِ شایدے ہیٚکہِ کانہہ دوٚیِم زبان تمہِ کِس تأثیرس وأتِتھ۔

کأشرِ شاعری ہندین نمایندہ تخلیقن ہُند بیشتر حِصہ چھُ غِنائی۔ غِنائی شاعری تلہٕ چھُ مُراد سٕہ تخلیق یتھ منز شاعر پننِس کُنہِ داخلی احساس یا کیفیژ ( Mood ) شاگری اظہار بخشان چھُ۔ یہِ اظہار ہیٚکہِ براہِ راس تہٕ آسِتھ تہٕ بلواسطہ تہٕ۔ بعضے چھُ شاعر پنُن کانہہ احساس یا کیفیت سیٚدھۍ پأٹھۍ ظأہر کران تہٕ کُنہِ وِزِ چھُ سٕہ امہِ اظہارہ باپت کُنہِ خأرجی منظرِچ یا حالژ ہنزِ عکاسی ڈکھہ رٹان، تہٕ بعضے چھُ تتہٕ بنان زِ سٕہ چھُ پننین مختلف ذأتی تجربن تازہ کرِتھ پنُن تخیُل وٕڑہ نأوِتھ پانس بدون بیٚیہ کأنسہِ ہندِس احساس یا کیفیژ شارک، وٗجود عطا کران۔ غِنائی تہٕ غأر غِنائی شاعری چھنہٕ

پتھ کُنہٕ کانٛہہ بُنیادی تہٕ اصلی فرق آسان، دوشونٛی منٛز چھیٚہ ذکرِ احساسچ شِدت کار فرما آسان، اما یوٚزٕ گوڈنچہِ منٛز چھُ چونکہ خالِصتن کُنہِ احساسُک یا کیفیژ ہُند اظہارٕ ے شاعرٕ سُند فوری مطمحِ نظر آسان تہٕ چونکہ یہِ اظہار چھُ کمہ کھوتہ کم خارجی ڈٕکھو ژھاران، لہاذا چھُ غِنائی تخلیق عموماً مِن ژھوٚٹ تہٕ موختصر آسان۔ تہٕ اتھ منٛز چھُ شاعرس لہجہِ چہ کھسہ وَسہِ ہُند، لفظن ہندِ مشکُک تہٕ یہنٛزن ژھایَن گرایَن ہنٛد، تہٕ آہنگُک تہٕ ترنمُک حدٕ ووٚدس چھس پیوان تھوٚن، یا وُنی تو یتھہِ پاٹھو زہ اکس کامیاب غِنائی تخلیقس منٛز چھیٚہ امہ قبیلہٕچن جادٕ کھوتہ جادٕ خصوصیژن دِلاویزہِ طرٕ وٚن سپدان، تیتھہ کُنہٕ زہ زیرِ نظر احساس یا کیفیت چھنہٕ بیانٕے یاژ سپدان بلکہ چھیٚہ سو تیتھہِ پاٹھو تخلیق سپدان زہ پرن یا بوزن وول تہٕ چھُ تو فیقہٕ موجُوب تمچ شِدت محسوس کران تہٕ محسوس کران چھس تتھ لُطفس تہٕ حظس تہٕ ٹوٚری پھوٚلان یُس فنکُک خاص خاص عُلمہٕ یہٕ چھُ آسان۔ کاشرِ زبانہِ ہندِس شارٕ سرمایس منٛز چھُ تیتھی کاٹیاہ بیٚہ مول تخلیق یِمن منٛز احساس تہٕ کیفیژ پوٗرٕ شِدتہٕ تہٕ لطافژ سان وُیراے کران چھیٚہ۔ یِمن احساسن تہٕ کیفیژن ہنٛدی موحرک چھ مختلف زمانن منٛز مختلف رُودی ہیتھ۔

موجُودٕ دورٕ برونٛہہ ییٚ چھِ غِنائی شاعری منٛز زٕ موحرک حاوی رُودی ہیتھ ——— مذہب تہٕ وول۔ مذہبی موحرک تلہٕ چھیٚہ مُراد سو صورتِ حال یوٚسہ انسانس ہینٛہٕ ذاژ، پانس اندٕ یکھو کائناتس تہٕ ممکنہ ماورائی قوتن ہنٛزہ حقیقژ تہٕ منٛشہٕ مدٕہس سِتھ توٗلُتھ وان والیو سوالو خیالو، مشاہدو تجربو، کشفہ تہٕ وجدانہٕ یا وہمو عقیدو دُسی جذباتی لحاظہٕ وتلس دِوان چھیٚہ۔ تہٕ وولہ تلہٕ چھُ مُراد سہٕ دِہی کرٕ وُن ہزار شیوٕ موحرک یتھ زکس تل جِنس چھُ آسان سرگرمِ عمل تہٕ یمیٚک چھیکرُسی اند دون وجُودن ہُند وصل آسان چھُ۔

موجُودٕ تحقیق نظرِ تل رٔژتھ ہیکون اسو کاشرٕ شاعری ہنٛدٕ گوڈنکی دورُک سارٕنی سر تخلیق "للہ واکھ" "گنزرِتھ۔ "للہ واکھن" ہنٛد بُنیادی موحرک چھیٚہ سو صورتِ حال یتھ امہِ مذہب ناوکوٗر تہٕ ذاژ نوعیژ لحاظہٕ ہیکو امہِ کس بہترین حصن غنائی وُنتھ۔ تاہم چھیٚہ "للہ واکھن" ہنٛزہ غنائیژ تہٕ مِثالے اُردٕ نہ مالہٕ ہنٛزہ غنائیژ اکھ اہم فرق تہٕ ہرگاہ سو نظرانداز کرنہٕ ییہ "للہ واکھن" ہنٛز صحی قدر دانی حدٕ رٔس مشکل۔ یہ فرق ہیکہ مثالہِ سِتھ واضح سپدِتھ:

میٚہ شوقہٕ یارٕ سندٕ برونٛہہ مَس پیالہ تہٕ آلو دِتو مے

تَرٕ ہِنٕز مرگے تہٕ وَسہٕ وِنٕز بالہٕ تہٕ — اٰہی نیتوسے
کیاہ کرٕہ ہِنیہ نم ہرہِنٕز ژھالہٕ تہٕ — آکو دِیتوسے
قندٕ تۆُسے نابدٕ برٕو مَس ہتالہٕ تہٕ — رنگہ رنگہٕ نیتوسے
جود گوم عشقنُ دود کیتھٕ ژالہٕ تہٕ — آکو دِیتوسے

(اَرہِ نِہ مال)

جُدائی ہُند اکھ بیٚہ سو کھ احساس تہٕ وصلک اکھ وُپھ وُن شوق، یمیُک براہِ راس تہٕ سیٚدی پأٹھی اظہار سپُدمُت چھُ۔ اکھ لولہٕ مُت چھیٚہ یوسہ دِلبرُک دود للوان تہٕ ہِنٕس یارس ژھاوان مرگو چھیٚہ تران تہٕ باکو چھیٚہ وسان۔ یمہٕ پیٚنُن مدُن رُنز وِنٕز بابت پیالن مس تہٕ تھالن نابد بری برٕ چھُ تھووُمُت۔ ژوُد تسُند محبُوب، سُہ چھُ پنٕنہٕ یژھن واجنہٕ ہندہٕ دادہٕ تہٕ شوقہٕ نِشہ بیٚہ خبر ہرہِنٕز ژھالہ نِوان پنٕنِس حالس منٕز مس۔ ژھارن واجنہٕ چھُ پنٕنہٕ نارسائی ہُند شدید احساس تہٕ دوہ ندس چھُس دیدارُک اموُب شوق، توَے تہٕ چھیٚہ وُپن سُدرن زارہ پارہ کران زِہ تو ہی ہے پلہٕ دِہ تہی دِیتوس آکو، میأنی اٰہی نیتوس، من رُنز وِنکی یِم سامانہٕ وا آشناوی توس۔ اٰہی نیتوس، آکو دِیتوس —— اکھ احساس چھُ یُس سیٚدہٕ سیٚود طریقہ تہٕ ناو ہیتھ اظہار چھُ سپُدمُت۔ "للہ واکھن" منٕز تہِ چھُ احساس تہٕ جذبن ہُند اظہار سپُدمُت تہٕ سیٚٹھاہ شدید اَنمانہٕ تہٕ بڈٕ سۆن پأٹھی۔ مگر اَمہِ یَتھ امتیأزی خصوصیژ کُن توجہٕ یژھان چھِ پھرُن سو چھیٚہ یِزٕ "للہ واکھن" منٕز چھِنہٕ فی نفسہی کُنہٕ احساس یا جذبچ ترجمانی سپدان بلکہٕ چھُ تتہٕ احساس آسان یأدا وار اکہٕ شدید تہٕ برٕہہٕ وِنٕز فکری عملہٕ ہُند، اکھ ترٕتھ فکر یتھ منٕز تجربُک جوش تہٕ قُربت تہٕ کشفُک تہٕ خابُک سۆرُور آسان چھُ۔ مانٕ مفہوم کہٕ اعتبارٕ ہرگاہ وچھو تیٚلہٕ باسن "للہ واکھ" شومت ناوہٕ کہٕ اکہٕ خاص فلسفُک، ترک و ریاضتُک ہنٕزہٕ حقیقژ تہٕ خصوصیژ تہٕ کینژن صُوفیانہ پزرَن ہُند بیان، اما پۆز امہٕ سۆبر زٕ ہندین بہترین واکھن منٕز چھُ یہٕ فلسفہ تہٕ یِم پزرَ محسوس تجربن ہنٕز صورت لبان یا وُنی تو یِتھہٕ پأٹھی زِہ یِمن منٕز چھِنہٕ خیال پھرا خیال روزان بلکہٕ چھُ اکھ شدید احساس بنان۔ پھرا خیالچ ہَشِ یُژ منٕز ہیٚکہٕ امہٕ کِس دُرُس یا نادُرُس آسنس مُتلق اختلاف تہِ اٰسِتھ، مگر "للہ واکھن" منٕز یِیٚلہٕ یِہ ہے خیال شاعری احساس چھُ بنان، اَمِچ صداقت چھیٚہ سپکہٕ سپدان۔ بلکہٕ چھُ اکہٕ لحاظٕ اَیژِ کُ تہٕ پزرُک سوالے یہٕ دُپہٕ زِہ تہِ غأر مُتلقہ تہٕ غأر ضروری بنان :

آہہ ینہٕ سوٗدرس ناوِ چھس لمان

کتہٕ بوزہٕ وَسے میون میٹھ وِیرِ تار

آہن ٹاکین پوٗف چھم شبہان

زوٗ چھم برہمان گرہٕ گرٕ ہا!

نثری مفہوم چھ یُس یتے یوت زِ مذہب کین رسمی ہدایتن پیٹھ عمل کرِتھ منزلِ مقصودس تام واتنچ کوشش چھیہٕ بیٚہ فائدہ۔ مگر وچھو اُتھی خیالس کتھہٕ کنہٕ چھہ فکری عملہٕ ہنزِ رہبرائیہ اکھ پرٕسوز تہٕ بیہ سو کھدائی احساس بنوومُت۔ آتھ چھنہٕ اِدراکس تہٕ احساسس تہٕ جذبس تہٕ فکرہٕ پانہٕ واٗنی سہٕ دوٗر بہ روزان ییہٕ کنہٕ خیال تہٕ خیالس بیان کرن وول استعارہ یا تشبیہہ اکھ اکس نشہٕ ژھینہٕ چھہ گژھان۔ بیتھین شارن منز چھ ادراک تہٕ احساس تہٕ جذبہ تہٕ فکر اکھ اکس منز تتھہٕ کنہٕ سرٕ نیتھ گژھان زِ خیال چھن استعارہ کی ذریعہ لبنہٕ، پرنہٕ ناوِ تھ تہٕ بیان کرِتھ ہیکان۔ یہ گیہ فکرہ ہنز تہٕ احساسیچ سو صلاحیت یوسہٕ اکس فلسفیانہٕ خیالس تہٕ رہبر ہندِ تہٕ رکی یا شبنمکہ شیہجارکی یا اُتھ محسوس چھیہٕ کران۔ "لل واکھن" ہنز اکھ اہم خصوصیت چھیہ یہ زِ یمن منز چھنہٕ کانہہ ذہنی حالت یا کیفیت "بیان" کرنہٕ یوان بلکہ چھہ لفظن ہنزِ صورتہٕ منز تمہ حالژ یا کیفیژ ہند مُرادِف تخلیق کرنہٕ یوان۔ مثلاً نیتون یہ واکھ:

نابدی بارس اٹہٕ گنڈ ڈیوٗل گوم

دیہہ کاڈ ہیوٗل گوم ہیکہٕ کہیو

گورہ سند ونُن راوَن تیوٗل پیوم

پہلہٕ رٕوس کھیوٗل گوم ہیکہٕ کہیو

یژھو ہے تہٕ اسی ہیکو امیک مانہٕ یتھہ کنہٕ تہٕ بیان کرِتھ زِ کانسہٕ شخصس ہرگاہ "حقیقتِ اصلی" ہنز ژھر نژر تہٕ وِرینٹھ ییہٕ تسندہٕ خاطرہ چھیہٕ دنیہچ پرہیتھ کانہہ دِل فریبی کلہ دود تہٕ وبالِ جان بنان۔ مگر یہ گیہ تژھی ہش باسنی کرنی یتھ زن کانژھا گوو لانیچ نرمی تہٕ نزاکت، تمیک شاداب رنگ روٗپ تہٕ تمیچ شیچ خوش بوے سوروٗے نظر انداز کرِتھ فقط یتے یوت مولوٗم کرنچ کوشش کرِہ زِ علمہٕ نباتاتس منز کُس خاص ناو چھُ اتھ پوشس کرنہٕ آمُت۔

زیرِ تبصرہ واکھن منز چھنہٕ خیال بحیثیتِ خیال پیش سپدمُت بلکہ امہٕ خیالہ سیتی ییہٕ ذہنی

شیرازہ

حالژ ہُند تجربہ مُصنِفس سپدمُت چھُ تمی ذہنی حالژ ہُند چھُ استعارٕی تخلیق سپدمُت، تیمہ تخلیق ژِ اُسی تہ چھ پَرن وِزِہ تمہٕ ذہنی حالژ ہُند کرب تہ اضطراب تخلیقی طور محسوس کران۔ خیال، احساس تہ مشاہدن، کیفیژ بناونچ یہ عمل چھیہ بوژ کِنہ کین واکھن منز تہ لبنہٕ یوان:

| | |
|---|---|
| آیس وَتے تہ گیس نہ وَتے | سُمَن سوتھِ منز لوستم دوہ |
| چندس وُچھم تہ ہار نہ اَتھے | ناوہ تارس دِمہ کیاہ بو |

---

| | |
|---|---|
| دِیہچ لرہ دارہ بر تژ پرم | پرانہٕ ژور رٹم تہ دِتمس دم |
| ہرِدیچ کوٹھرہ اندر گنڈم | او مکہٕ چوبکہٕ تلمس بم |

---

| | |
|---|---|
| لولکِہ وو کھلہٕ وأنیج پشم | کوکل ژجم رُوژس رہ |
| بُزم تہ زاجم پانس ژشم | کوہ زانہٕ تمہٕ سیتہ مرہ کِنہ لیہ |

---

| | |
|---|---|
| پوٚت زوٗنہٕ وُتھتھ موٚت بولہٕ لووُم | دگ للہ ناووم دیہ سنزہ پژہے |
| لُلی لُلی کراں لالہ وُزہ نووُم | میلتھ تس مَن شرووُ یوم دہے |

---

| | |
|---|---|
| دمہٕ دمہٕ کورمس دمن ہالے | پرزلیوم دیپھ تہ ننیم ذاتھ |
| اندریم پرکاش نیبر ژھوٹم | گٹ رٹم تہ کرمس تھپھ |

---

| | |
|---|---|
| لل بو ژایس سومن باغہ برس | وُچھم شوس شکھتھ میلتھ تہ واہ |
| تتی لے کرم امربتہ سرس | زندے مرس تہ میہ کرہ کیاہ |

جذبچ تہ فکرِ ہنزہ امہ رٹہکارِیہ تہ ادراکہ تہ احساسچ امہٕ وحدژ سیتی چھیہ "للہ واکھن" منز بیٚنہٕ زِہ[2] توجہ طلب خصوصیژ ووپدان۔ اکھ آیہ بروٚنہہ قیمن ژینہٕ وُنی دِنہٕ۔ یعنے بامے خیال اُمسی یا تجربہ، حالت اُسن یا کشف (Vision) ساژی چھہ حِسیاتی زبانی منز ادا سپدان۔ اَمی کنہٕ چھہ اُسی "للہ واکھن" منز تشبیہن، استعارن تہ تشبیہن

شیرازہ

( Images ) ہنز فراد آنی لبان۔ یہ خصوصیت چھیٔ "للہ واکھن" ہندِس تتھ حصس تہٕ کنہِ حدس تام وُسوٲری تہٕ دِلکشی عطا کران، یمِن منز بیانُک انداز توضیحی تہٕ دٲعظانہٕ چھُ۔ دۄیِمہِ خصوصیژ ہیکو اَسی تخیلُک ووٚتھ دُبھاےٚ ناو کرِتھ یمہٕ کِنہِ دُسرِ اَکھ ہیے واکھس منز بظاہر نہٕ رلہِ وٲنیِن تشبیہن تہٕ اِستعارن گیڈ چھیٔ گژھان، اما پوٚز یمن بظاہر بیٚنہ واتُھ تہٕ بےٚدون اَجزاہن چھیٔ یہ ہندِس ژۄکس تل کاٲم کرن والہِ ایحساسُک شِدت تہٕ وحدت مٲرِ مَنٛدیُت تہٕ وُسوٲری عطا کران :

ہیچہِ ہارنٛجہِ پنیٚژلیو کان گوم | اَکھ حِیان پیوم ییٚتہٕ راز دانے
منز باگ بازرس قُلفہ رُوس وان گوم | تیٚر یتہٕ رُوس پان گوم کُس مالہِ زانے

---

ژالُن چھُ مَنٛدِ نین گٹہ کار | ژالُن چھُ دُزہ مَلہِ تہٕ ترٛٹے
ہیتہٕ مالہِ سنتوش، واتی یار | ژالُن چھُ پان کڈُن گرٛٹے

---

یِیٚلہِ میٚہ اَنٛزاہ ہہ دِیُمس تاو | سوین دراو وُہنہٕ تہٕ ٹل گوو دُبھتھ
یِیٚلہِ کِٹھ کوٚش ژُول نِشہٕ رو دراو | کترُ زن گیس لولہِ وبِگلِتھ
یِیٚلہِ ژُہ پتس پیٚو بوتس ناو | ٹل بو رُوزس تیسلہِ شہلِتھ

صوفیانہٕ تجربن تہٕ خیالن شاعرک وۄجود عطا کرنٕچ کوشِشِن چھُنہٕ "للہِ واکھنے" پیٚٹھ گوٚل پوان ہیٚنہٕ۔ یتہِ کُنہٕ زن گوڈے وَننہٕ آو مذہبی موحرک چھُ کٲشرِ شاعری ہندِس اَکِس وارہٕ ہس حصس ژۄکِس تل کاٲم کران۔ چنانچہ یہ آواز چھیٔ ژۄداہِمہِ صدی ہنٛزِ للہِ نِش نیرِتھ کنُوہِمہِ صدی ہندِس سوچھہِ کرالس، رحم صابس، شکر رٕیشِس، پرمانندس، نیامہ صابس، شاہ قلندرس، شمس فقیرس تہٕ رحمان ڈارس نِشہٕ پھیرِتھ وُہِمہِ صدی ہندِس وہب کھارس، احمد بٹہٕ وٲرِس، وازہ محمودس، حقانیس، زندہ کولس، صمد میرس تہٕ آحد زرگرس نِش تہٕ مختلف شہو تہٕ لہجو کنہٕ گژھان۔ مگر "للہ واکھن" تہٕ تمہٕ پتہٕ مہ چہ بیشتر صوفیانہٕ شاعری ہیٚنکہِ کینہٕ زن خصوصیژن ہیٚش نظر فرق سپدِتھ۔ گوڈنیتھ پزہ اِدراکُچ تہٕ ایحساسُچ پوٚسہ وحدت تہٕ شِدت "للہ واکھن" منز جایہِ جایہِ نظرِ چھیٔ گژھان۔ پتہٕ مہ شاعری منز

چھیہ تہِ تمِچ کمی باسان تہٕ واقعہ چھہٕ یِزہ امی بُنیادی کوتاہی سبب سپدٕ زِ پتہٕ مِس کانٛسہ تہٕ صوفی شاعرہ سندِس کلامس "للہ واکھن" ہنٛد ہیو جلال تہٕ جمال نصیب۔

شیخ العالمس رح کُن یِم "شرُکھ" منسوب چھہٕ کرنہٕ یِوان، تِم تہٕ چھہٕ ظاہری شکلہِ مُورُز کنہٕ "للہ واکھن" سیتی رلان۔ موضوع کہِ اعتبارہٕ تہٕ چھہٕ دوشوٛنی کانٛفی ہشر۔ مگر یِمہٕ اگر چھہٕ تہٕ سہ چھُ یِی زہٕ اکھ چھہٕ دُہرٕ ون تیوٚنگُل تہٕ بیاکھ سوٚرہ ہُرٕ تیمبر۔ اُسہ چھِنہٕ شخصیژن ہنز کتھ کران، کتھ چھیہٕ شاعرانہٕ صلاحیژن ہنز۔ ادبی تنقید چھہٕ کانٛسہِ شخصہٕ سندین مشاہدن تہٕ تجربن، فکرہ تہٕ علمہِ یا کشفچ تہٕ وِجدانچ اہمیژ ہنٛد اندازہ تمن ہنٛدہٕ ادبی اظہارہ تلئے کران۔ کنہِ شخصیژ ہنٛد ادبی اظہار یوٚت فارٕ ساختہ ( Genuine ) زِندہ تہٕ دُسوار تہٕ یوٚتاہ آگہی بخش تہٕ فرحت انگیز آسہِ، ادبی دُنیہس منز یِیہِ تمہِ شخصیژ ہنٛد مرتبہ تیوٚتُے تھود تصور کرنہٕ۔ "للہ واکھن" تہٕ شیخ العالم رح سندین شرُکین ہنٛدِس فکری تہٕ تجرباتی پوٚت منظرس منز اُسہِ تن کوتاہ تہٕ ہشر مگر پوٚت منظرس منز پیٚمتی موضوع فنہٕ کِس پروٚنہہ منظرس تام واتناوان واتناوان یُس پیٚرہٕ دوٚن ہنٛدِس اظہارس منز پاۓدہ گومُت چھہٕ، تمن موضوعن ہنٛد ادبی معول سیدِ ستے پیٚرہٕ مدِنظر تھٕتھ موین۔ اتھ منز چھِنہٕ کانہہ شک زِ "للہ واکھن" منز تہٕ چھہٕ واریاہ واکھ فکرہ ہنزہٕ تُس روی تہٕ احساس کہِ ہنٛد ریاکی شکار گمُتی۔ مثالے یِم واکھ:

اسہِ پیٹھ ندہٕ زوسہٕ زامہٕ نینٛچھے سنان کرٕتھ تیر تھن
دُہری دہرس نوٚنے آسے نشہٕ سپُھے تہٕ پرٕ زانتن

---

رنگس منز چھے بیوٚن بیوٚن لیٚنُن سوٚرے تہٕ الکھ بٕرکھ صوکھ
ژکھ، رِشس تہٕ وَیر گالکھ اِدہٕ ڈیشکھ شوہ سُنٛد موکھ

تہٕ یِتہٕ چھہٕ صحی زہٕ شیخ العالم رح سندی کینہہ شرُکھ چھہٕ جذباتن ہنٛد دٕچھُ وُشنیر لبتھ "للہ واکھن" ہنٛد ہیو جوش تہٕ جولانی پراوان۔ مثالے یِم شرُکھ:

عشق چھے کُن گوٚبرٕ ماجہ مرُن سوے زونہِ کرے تہٕ کیاہ
عشق چھے گنہٕ تکرٕ بویان برُن سوے سوکھ برے تہٕ کیاہ

---

کینژن دِتُکھ تورَے آلَو — کینژو رٔچ یہِ نالَے وۄتھ
کینژن مَس چیتھ اُچھ لٔج تالَو — کینژن پیٚتھ گیٚے بالَو کھۄتھ

ژُنڈُن ژٕرِتھ ارکھور ستوٗ گمُو — مارخور لوٗگمُو نفسِ شیطان
وَہ باژرِ چھیتھ ستۍ کتھہٕ ڈوگمُو — تی ڈیٖٹ کوٗرمُو تہٕ مورُمُو پان

لیکن کلہم پأٹھی ہیکو وُنِتھ زِہ "للہ واکھن" مقابلہ چھِہ شیخ صأبنۍ رح "شرُوکھ" مُکانہہ زِندہ تجربہ تخلیق کرنہٕ بجایہ تتھ مُتعلق یہِ وُنِتھ زِہ تہٕ اکھ یاداشت یا تمہِ تجربہٕ منزہ کوٗڈمُت کانہہ سبق آموز نوکتہ پیش کران۔ یوٗہے وجہ چھُ زِہ ییتہِ "للہ واکھ" پران اُسہِ تمن منز تخلیق سپدی متین تجربن یا ذہنی حالژن منز پنُن پان شریک ہیکو لبان چھِہ، تتہِ چھِہ شیخ صأبنۍ اکثر شرُوکھ یم سائنس ذہنس چھُہان تہٕ چھِہ ضرور، مگر دِلس منز چھِنہٕ ہیکان وٕسِتھ یمن شرُوکین منز یمہٕ تشبیہہ یا اِستعارہ چھِہ تمو منزہ چھُہ اکثر ہُند رول تخلیقی کھوتہٕ جاوِہ توضیحی، تِم چھِہ تمثیل پیش کران، علامت چھِنہٕ ہیکان بنِتھ۔

شیخ صأبنین اکثر شرُوکین ہُند انداز چھُہ معلمانہٕ ( Didactic ).
یوٗدوَے اتھ منز چھِنہٕ فی نفسہٖ کانہہ عأب، خود لَلہِ ہندین کتین واکھن چھُ یوٗہے انداز، دُنیہِہکِس عالمی ادبس منز تہِ چھِیہٕ امہِ قسمچہِ مثالہٕ موجوٗد، اما پوز بُنیأدی سوال چھُ سُہ خیالچہِ سنجیدگیہِ دِلک گداز عطا کرنک، تہٕ یوٗہے گداز تہٕ وٕگلُن چھُہ ییمہِ شیخ صأبنین شرُوکین منز نِسبتن کمی چھِیہٕ باسان۔ خأر شرُوکین منز چھِیہٕ توتہٕ عقل کُنہٕ کُنہٕ عشقکۍ آداب ہیچھانۍ مگر تہِندِس باقی کلامس منز چھِیہٕ اِدراکچ تہٕ احساسچ پانہٕ وأنۍ ووپرأزی ہنا جادَے گوباِن، یتھِس کلامس چھُ شار وَننہٕ بجایہِ "موزوٗن کلام" ناو کرُن زیادٕ مُناسب باسان۔

شیخ صأبنِس رح پتہٕ صوفیانہ شاعری تہِ چھِیہٕ بڈٕہ ناہموار لبنہٕ یوان۔ باسان چھُ زِہ فکرہ تہٕ جذبکۍ ییمی باہمی دوٗرِ رہ ستی شیخ صأبنِس رح فنس گرِون ہیکو لوگمُت اوس سُہ چھُ پتہٕ بیشتر صوفیانہ شاعری بیٚہ رس خیال بأفی، بناوٹی نوکتہ سنجی تہٕ بیٚہ توژھ ریٚژھ ہِندِس سندِ ارسس منز ورکاوان۔ تِتھی چھِہ کأتیاہ تحریر، یِم ممکن چھُ وزن تہٕ آسہِ تہٕ قافیہ شیرانہ

بیترِ تہٕ مگر یمن منز نہ کنہٕ پٔرٕ کشفیح تہٕ تجربیح ڈیمہٕ اسے کنٕن گژھان چھینہٕ تہٕ نہ چھہ کنہٕ جذبک تہٕ احساسک وشنیر محسوس سپدان۔ چھرا چھینہٕ اورہ یورہ بوزہ مژہ کتھہ یمہٕ پھِری پھِری استعمال کرنہٕ یتس تہٕ گیہ آہتس اندازس منز بیان چھینہٕ یوان کرنہٕ۔ نہ چھہ لفظن ہندہ ورتاوہ یا ترٲشہٕ کھاشہٕ تلہٕ کنہٕ جذباتی طلوٗ ٹلمک نیب لگان تہٕ نہ چھہ استعارن یا تشبیہن منز کانہہ نوٕ بر تہٕ وشنیر نظرِ گژھان۔ رمز تہٕ کنایہٕ چھہ تہٕ تمِ دۄد زیحو، تلمیح تہٕ تعلیلہٕ چھینہٕ تہٕ تمہٕ ریواٸتی۔ حسن تہٕ عشق، نفی تہٕ اثبات، جزٕ تہٕ کُل، طورک جلوہ تہٕ کوہِ طور ہند دزُن، منصور تہٕ شیخ صنعان، یمن سارنے متعلق چھینہٕ کتھہ کرنہٕ یوان مگر حاصل چھہ معجزاتی بدلہٕ تک بندی بلکہ موہمل گویی۔ چونکہ امہٕ قسمکین تحریرن ہندہ اقتباس پیش کرنس منز چھہ سمع خراشی ہند شدید اندیشہ روزان لہٰذا کرو اسہ کینژنے مثالن پیٹھ اکتفا، اد یہٕ گژھہ خیال روزُن زہ یمہ مثالہٕ چھینہٕ کاشرہ شاعری ہندیو مختلف انتخابو منزہ ژارنہٕ آمژہ :

ماشوقہٕ سنزِ سے حُسنہٕ تلوارے — عاشق کونہٕ تتھ دارے سر
کُل آو آدم، آو کمہٕ گارے — لا الٰہ الا اللہ دِژاو گوہر
الفس تہٕ میمس گند کس مُزرادے — عاشق کونہٕ تتھ دارے سر

(شاہ غفور)

جو یہٕ منز بسِتھ چھے دُرزی یاد — ناو دور آپ تے آب در ناو
نو قطرہٕ پیوو عاشقس تہٕ غائن پیوس ناو — غائن سید محرم کوٗرن ٹاو ٹاو
تمہٕ شیخہٕ منصور مارنہٕ آو — ناو در آب تے آب در ناو
ڈھولے اندرے دِژاو جوہر — نہ چھینہٕ تتھ توٗنت تے نہ چھہ تتھ پرٕ
ہو ہو پران تورے آو — ناو در آب تے آب در ناو

(سوچھ کرال)

خاکس چھینہٕ آنچ تن تاٸے — نارس تہٕ داوس چھہ ریلہٕ ژار
ژون چیزن اُڈرن تاٸے — خود چھنہٕ روزان رفتار
شریعت ژہٕ پالتن تاٸے — طریقت ژلیو زنگار
حقیقت چھے دِیدن تاٸے — مارفت چھتھ دِتھ قرار

(وہب کھار)

فرضِ دائیم کرتن سَرے — تمہ گژِھتھ چھُ توٚ ہوٚند گرَے
یُن تہٕ گژھن مو موشرَے — تمہ گژِھتھ چھُ توٚ ہوٚند گرَے
کیاہ چھہٕ حیات کیاہ چھہٕ ممات — کتھ چیزس ناو کرہ یہٕ ذات
چھُس نہٕ جسم نہ جوَہرَے — تمہ گژِھتھ چھُ توٚ ہوٚند گرَے
ترٛاو ووٚجوٗد شُہوٗد پتھر — سَرہ گژِھی تہنٛد کُنبر
شمس فقیرہ دَم کھاوَرَے — تمہ گژِھتھ چھُ توٚ ہوٚند گرَے

(شمس فقیر)

کانہہ شاعر کمہٕ مرتبک صاحبِ حال چھُ یُنہٕ غاَر ادبی زندگی منز ادسُمت تقدٕسیتھ چھُنہٕ اسہٕ براہِ راس کانہہ سروکار۔ ادبی تنقیدِ چنٛ نظرن منز چھیٚہ کانہہ شخصیت تیٚلی تہٕ ترٛے جاذِب توجہُ بنان ییٚلہٕ تہٕ یُتاہ سو شخصیٚت ادبی اظہارک حُسن پراوِہ۔ کأشرِ شاعری ہندیو ناماوار صوفی شاعرن ہندیو اِنتخالو منزہ یمہ کینہہ مِثالہٕ پیٚش کٔرِ دِتہٕ آیہٕ تہندِس موٚس مرتبس رِچھ اُسی محض اَوِہ کنہٕ شک کران زہ تِمن منز بیان کرنہٕ آمُت خیال چھینہٕ شار ہینکِھ بنِتھ۔ امہٕ قسمکین شارن منز نہ چھیٚہ لہجٕ کانہہ اِنفرادیت دِرینٛٹھ لوان تہٕ نہ شٕہچ آہنگچ کانہہ دِلاویزی۔ اَندری دُنیاہ چھُ چھوٚلمُت تہٕ ہُندریوٚمُت باسان تہٕ نیٚبرِ منظر سپاٹ۔

تاہم گژھِ نہٕ یِمو حقائقو تلہٕ یہٕ غلط نتیجہ کڈنہٕ یُنٛ زہ مُتوسِط یا متأخر دورچ کُہم صوفیانہ شاعری کیاہ چھیٚہ بناوٹی تہٕ بیٚہ سوز، تہٕ کیازِہ یِمے شاعر یِہنزہ کینہہ فنی خأمیہ اسہٕ وِچھہٕ، رِچھ کُنہٕ کُنہٕ پننِس موضوعس مأرِ مُندی پأٹھی فنک اتھہٕ ڈألِتھ نظرن ہُند سوٚنتُ کنن ہُند سوکھ تہٕ دِلچ شادمأنی بنادنس منز کام یاب سپدان۔ یِمتھ تخلیق پران پران چھُ پرن وول پننِس سأری سے ووٚجوٗدس منز اکھ لطیف تھترائے ہِش موٚحسوس کران تہٕ پننہٕ تخیلکی پرٛ ہُرِتھ زنتہٕ ما ورأیی فِضہن منز وٕڈنس مس گژھان۔ مِثالے شمس فقیرن سُہ زُودار تہٕ تشبیہہ ساز تخلیق یمیک گوڈٕہ شار چھُ "شِنیاہ گژھی بتھے اوس میون اوٕلے اُمی عشقہٕ نارن زولیے" یا محمود گامین نظم "ونے بہ دردہ نیستان۔"

امہٕ طرزہٕ کین شأری تخلیقن چھیٚہ اکھ خصوصیت یِتہٕ آسان زہ یِہند مانہٕ مطلب چھُنہٕ پرٛزن

پاٹھو نش منز اداسپدِ یِتھ ہیکان تہٕ کیا زِ تہندِ مانیگ تہٕ صوٗرژ ہندِ رشتہٕ چھُنہٕ پیوندی بلکہ
نامیاتی ( Organic ) آسان۔ مُمکن چھُ منطقی وِچھن تراپہ کنِہ باسن تمِ مُبہم۔ مگر
حساس دِلن ہنزہ تارہ چھیہٕ تہنٛد شہہٕ زِٹھ پاٹھی پانے بوٗبران۔ شاعری ہندِس سِلسِلس منز
ابہامچ کتھ کرن وِزِ پزِ اسہِ یتہٕ یاد تھوٗن زِ حقیقت لبنس تہٕ پرزناونس منز چھُ احساس
عقلہٕ بروٚنہہ گژھان رُودمُت۔ ادے کنِہ چھُ کائناتکین مظاہرن ہند گوڈنیکے تاویل فلسفہٕ
بجایہ دیومالن منز میلان۔ خاطر یہ اُس اکھ منزِ کتھ۔ وٚنی اوس اسہِ پزِ سانی پٮ۪تھے صوفی
شاعر تہٕ چھِ بعضے بعضے حرف وصوتک جود وِزِ ناوِتھ حیاتس کائناتس مُتعلق پننِس ردِعمل
فنچ غود مو مختار، خود کفیل تہٕ اہتزاز بخش زندگی دِتھ نہال کران رُودی مِتہٕ۔

نوعی خصوصیژن مدِنظر ہیکن کاشرہ زبانی ہندی بیٛیہ زِ اصنافِ سوخن —— لیلا
تہٕ نعت تہٕ یتھ موخصر تبصرس منز شامل سپدِتھ۔ لیلا لیکھن والین منز چھُ پرمانندُن ناد
فرستس پیٹھ کنہِ دیوان تہٕ نعت گوئی منز چھُ عبدالاحد نادِمُن مقام سارِنے تھوٚد۔ بُنیادی
موحرکہٕ کہ لحاظہ چھیہٕ یم دوشوٕے صِنف دینی ( Devotional ) شاعری سیتو شمار سپدان
تہٕ واقعہ چھُ یزہ لیلا چھیہٕ جادہ پہن بٹن منز مقبول تہٕ نعت مسلمانن منز۔ یتھ کنہِ ہرگاہ وچھو
یہ حقیقت چھیہٕ یمن صِنفن ہنزہ فنی کوتاہییہ ہنزِ تہٕ ثرینہٕ وُنی دِوان، اما پوز یہ خصوصیت
اہہٕ قِسمکین بہترین منظوماتن عقیدہ تہٕ عقیدژ ہندو عدو منزہ نیبر کڈِتھ تخلیقی فنچ دِل نوازی
عطا کران چھیہٕ سو خصوصیت چھیہٕ تمن ہنٛد جوش تہٕ خلوص۔ اظہار تہٕ چھُ عقیدک تہٕ عقیدژ
ہندٕے سپدان مگر یہ اظہار نہٕ چھُ عقلہٕ تہٕ عقیدہ چہ باہمی ٹھوٚسہ ٹھوٚسہ ہنٛد شکار سپدان تہٕ
نہٕ چھیہٕ اتھ منز کانہہ بیٛیہ تو زہ جذباتیت پاٛدہ گژھان۔ پرمانندُنی کرشن جی تہٕ نادمی نعت
حضرت محمد ؐ سنٛجہ، موضوع ثہ تہٕ پاکیزگی ہنزِ علاوٕ بنتھ اسہِ برونٛٹھ کُن یوان تہٕ سانِس
ایحساسِ جمالس تسکین بخشان۔

اما پوز جو شیچ نوٗلو صیچ یہ بُنیادی خصوصیت اکھ کُن تراوِتھ چھیہٕ یمن دوٚن شاعرن
منز بڈ فرق۔ یژھوہے تہٕ اُسی ہیکون یہ فرق زبانی تہٕ لفظہٕ زارہ ہنز فرق مانِتھ۔ نادم
چھُ سیٹھاہے لوچ دار، سیٛز تہٕ شیرین تہٕ جذبہ بروٚژ زبان ورتاوان یتھ دوہہ دِین چہ زبانی
ہنزہ روانیہ تہٕ بیٛیہ ساختگیہ ہنٛد مزہ تہٕ چھُ آسان۔ اَتھ برعکس چھُ پرمانندنہٕ زبانی منز علمی

زبانٕی ہُند تراش کھاش، ٹھہراو تہٕ اوٚبر گوبر۔ وُن گو ہرگاہ سٕنتھ پھن وچھنہٕ ییہِ یتھلہِ ییہِ زبانٕی ہندِس اَکھ پھیرس پتہٕ کنہِ دوٚن شخصیژن ہُند پھیرہ لبنہٕ۔ پرمانند چھُنہٕ چھرا عقیدُک تہٕ عقیدُژ ہُند شاعر۔ تٕمسُند صوٗفیانہٕ وچھن تراے چھیہٕ تس لل دیدِہ ہند ین ہم مشربن منز شامل کران، مگر یمنہٕ تاوِیل پسند شوقہ کنہٕ چھُ سُہ سارِ وسے پرانیو کیو نٔولیو کأشرِ یو شاعرو نِشہِ بیوٚن لبنہٕ یوان۔ یہِ فلسفیانہٕ رد جحان چھُ پرمانندنس کلامس اکھ امتیازی شان عطا کران۔ امہِ کے اثر رٔٹتھ چھُ پرمانند پننہٕ بین لفظ تراشی ہنزن قابلِ قدر صلاحیژن ہُند ثبوت دِوان تہٕ یتھہِ کنہٕ کأشرہ زبانٕی منز موجوٗد اظہار د بیان کین اِمکانی قیوٗتن سگوان۔

کأنسہِ شاعرہ ہنزہ لفظِ ژاڈہِ ہندہِ غأرمانوٗس آسنچ شکایت کرنہٕ بروٚنہہ پزہ اسہِ یتہٕ سونچُن زِ اما ژھ کتھ ما چھیہٕ زہ زبانٕی ہنز یہِ وِدیاُژی آسہِ موضوع کہٕ نوٚرمک ناگزیر پأداوار۔ تاہم ہیٚکہٕ نہٕ یتھ پزرس اِنکار سپدِتھ زِ یہِ فلسفیانہٕ تراے یٔیلہِ فنہٕ کیو تقاضہو نِشہِ لاپروا گژھان چھیہٕ، پرمانندنی زبان چھیہٕ غأر ضروری حدس تام نامانوٗس بلکہ ثقیل بنان۔ ییٚتھہٕ چھیہٕ یہِ کتھ تہٕ زِ زبانٕی ہندِس سلسلس منز چھُ پرمانند قدامت پسند اوسمُت۔ تٕمسُند نظر چھیہٕ حال تہٕ مستقبلہِ بجایہِ ماضی پٔیس کُن مُدرے گنڈان۔ آڈینہٕ ( Audiance ) کِس بابس منز تہٕ چھُ سُہ قناتس بلکہ تنگ نظریہِ قأئم ہیوان، ییمہِ کنہٕ تٕمسُندن واتناوِ رِچن صلاحیژن ڈنگ چھُ لگان۔

لل دیدِہ تہٕ شیخ العالمس رحہ پتہٕ مہٕ صوٗفیانہٕ شاعری ہنز اکھ نمایاں خصوصیت چھیہٕ تمیک لولہِ اندازیٚس اَکھ گوڈنکہِ دورِچ شاعری نِشہِ بیوٚن چھُ کڈان تہٕ اکھ تازگی تہٕ توانأیی تہٕ چھیہٕ بخشان۔ یَتھ منز چھُنہٕ شک زِ جُزوکہِ تہٕ کُلہِ کہٕ کُنرُک تصوُر چھُ "للہ واکھن" منز تہٕ کُنہِ کُنہِ لولہِ انداز برٛاوان باسان۔ اما پوٚز اکھ چھُنہٕ یہِ انداز تتہٕ عام تہٕ وُن ییٚتیتھ چھُ وٚتیتھ چھُنہٕ ہژرنہٕ یوان۔ امیک بر عکس چھیہٕ پتم صوٗفیانہٕ شاعری یہِ دیِزہ تہٕ اُکھٕ رنگس منز رنگنہٕ آمژ۔ حُسنچ بے نیأزی تہٕ عشقچ نیازمندی، دوٗرِ رُک درد وسوز تہٕ وصلک شوق تہٕ اضطراب، محبوبہٕ سندی دُلی وُٹھ تہٕ عاشقہٕ ہنز کوچھ دٕہرٕنی، سرسری پأٹھی ہرگاہ وچھو یہِ باسہِ خألِص لولہِ شاعری، حالانکہ پزر چھُ یہِ زہ "مجاز" کِس اَکھ پردس پٔتھی کنہٕ چھیہٕ "حقیقت" جیلوہ آسان ہاوان۔ سأنی یِم شاعر چھیہٕ پننہٕ بین بہترین تٕہِ ہین منز صوٗفیانہٕ خیالن تہٕ تجربن

حُسن وعشقکو وارٕہ واریات بناوِتھ پیش کران، یاوُنی تو یتھہِ پاٹھۍ زِ چونکہ تم چھ یم خیال تہٕ تجربہ اَمی اَنمانہٕ محسوس کران۔ لہٰذا چھُ تمن ہُند بیان تہِ یوہے اوسلوب پراوان۔ اتھ اوسلوبس منز چھیہٕ تمہٕ سارے خصوصیژ لبنہٕ یوان، یمن اُسی کلہم کرِتھ تغزُل چھہ ونان۔ اوتھ وائتھ چھُ گیتک ترنُم، غزلِچہ رمزیژ سیتی پیوست سپدِتھ نظمچہٕ کُشادگیہ ترنم دِوان۔ پرمانندن "پمپوشہٕ باغس منز وُچھ تمراوسے"، رحمن صابن "یم نتے مارس پان"، اسدمیرن "یسِلہٕ جانانہٕ رَنبم"، وہاب کھارن "سہ کس پتے گوم" یا زِندہ کولنہ "ناتیاری" چھہ اَمی قبیلکی تخلیق یمن منز حُسنِ ازلکی وہو چھہ تہٕ آدمو سینک قبارِ شوق۔ ہلے اگر یتھین تخلیقن ہُند تیداد یوتھ کم آسہے نہٕ!

چونکہ کتھ وُژھ حُسن وعشقچ لہٰذا گو وجلنے ہر گاہ کانٛہہ شاعری ہندِس تتھ موضوعس سرمایس تہٕ پیٹھ سرسری پاٹھۍ سام ہیٚنہٕ یتھ صحی مانہٕ موجوب لولہٕ شاعری ناو ہیکہٕ سپدِتھ۔ امہٕ رنگک ابتدا چھُ عام پاٹھۍ شرٛاہیہ مہ صدی ہنزہ ٹلی کانہٕ حبہ خوتونہٕ سیتی منسوب یوان کرنہٕ، حالانکہ وِنہٕ چھُ یہِ ونُن مُشکل زِ امہٕ نوعیژ ہندی یم واریاہ باتہ خاص وعام سارِنیے منز مقبول چھہ تمن ہُند سِلسلہ کرِہ پیٹھہٕ چھُ شروع سپدان۔ بہرحال یم تحقیقی زاوِیہ جار اُکتھ کُن تراوِتھ تہٕ ہیکہٕ امہٕ سرمایہ کہِ مول مرتبک اندازہ لگاونہٕ یتھ۔

صوفیانہ شاعری پیٹھ تبصرہ کران آو بیان کرنہٕ زِ امہٕ کِس یڈِس حصس پیٹھ چھُ لولہٕ شاعری ہُند گمانہٕ گژھان۔ مگر رحمن صابنس یا زِندہ کولنس لوٚلس تہٕ حبہ خوتونہٕ یا اَرنہٕ مالہٕ ہندس لوٚلس چھیہٕ اکھ قابلِ توجہ فرق۔ یوتامت صوفیانہ شاعری ہندِہ "حُسنک" تعلُق چھُ سہ چھُ وارٕہ تہٕ کارٕہ ماورائی تہٕ یوڈ وَے "عشق" اِنسانی چھُ امایوژ تتھ منز چھیہٕ اِنفرادِیژ بجایہِ اجتماعیت لبنہٕ یوان۔ سہ عشق چھُنہٕ فردہ سُند بلکہِ لوکُک عشق۔ تمیک ہجر تہٕ وصل چھُ جزوک تہٕ کُلک ہجر و وصل۔ لب ولہجہ زِن آسہس "مجازی" مگر کتھ تہٕ چھیہٕ اتھ منز "حقیقژ" ہنزے سپدان۔ اتھ برعکس چھُ حبہ خوتونہٕ، اَرنہٕ مالہٕ تہٕ تِہندِہ رنگہ کین باقی نُمایندن ہُند عشق تہِ بُنیادی طور زمینی تہٕ حُسن تہِ۔ "للہ واکھن" سیتی مقابلہ کران چھُ یمہٕ شاعری ہنزِہ اَکِس اہم خصوصیژ کُن اِشارہ کرنہٕ آمت، یعنے اَتھ منز چھُنہٕ فکر تہٕ تجربہ جذبن ہُند قالِب رٹان بلکہ چھُ خود جذبنے ہُند براہِ راس تہٕ ناوہیتھ اظہار سپدان۔ اتھ چھُنہٕ

سۆفیانہٕ خیال یا کشف و وجدانٕ ذہٕنی کیفیژن ہنز صورت لُبتھ تخلیق سپدان بلکہ چھُہ بجایہٕ خۄد ذہٕنی کیفیژن تہٕ قلبی وأردا تن ہُند کُنہٕ وَر وُٹھنہٕ ورأے بیان سپدان۔ اظہار و بیانُک یہ سیدٕہ سیوٚد انداز اختیار کرُن چھیہٕ أنہٕ خانس منز فہہ کھارنہٕ کھوتہٕ تہٕ جادہ نوزُک کأم، یتھے اگر مولی ہیوٚر بولن گوو تہٕ بأت گوو بیہٕ تأثیر دأخلیژ یا بیہٕ تۆژھ جذبأتیژ ہُند شکار، گلالہٕ دُہرس پیٹھ چھُہ شبنمُ مۄخت پھوٚل، ہوأ پکن ہنا تہٕ زودہ یہن تہٕ یہٕ رلیٚو میژہِ سٕتی، آفتاب وُچھتن ٹوٚٹارہ تہٕ تہٕ یہٕ گوو فنا۔ کأشر شأعری چھیہٕ یتھو آبدار مۄخت پھولو سٕتی مالامال۔ امہٕ نوعیژ ہنز آسن یمہ کھوتہٕ رتی بأت خالے بیہٕ کُنہٕ زبأنی منز:

هَرِ یارِ لۆ منم ژٹنس نالہٕ — نالہٕ چھ ژھینم مالو وے
دۄ یہ اکہٕ کیٛتو ماسہ ہُند سالہٕ — لچھس گہنہٕ گنجومے
وُچھس شمو ترٹ تہٕ مالہٕ — نالہٕ چھ ژھینم مالو وے
دِل میون نیو تھو اکہٕ مۄے والہٕ — کمہٕ سونہٕ کرِہ یو آو ژے
ژِہ چھکھو تنتہٕ تے یہٕ کھو ژالہٕ — نالہٕ چھ ژھینم مالو وے

٥

ہن ہن چھیم لولہٕ چانہٕ بأرتھ — زولہٕ چھمنو سوندأرے سوندرے
تیرِ مژگاں دِتی تھم دأرتھ — گامہٕ جگرس پارہ پارہ کأرتھ
دأدی لدچھس کونت ہیکہٕ لأرتھ — زولہٕ چھمنو سوندأرے سوندرے
وُژھ وأنج ہاوے مژرأوتھ — پوٛہی ہن زن ہرأیو ہرہ یو
مژھ مژھہٕ بند زن گژھے لأرتھ — زولہٕ چھمنو سوندأرے سوندرے
گچھ کُٹھ یو تھاوے دوہتھ رأوتھ — لچھ ناویو مندورے سانہٕ بیہہ
اچھ دأر زن روزے پأرأوتھ — زولہٕ چھمنو سوندأرے سوندرے
لالہٕ گومے باغہٕ منزہ نیرتھ — پوش لاگس گوندأرے گوندرے
کینہہ نہٕ منگسے یمنا پھیرِتھ — زولہٕ چھمنو سوندأرے سوندرے

٥

وارِ چھمنہٕ میلنس وآرِ وۄہ چھس گرے  وۄنی پرارہ یو پوشہٕ تھرِ ین تل
اَزِ ڈۄبہٕ بہتھے دٔری چس ٹھس گوم  وآرِ لبجہ ژس گوم اوٗش ما آم
مَد روٗٹ گلالن داغ چھُس منز پھرے  وۄنی پرارہ یو پوشہٕ تھرِ ین تل

○

تس روٗس مَدہ نس میٹھہٕ کیاہ پروُمے  ناحقے دِل ترٕ میون رووُے ہانے
اَزِ ڈۄبہٕ میانے دانتوٗ زوُلے  گگُو نو یوٗر ہس او نویے
تس مَدہ نس نو کانٕسِ تی بووُے  ناحقے دِل ترٕ میون رووُے ہاے

○

ڈٔہی تمہٕ کوہ کلہٕ دِل میون ڈٔووُے  ہا کیٚوٗ ہو رِندہ بوز میون کوٗ کوٗ کوٗ
چیوٗ ترٕ ژندُن میٚہ کاسیں موٗلے  دالیس منز کُس ژھوٗلے چھمُ
دالیس کرِہ سے لولہٕ منز لوٗلے  ہا کیٚوٗ ہو رِندہ بوز میون کوٗ کوٗ کوٗ
وِچھتے دیٚسیے یار میون ژوٗلے  یار دِے سیٹھاہ موٗکلے چھمُ
رِچام نالہٕ ترٕ وُچھنم ہوٗلے  ہا کیٚوٗ ہو رِندہ بوز میون کوٗ کوٗ کوٗ

○

خُمارہ عشقنہٕ اوٗش آم پھٹتھ  پمپوشہٕ ڈلہٕ نے ژٹنم جاے
کیاہ سُنانیرہ ناسِرہ منزہ پھٹتھ  ارہ سِرہ تھوٗرنم کیاہ چھمُ میون پاے
وۄنہ چھمُ کڈہ ہن سینہٕ منزہ ژٹتھ  پمپوشہٕ ڈلہٕ نے ژٹنم جاے

○

یہٕ وَے یاوَن موٗتے  نِشہٕ اوسُم گوم کوٗتے
گلاسہٕ باغس گنڈٕنم ریٚہہ  دِلاسہٕ دِتھ گو و آیہٕ میٚہ
لبن کتہٕ رووُ مُتے  نِشہٕ اوسُم گوم کوٗتے

○

توہہٕ ما ڈیوٗ ٹھوٗن سۄہے  یمی بو دوہے زاۓجنس
تمہٕ کتہٕ لگان پوٗہے  ہارِنی تا ین گاۓجنس

پتھ نیٖن اُسس بوٗہے  توٗتے ووتھ تیر دار
گنٛبین کوٗرتم توٗہے  ییٚمہٕ پو دوٗہے ژاٚیِنس

○

ساڑہ گرہ پھو جہ یوٗسمن نفرٕ  چاٗنی کٲل چھم گرہ گرہ
رنگہ رنگہ پیوان منگو ژرہ  آکاشہٕ رٕوف کران کو ترٕہ
از دوہ لۄر آلو وسے ہنگرہ ترہ  چاٗنی کٲل چھم گرہ گرہ

○

کاوٗن پیرمی پیٚہ یو گراوٗن  ہامیانہٕ یاوٗن دالیو وسے
بہار آو تے سٔنز لوٗگ ناوٗن  سوٗنہٕ لانکہ دو نفرٕ وسے
شوقہٕ ژولاہ ژالے رنگہ ناوٗن  ہامیانہٕ یاوٗن رالیو وسے

○

آلوٗہ یوٗ پان آلوٗن چانین  لالو پیتا مو
چانہٕ پٔژرہ ژھنڈی موکوٗتے بالو  درشن دِتا مو
درشنہٕ چانہٕ یال بو بلہٕ یوٗ  لالو پیتا مو

○

یم لوٗتی لوٗ توٗ سے کاشرِ بٲت چھہ خاصٔس غنائی شاعری ہندی خوش پوٗنی توٗ مٗو نہٕ یم زن عشقس محبتس سیتھ واٹھ تھوٗن والین کینژن غم ناک احساسن، جذبن تہٕ کیفیژن سیٹھاہ بیٚہ ساختہ تہٕ سیدِس سادس اندازس منز ادا چھہ کران۔ اتھ گیِہ ہُمانہٕ مفہوٗ ہِ چھ سنجیدگی بلکہ جذبن ہنز بے قرأری۔ لہجس منز چھیٚہ زنتہٕ شمہچ ریہہ نقاران، لفظن ہندِس آہنگس منز چھہ پُرسوز موسیقی ہُند میچھر تہٕ استعارہ تہٕ تشبیہہ چھیٚہ زنتہٕ قفنہس منز تیمبرہ رقص کران۔ یہندِہ غاٗر صوٗفیانہٕ تہٕ ارضی مزاژک اکھ ثبوٗت چھُ یتہٕ زہ یمن منز چھُ حُسن تہٕ عشق دوشوٗے پابہ رکاب نظرِ گژھان۔ اتہٕ چھُ حُسنک جمالک مشاہدہ خوشی تہٕ ادسوٗد گیہ کھوٗ تہٕ جادہ راوٗن وأدِس ( Sense of waste ) وُتُش دِوان تہٕ پیتھ کُنہٕ چھُ شہ غم تھنہٕ پیوان ییمیک انجام ژھیتہٕ گژھنہٕ بجایہٕ بیٚہ سوکھ سیدس چھُ

آسمان، شکستیچ یہِ آواز چھیٚہ صدایہِ اِحتجاج، یُس سیٚتو رلِتھ ونی باسان۔ کاشرِ زبانی منز چھہ امہِ رنگُک بیٚہ شُمار بانت۔ ویدِن تخلیق کارن منز چھیٚہ حبہ خوتونِ، اَرنہِ مال تہٕ تمن پتہٕ محمود گامی امہِ رنگچ نمائندگی کران۔ ظاہری شکلِہ صورژ کنہِ چھیٚہ امہِ لہ تو ے تہٕ لطیف صنفِ سوچنہٕ روایت موجودہ دورس تام یکان مگر یزر چھہٕ یزہ رحمان ڈارنی کینہہ بانت تہٕ خاص کرِتھ تسُند "شیٚشِ رنگ" اکھ کُن ترأوِتھ ہیٚچنہٕ محمود گامیس پتہٕ کانٛسہِ تِہنز بیٚہ ساختگی تہٕ دردمندی تہٕ تسُند ہیجان تہٕ اضطراب پرأوِتھ۔

سانہِ لولہِ شاعری چھہٕ بیٚیہ تِہ اکھ اہم روخ یمکو خولہِ خط سارِوے برونہہ رسُل میرنہٕ کلامس، یُس اَنس منز یھو لیٚھ یِوان چھہ۔ ویسے چھیٚہ کلام میرس منز تہِ کنہِ کنہِ حبہ خوتونِ ہنز تہٕ محمود گامینِ گُنبد کنن گژھان، امہ پوٚز رسُل میرن امتیازی آو چھہٕ بدل اکہِ عالمک آو۔ رسُل میرنی اُس طبع ترانی مختلف۔ سُہ چھہٕ کاشر شاعری ہُند شاید گوڈنیکُی شاعر یُس حُسن و عشقچ شوخی تہٕ شگفتگیہِ ہندی گیت گیوان چھہٕ۔ تسُندِ برونہہ چہ شاعری ہنز اکھ امتیازی خصوصیت چھیٚہ تمِیک دزُن تہٕ وبگنُن یُس زَن رسُل میرس نِش واتِتھ جوش تہٕ مستی بنان چھہٕ۔ ہُتہٕ چھیٚہ نسائیت تہٕ نرمی، یِیتہٕ چھیٚہ مردانگی تہٕ وسواسی، ہُتہٕ چھیٚہ بیٚہ قراری، یِیتہٕ چھہٕ رقص، ہُتہٕ اوس سبزرُک انتہا، یہ چھہٕ پرُکاری ہُند آغاز، تتہٕ اوس داغلیش ہُند راج یِیتہٕ چھہٕ خارجیژ ہُند اِدعا۔ تتہٕ چھہٕ تیلن تہٕ بیٚہ بسی، یِیتہٕ چھیٚہ اُمنگ تہٕ جورت:

شونہِ شاباش چانہِ پوٚت ژھایہِ لو لو      رندہ پوشہِ مال گندہ نے درایہِ لولو
رازہ ہیٚنزی یانہِ نازکیاہ اُنزی نہِ گردن      یا الٰہی چشم بدہ نشہِ رچھتن
کم کیاہ گژھہ چانہِ بارگاہہ لو لو      رندہ پوشہِ مال گندہ نے درایہِ لولو
زالی وانکن بال ہیٚلہِ لاگہِ شومار      پچھ لگنس گنز رنس لچھ تہٕ ہزار
امہِ شایہ نوم کُن پایہ لو لو      رندہ پوشہِ مال گندہ نے درایہِ لولو
ردہ تہِ گوڈہ کے یامت بوزُن ساز      تی بوزی بوزی آدے شاہِ یندرراز
پوشہِ مال چھم پوشہِ تل ڈایہ لو لو      رندہ پوشہِ مال گندہ نے درایہِ لولو
حلقہِ بندہ ٹل شوبان نارِ لستان      تی وچھتھ گو وگن دِل پریشان

وۄل رسول میر چانے ماے لولو          رِندہ پوشہ مال گندہ نے درایہ لولو

ہتہ بدبن ورِین ہنزہ سنجیدگی، دردمندی تہ بیٚہ سوٚکھی پتہ وۄتلن وۄل یہ رنگہ رژہ نیار
یہ مھتہ تہ یہ ترنگ چھیٚہ زنتہ کأشرہ شأعری ہنزن رگن منز نوٚو ؤتہ دورہ ناوان۔ وِاکھ
اندری اندری دزن اُمس سۄ اکہ زمانہ اکہ پیٹھہ موحسوس کران۔ وۄونی ہیٚژن اُمس تنظرہ ہنز
رنگینی عطا سپدنی۔ کأشرین بأتن ہندس خۄلوصس تہ ہلاوتہ ہیوٚتن فأرسی غزلہ نوکتہ
سنجی تہ پُرکأری ہند ہُر برسپدن۔ لول لۄگ پننہِ دأغلی دُنیہ منزہ نیبر نیرتھ جہانکس
خأرجی آیس اتہارس تہ سازس سنگارس حظ تُلنہِ :

دُردانہ اُسیتھ بے نبر میر جان دِیان چھی

خورشیدہ رۄیس کیچ نظر پڑان دِیان چھی

یم قبہ سینکو ڈیشہ وۄنہن دِپہ پیران دِل

انار شیریں کوتہ ڈُپستان دِپان چھی

قد چون ڈیشتھ وِیر بہان تیر گژھان خم

شمشادِ سیمیں سروِ خرامان دِپان چھی

شوٚبان رۄخ چون قندہ ہاریچ زون زن تابان

خوٚبانِ عالم ماہِ مہربان دِپان چھی

سراپا نگأری چھیٚہ رسول میرنی اکھ موتماز خصوصیت۔ محبوبہ سندس "زُلف و
خالس" "چھُ سُہ ونان" دین مذہب" مانان تہ حق چھُ یہ زِ یتھہ کنہ رسول میر تھوٚد وُتھو
وُتھو تہ زیوٚہ ٹاس کڈہ کڈہ حسنِ ظاہرس وَنہ وان چھُ تِہندہ برونہہ مہ کأشرہ شأعری
منز چھنہ تمیچ مثال تہ نظرہ گژھان۔ سُہ چھُ "قطرکُ" ناپن پرزلن وچھان تہ خوش گژھتھ
وُچھنہ زن لگان، "سوٚدر" چھُنہ تس زنہ یادے پیوان۔ یتھہ کنہ چھُ میرس حسنچ فنأیی
ہُند شدید احساس، مگر یہ احساس چھُ تس ترکِ لذات کرناونہ بجایہ اکھ بانبرہ ہتس
بہارس اَدہ پۄت پلرہ تہ تیوٚت حظ تُلنگ حس دِوان :

| | |
|---|---|
| چھک سون جگر گوشس | جانانہ مہ روشس |
| کیاہ چھے ژرنہ حنک لوشس | جانانہ مہ روشس |

درپردٕہ کھوٗتھ رووے　　بے دردٕہ یہِ کیاہ ہووے
نوش کرٕدٕہ تلٕ شب پوش　　جانانٕہ مسہ روش
غم ترٰاوِچھے فرصت　　دم زان غنیمت
ہیمہٕ ہیتھ بہٕ درآغوش　　جانانٕہ مسہ روش
کمہٕ واٰنٕہ ہا مولہٕ وَتھ　　یا زارٕہ، در خلوت
للہٕ نادٕہ ہیتھ در گوش　　جانانٕہ مسہ روش

٥

روش مے روش ہیے پوشہٕ ماٰلِیے لو　　بوش حُسنس روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
زُلفِ کوکلٕ زنجیر کِنہٕ چھُے زال　　اُلِف ساٰپن قد چون ڈلیشتھ دال
سروِ شمشاد ہمتِ عاٰمِلیے لو　　بوش حُسنس روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
چھایہٕ کوکلٕ کِنہٕ اٰیینس آہ　　نتہٕ قورآنس پیٹھ بسم اللہ
یانہٕ لیوٗکھمُت تمٕ ذوالجلاٰلِیے لو　　بوش حُسنس روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
قندٕہ کھوتے میٹھی کیاہ وٕڈھ جاٰنی　　لعلِ یمن یو قوتِ رُمانی
اکھ مزٕہ دار بیٛیہ ووزاٰمِلیے لو　　بوش حُسنس روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
رِمِچہ تیرن چھُے الماٰسک پھل　　نچھِرن سُے شر واٰلِنجہٕ تل
کمہٕ وِیرن یِم تیر ژاٰمِلیے لو　　بوش حُسنس روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
حُسنہٕ باغچ موٗستوٗر چھک مول　　مس تہٕ مخمور سو ہیچ پینہٕ لو
مسہ چھوہ رکھ کمہٕ کلہ واٰلِیے لو　　بوش حُسنس روزٕ
ہیٛندی ینچواٰہ سردار ماچینس　　گُلِ لالس ...اغ منزِ سینس
س روزی نہٕ کاٰمِلیے لو
خال ڈلیشتھ زٕون گیہٕ خاٰلِیے لو
ے رٕسُل میرنٕ سکیٖولرُ وچھن ترایہٕ، تسنٕز مجاز
سراپا نِگاری ہنزٕ یمہٕ مثالہٕ چھ
پاہ تھ ترجمانی کران۔ مگر سیتی چھیہٕ تسندِ تخیلُک کرِ
پسندی تہٕ شگفتہ مزاجی ہنٛد
۔ کران۔ شاعری ہنز کاٰم چھنہٕ زندگی اٰنہٕ ہاوُن بلکہ محسوس زندگی
وُڈُو حدٕ ہچ تہٕ نِشاا
تخلیق کرٕنی۔ یٕیہٕ واتناوٕنہ ( Communication ) ممکن بناوُن۔ سراپا نِگاری ہند

معراج گوو یِزہ شاعر کرِ جسم بیان تہٕ پرٕن والیٚ سندِس دِلس منز ووتھن احساس یہِ کیفیژ کاڈٕ کڈان نیٚندرِ۔ نتہٕ ہیٚکِہ نہٕ فنس تہٕ فوٹوگرافی منز فرق سپدِتھ۔ یِہ کتھ چھیٚ سبکہ زِہ رٕووسُل میرس چھیٚ زُلف دروٚنہٕ کِس بیانس احساسُک وُشیر دِ اتناو ہنٛز صلاحیت تہٕ کُنہٕ کُنہٕ ساتہٕ چھُہ سُہ جذبہ انگیز تہٕ دِل پذیر شاعرِ تخلیق ہیٚکان کٔرِتھ، اما پوز اکھ چھُہ سُہ اَتھ صلاحیژ خیال خالے کامہ ہیوان تہٕ پیٚٹھہ چھُنہٕ تسنز سۄ صلاحیت فی نفسہٖ تِمہِ پایہِ ہنٛز زِہ میٚژرِ مرِس ہیٚکہِ "بہارِ بستر تہٕ نوروزِ آغوش" بنٲوِتھ۔ محمد یوسف ٹینگنُ عقیدہ چھُہ زِہ "رٕسُل میرنہٕ وینسہِ ہندی پیکرِ نازن چھیٚ شیکسپیئرنہٕ جولیٹہٕ ہندی، کالِدٲسنہٕ شکنتلایہِ ہندی، ہومرنہٕ ہیلنہٕ ہندی تہٕ حافظنِس ژٕووداہ وُہرِس ماشوقہٕ سندی بہترین خولہٕ خط دُتھ صوٗرت لبِمژ۔ بحیثیتِ عقیدہ اٚسی تِمن یہِ خیال کوتاہ تہٕ قٲبِلِ احترام، مگر کلامِ میر نظرِ تل اَنِتھ ہیکون نہٕ یہِ اکھ قٲبلِ اعتبار راے گنٛزرِتھ۔ تہٕ کیازِ کینٛہہ اوٚنگُش شُمار شاد اَکھتھ کُن ترٲوِتھ چھیٚ رٕسُل میرنی سراپا نِگٲری اکثر صوٗرژن منز یاتے چھرا رسمی تشبیہن تہٕ استعارن پیٹھہ قنات کران لبنہٕ یِوان یا ہرگاہ نیرِہے گژھ تیٚلہٕ کینٛہہ تژھ جاذب توجہ تشبیہہ گرٕتھ نِوان یمن منز قوت وایہِ نظر نوازی تہٕ چھیٚ آسان مگر قوتِ تخیلُک کیفیت سازی چھکھنہٕ آسان۔ کلامِ میرکِس انتخابس ٹینگ صابن پیش کوٚرمُت چھُہ، تتھ منز چھُہ کُل ژٕووداہ بٲتہٕ تہٕ غزل، مگر اَتھ مختصر انتخابس منز تہٕ چھیٚ ییٚمہِ قسمکہِ کیٚتہ بیہ زِ و تہٕ بیہ کاف تصویرِ نظرِ گژھان:

زُلفِ سُنبل پیٚٹھہ گُلن   لاگِتھ زال بُلبلن
عاشقن دِل تُنبلن   شُعلستانُک قسم

۝

رِچھ تیر ناوک، بُمہٕ زن شمشیرِ ایرانی
مستانہٕ چشمن تُرکہٕ ترکستان درپان چھی
وِٹھہ پیٚانی چھی زن لعلِ یمن نتہٕ بدخشان
یمہٕ یانی پانے رتہٕ رنگہٕ تِتہ پان درپان چھی

۝

چھےٚ چشمہٕ یا آہوٗ بادام یا جادوٗ
مےٚ چھوٗرِ نیو تھم ہوش جانانہٕ مسہ روش

سونہٕ دوٗر زُلفن منز کیاہ حُسنہٕ باغس ستھر
سُنبل ترچھی اچھ پوش جانانہٕ مسہ روش

کیاہ تُنز چھےٚ زیبا ہہے کرِتھ برپا
صد خونِ سیاووش جانانہٕ مسہ روش

٥

ہر گُل سینہٕ افروختہ از پرتوِ حُسنش
دِل دار یامت جلوہ کراں در چمن آمے

ہرگاہ رٚسول میرنِ سراپا نگاری بقولِ ٹینگ صاحب "عالمی اَدبکین عظیم ترین کارنامن" ہندِس پوٚت منظرس منز موٗلوٗنچ کوشش کرنہٕ ییہِ تیٚلہِ ہیکن نہٕ یِمہ اہم فنی کوتاہیہٕ نظر انداز سپدِتھ ترِ یِہنزٕ موجود گیہِ منز رٚسول میر عظمتہٕ وول گنٚزرُن گو مبالغہٕ کرُن۔ او وُں گو وتھوٗدِہ کاشُرہ شاعری یِہ کینژھا رٚسول میرنِ دِیمُت چھُ تِمچ انفرادیت تہ اہمیت روزِ امہِ شاعری ہندِس تواریخس منز ہمیشہ مُسلّم۔ ترِ موجودہ دورچہ لولہٕ شاعری منز کانہہ ترِ سام ییہِ نہٕ توتامت مُکمل تہٕ مُنصفانہٕ مانہٕ یوتامت نہٕ تتھ منز رٚسول میرنِ وِیتھ موٗلوٗنہٕ ییہِ ؁

---

غلام نبی فراق

# کأشرِ غزلُک ابتدا تہٕ ارتقا

(۱)

محمود گامی سُند زمانہ چھُہ کشیرِ ہندِس تواریخس اندر خاص کر سیاسی افراتفری ہُند زمانہٕ۔ محمودَ پیٛتھو پٹھان ہندِس دورِ حکومتس اندر۔ تمیٚ وُچھ کشیرِ اندر سکھ شاہی ہُند عروج تہٕ زوال تہٕ۔ ڈوگرہ راجُک ابتدا تہٕ سیدُتس ہنزہ زندگی اندری۔ یہ زمانہ اوس سُہ زمانہٕ ییٚلہِ کشیرِ اندر فارسی زبان تمہِ پرُ وقار سرپرستی نش تیزی سان محروم سپدان اوس، یوہ سہ اتھ موغل دورِ حکومتس اندر ییٚتہٕ حاصل اُس۔ مگر یمہٕ ناسازگار حالاتو باوجود اوس فارسی زبان ییٚتہِ علمی تہٕ ادبی سرمایہٕ موجوب وُنہٕ تہٕ کشیرِ اندر چلان۔ فارسی زبانِ اُس اوتام کشیرِ اندر بیاکھ بارہ کأم تہٕ انجام دِژمٕژ۔ تمہِ اوس موغلن ہندِ وقتہٕ پیٛٹھہٕ اتھ دمس تام کأشرِ زبأنی پیٛٹھہ تہٕ شدید اثر ترٛوومُت۔ گٕنٛلی فارسی لفظ اُسی کأشرِ زبأنی اندر ژامتی تہٕ عام کٔرن ہنزہ زیوہِ پیٛٹھ کھوٚتی میتہٕ۔ فارسی زبان گیہِ وارہ وارہ کشیرِ منزہ ختم۔ مگر فارسی زبأنی ہُند غلبہ تہٕ اثر تہٕ بلیہِ کینہہ ہوٚتی چیز تہٕ ترٛی کأشرِ زبأنی۔ یمن اندر باقی صِنفو علاوہ سُہ غزل تہٕ چھُہ یُس میانہِ یمہِ مضمونُک موضوع چھُہ۔

محمودَ چھُہ پانہٕ فارسی زبأنی ہُند پوٗرہ واقف کار۔ یہ یحاس چھُہ اسہِ اُمی سُند سُہ فارسی غزل پرِتھ تہٕ سپدان یُس اُمی سندِس چھاپ سپدی میتس کأشرِس کلامس منز درج چھُہ۔ محمودَس بروٚنہہ اُس فارسی زبأنی اندر کینژو کأشرِ لو شعر گوٗیی کرمژ۔ یمن اندر چھُہ غنی کشمیری خاص اہمیت تھاوان۔ محمودَ تہٕ ہیٛکہٕ ہے غنی کشمیری سُندی پأٹھی فارسی زبأنی اندر تہٕ شعر گوٗیی کٔرِتھ مگر غنی یُس برعکس چھُہ سُہ پننہِ اظہارہ بأپت کأشرِ زبأنی ہُندُے انتخاب کران۔ محمودَن یہ انتخاب اوس شاید تمن ناسازگار حالاتن ہُندُ نتیجہ، یم اتھ دورس اندر فارسی

زبٲنۍ "ایرانِ صغیرس" اندر پیش یوان اٚسی۔ محمودٕن انتخاب چھُ پرٛتھ رنگہ درست تہٕ صحیح آسان
تہٕ سہ چھُ پننہِ شوق تہٕ شعورٕ ہیتھ کاشرِ زبٲنۍ اندر شعر تخلیق کران۔ سہ چھُ مثنوی تہٕ غزل تہٕ
لیکھان۔ چنانچہ یُس کوشر ادب اسہِ مُشہ چھاپ سپدتھ موجود چھُ، تمہِ موجوب چھُ محمود گوڈنیک
شاعر یمۍ کاشرِ زبٲنۍ اندر سہ غزل لیوکھمت چھُ، یُس شاعری ہندیو صنفو منزٕ اکھ بیٛون تہٕ بدون
صِنف چھُ۔ یتھ فارسی یا اُردو والۍ غزل وَنان چھِ۔ یتھ مقطع، مطلع، ردیف، قافیہ آسان چھِ۔
اَتھ حقیقتس پیشِ نظر چھُ محمود گوڈنیک شاعر یُس غزلس کاشرِ زبٲنۍ ہسیتۍ اَتھہ واس
کرناوان چھُ۔

محمود سندِ وقتہٕ پیٛٹھہ برابر ازتام ـــــ ڈوڈس ہتس وُری یس ـــــ رُودِ
کاشرۍ شاعر باقی صنفو علاوہ یمو اندر وُژن خاص کرِ ذکر کرنس لایق چھُ، غزلس اندر تہٕ پننہِ
یحساس بیان کران۔ غزلکس اکھ لطیف تہٕ حسین پیکرس کرِ محمودس پتہٕ رٕسل میرن تہٕ گت
تہٕ مہجورن تہٕ بوٚرس لول۔ اتھ آلوہ آزادن تہٕ نزہ تہٕ سہن تہٕ کونچھس رت۔ اتھ چھُ اَزی کرِ
ہسفِ اَولہِ شاعر تہٕ موہرٕ میٹھو کران۔ یمن اندر رحمان راہی، امین کامل، دیناناتھ نادم، مظفر عازم
بیترِ خاص طور ناوہیٚنس لایق چھُ۔ چنانچہ شاعرن ہندِ ریاضہ ہسیتۍ رُوز محمودنہ زمانہ پیٛٹھہ برابر
ازتام کاشرِ غزلچ حالت بدلان۔ اگرچہ تبدیلی ہنز یہ رفتار رُوز خاص کر ۱۹۴۷ اَنہ عیسوی تامت
سیٹھاہ سُست تہٕ کمزور، مگر تبدیلی رُوز سپدان۔ یتیہ اٚسی اَمہِ دورکس اُردو غزلس سان
ہیوان چھُ، اَسی چھُ ارچ رنگارنگی، وسعت، پدچھر تہٕ امیک تھزر دیچھت امہِ کرِ جان دار آہنگ
غارٕ مُبہم لفظن منز اعتراف کران۔ مگر امہِ ساتن پزٕہ اسہِ باقی کتھو علاوہ یمن حالاتن کُن تہٕ نظر
کرِنۍ یمن دوشونۍ زبانن کاشرِ تہٕ اردو برونٹھ آے۔ اسہِ پزٕہ یہ حقیقت تہٕ برونٹھ کنہٕ تھاوٕنۍ
زِ اُردو نہ بانۍ ہُند دُنیاہ اوس تہٕ چھُ کاشرِ زبٲنۍ مقابلہ سیٹھاہ وسیع تہٕ کُشادہ۔

محمود چھُ کاشرِ غزلک باضابطہ ابتدا کران۔ یہ چھُ پننہِ نہن کاشرِ ن غزلو اندر، یمن
ہُند تیداد سیٹھاہ کم چھُ، دِل دوزٕ لہجس اندر زِندگی ہنزِ بے ثباتی ہُند یحساس بیاد کران تہٕ
بلنۍ امہِ کرِ قیمتی تہٕ موٗلی آسنگ جس دوان۔ فارسی شاعری ـــــ خاص کر غزل ـــــ
ہندِ روایتی اندازہ نِش متاثر سپدتھ محبوب سندِ خدوخالک نقشہ تلان۔ تمۍ ہنزٕ سنگ
دِلی تہٕ تنگ دِلی ہُند شکوہ کران۔ تمۍ سندِس بے رحم آسنس پیٛٹھ افسوس کران۔ عشقک اظہار

کران تہٕ پننہِ مزاجُک پے دِوان ۔ مگر اُمی سندہِ غزلیچ زبان چھےٚ پُزی پاٹھۍ بے لذّت ۔ زِن چھُہ
امہِ منزٕ لطافت دِنُک رس چیرِتھ کڈنہٕ آمُت ۔ اُمی سندین لفظن منز چھُنہٕ رٔسول میرُن
طُمطراق ۔ مگر یُس چیز اُمی سندِس غزلس بیٚہ زوٗ بخشنہٕ نِشہِ بچاوان چھُ، سُہ چھُ اُمی سُند سُہ لہجہ
یتھ اندر تلاش تہٕ غمُک میچھر چھُ ۔ محمودنین غزلن ہنز زبان چھےٚ سیٹھاہ آسان ۔ مگر کُنہِ کُنہِ جایہِ چھےٚ
اتھ آسان نہٕ سادہ زبانۍ منز پُورہ فارسی ترکیبہ بھرنہٕ آمژٕ ۔ محمودنِس غزلس پیٹھ چھُنہٕ تفصیلہ
سان کتھ باتھ کرنٕچ خاص ضرورت ۔ تہٕ کیازِ اُمی سندین غزلن ہنٛد تیداد چھُ سیٹھاہ کم ۔ یہ تہٕ
چھُ پزر زِ یمہِ ساتن محمودن کوشُر غزل لیکھُن ہیوٚت، اتھ اُمس نہٕ کانٛہہ ستھ رِوایت
پتہٕ کُنہِ لیہِ سہ اُمی سندہِ باپت کھوٚٹ بننتھ ہیکِہ ہے ۔ یہ چھُ حقیقت زِ محمودن اوس کأشرِس
غزلس کُن دِوان تہٕ اکھ نوٚو تجربہ کران ۔ تمۍ چھُ پننہِ تجربہ غزل ترأوتھ شأعری ہنٛدین باقی
صِنفن اندر بیٚین تام واتناونٕکۍ وارِیا کامیاب تجربہ کٔرۍمتۍ ۔ محمودنِس کلامس اندر چھُ تغزُل
مگر یہ تغزُل گژھہ نہٕ اُمی سندِس غزلس اندر ژھانٛڈنٕچ کوشش کرنۍ ۔ محمودنۍ یہ شروع
کرمژ کوم چھےٚ اُمس پتہٕ حُسن شناس تہٕ حُسن نواز شاعر رٔسول میر پُورہ کران ۔

رٔسول میر چھُ شوخ تہٕ ریٚہہ دار جذباتن ہنٛد مألک ۔ تمۍ سنز ہِنہٕ ہِنہٕ چھےٚ حُسن دِتھ
بُرہان ۔ یہ چھُ سُہ حُسن یتھ یمۍ زمینہِ ہنز خاصیت وجودس منز آنان تہٕ زنم دِوان چھُ ۔
سُہ چھُ عاشق مگر تمۍ سُند محبوب چھُ یمۍ زمینہِ پیٹھ پادہ گوٚمُت ۔ سُہ چھُ تمن تمام صِفتن
ہنٛد مألک یم تس مأرہ موٚند تہٕ دِلچسپ بناوان چھےٚ ۔ رٔسول میر چھُ مجازُک پرستار ۔ سُہ چھُ اُتھی
مجازس گت کران کران حقیقتس واتان ۔ غونچہ لبن یتھ فِداسپدُن چھُ تس نِشہِ زندگی ہُنٛد حاصل ۔
سُہ چھُ پننِس محبوبہ سُند سراپا فن کارانہٕ صلاحیژو سان زِندہ لفظن، تشبیہن، اِستعارن تہٕ ترکیبن
ہنٛدِس پیکرس منز تراوُن یژھان ۔ اُمی سُند یہ یژھُن چھُ مکتبن کأشرین غزلن اندر حقیقت بنان ۔
سراپا نِگاری اندر چھُنہٕ تس کأشرہ شاعری اندر کانٛہہ تہٕ مدِمُقابل ۔ اُزیُک فاضل تہٕ چھُ سراپا نِگاری
کران ۔ مگر اتھ منز چھُنہٕ سُہ جِدّت لیہِ سہ رٔسول میرس یتھ مقام دِوان چھُ ۔ اُزیُک فاضل چھُنہٕ کُنہِ لحاظہ
تہٕ اتھ تام دانس منز رٔسول میرس بروٚنٛٹھ نیران یا تس برابر یِوان ۔ ییٚلہِ مہجور سراپا نِگاری کران
چھُ، سُہ تہٕ چھُنہٕ کانٛہہ نوٚو وتھ کڈان بلکہِ چھُ رٔسول میرنۍ وتہٕ یکان ۔ رٔسول میر چھُ عاشق مزاز
تہٕ غزل چھُ امی مزازکِس شاعرس نِشہِ پہانٛپلان تہٕ جہار کڈان ۔ چنانچہ ییٚلہِ رٔسول میر کأشرس

غزلس پننہِ بیٚن سو کھ یِحاسُک ذریعہ بناوان چھُ سُہ چھُ اتھ کأشرِ زبأنی اندر زندہ روزنُچ ضمانت دِوان۔ محمود چھُ غزلس کأشرِ زبأنی سیٚتی اتھہ واس کرناوان۔ مگر رَسول میر چھُ اُمس ــ "تو من شدی من تو شدم" وُنِتھ کأشراوان۔ اُمو سندِس غزلس اندر چھُ ضرور ایرأنی تصور حُسنُچ ژھاے تہٕ چھاپ۔ مگر بُنیادی طور چھُ یہ کوشُر غزل۔ رَسول میر چھُ سُہ گوڈنیُک، ییٚمو کوشُر غزل رِتھہ کھور تہٕ ماری موٚند بنوو۔ لفظن تہٕ ترکیبن ہنٛز چُستی، ردیف تہٕ قافیٖن ہنٛد نوٗر تہٕ پننہِ یِحاس چھُ گرمی سیٚتی چھُ رَسول میر کأشرِس غزلس زِندہ روزنُچ ضمانت دِوان۔ رَسول میر چھُ غزلس منٛز کونگرِ ہنٛدِس رنگہ بدنس، نوزُک تہٕ ڈالے پوش توٗلہ سروِ روان پیکرس ژھنٛڈنی موکھس تہٕ زأنی وانکن، تمہ ہنزن گراین تہٕ ژھاین وژھہ وأنجہ تصویر تلان۔ تس چھُ زُلفن ژھایہ سونہ دورن ہنٛز حرکت، بادأمی چشمن ہنٛد خُمار، پوشہِ بدن تہٕ پیچ در پیچ سیاہ زُلف واہ واہ کرناوان تہٕ زیو آنان۔ رَسول میر چھُ یژھان اُتھی جوان تہٕ رس دار ماحولس منٛز زندگی ہنٛدی مو مختصر سات بسر کرنی۔ سُہ چھُ مجازی عشقچہِ آدریٚنہِ منٛز پننہِ پانچ ہمن ہمن نارہ زألتھ کأشرِس غزلس دُشنیر وآتناوان۔ محمودنِس غزلس مُقابلہ چھُ رَسول میرُن غزل زیادہ شوخ، زیادہ نازُل، زیادہ چُست، زیادہ طرح دار، زیادہ مُشک دار تہٕ زیادہ زور دار۔ رَسول میرنِس غزلس مُقابلہ چھُ محمودُن غزل ناموزُون فارسی لفظو سیٚتی گوبوٗمُت باسان۔ رَسول میر تہٕ چھُ بے وایہ فارسی لفظ استعمال کران مگر محمود چھُنہ سو کیفیت پأدہ کران یوسہ رَسول میرین فارسی لفظن ہنٛدِ استعمالہ سیٚتی کڈان چھُ۔ امیُک اندازہ ہیٚکہ محمودُن سُہ غزل پرِتھی سپدِتھ، ییٚمُک شعر یِم چھِ ــ

یارہِ میانیو مارکن منٛز پان ہو وُتھرتی پزیا
تارکن منٛز ماہِ تابان مندہِ چھووُن تی پزیا
در کمندِ کاکُلِ تو گوو دِل دیوانہ بند
مارہ زُلفو سیٚتی عاشق مارہ ناوُتھ تی پزیا
سروِ نازا پاک بازا شب بیاری باکُدام
کاکُلِ بند و قبا ژٕرے موٗژہ راوُتھ تی پزیا

•

تہٕ رَسول میرُن یہ غزل پرِتھ، ییٚمُک شعر یِم چھِ ــ

دِل بند دِل آرام دِل آزار نِگارو

گُل خندہ گُل رو خسار گُل اندام نِگارو

وُچھ آفتابن چون ژنڑنی موکھ تہٕ ڈوُس رنگ

گجہٕ کاژہ تو سے زوُن چھُس سرسام نِگارو

سیتا یہِ گتھ کرِہی لولہٕ نارس بالہٕ یارس پتھ

کم گیت وُنی وُنی رام کوٗرن ' رام نِگارو

جدت پسندی ہندی عناصر چھِہ دوشوٗنی گوشہ ماتن ہندِس کلامس منز ٹاکارہ لوزنہٕ یوان۔ مگر مُقابلہٕ سیتی اکھ خاص مماثلت پادہ کرنس منز اوس رسُل میر پزی کنز جدت پسند۔ کانہہ شخص تہٕ ہیکہٕ نہٕ تیوتھ دلیر بنتھ زِ سُہ کرِ شیکسپیٖرس تہٕ رسُل میرس مُقابلہ۔ مگر بہٕ کرہ شیکسپیٖرنہٕ سندِ اکہِ سانیٹُک کوشُر ترجمہ پیش۔ امِ تلہٕ چھُ میوٗن مقصد یہِ واضح کرُن زِ رسُل میرٕ کتھ حدس تام اوس جدت پسند۔ تمُہ اوس نہٕ انگریزی پوٗرمُت تہٕ نہٕ اوس امہِ وِزِ کشیرِ اندر کانہہ سُہ کوشُر یُس انگریزی ادبس پیٹھ نظر اوس۔ مگر ییتھ پأٹھو شیکسپیٖر مُقابلہٕ سیتی پننِس محبوبہ سُند حُسن ہاوُن یژھان چھُ، قریب قریب چھُ سُی اندازہ رسُل میرن تہٕ اکِس غزلس منز یختیار کرِتھ وارِیاہ کامیاب کوشِش کرِمژ۔ یہِ چھَہ بدل کتھ زِ رسُل میر چھُنہٕ شیکسپیٖرنہٕ سندِس تھزرس وُتمُت۔ تاہم چھَہ یہِ کتھ واضح سپدان زِ رسُل میر اوس صحیح فن کار تہٕ جدت پسند۔ شیکسپیٖرنہٕ سُند سانیٹ چھُ یہِ

آفتابس چھُنہٕ یارہ سنزن چشمن سیتی کانہہ ہشر

تمِ سندِ ین وُٹھن ہندِ ووزجارہ نش چھُ مریجان ہنا جادہ ووزُل

ہرگاہ شِینُک رنگ سفید مانو

تیلہِ چھُ تمِ سندِ وَچھُک تھزر بدلہِ رنگہ

ہرگاہ زُلفن تارہ ونو

تیلہِ چھَہ تمِ سنزہ ہیرہ پیٹھہ سیاہ تارہ پرورش لبان

میہٕ چھِہ وُچھمٕتہٕ گولاب، ووزلہٕ تہٕ سفید، مُشک ژھٹال

مگر میہٕ چھُنہٕ یِم گولاب نظرِ گژھان تمِ سندِ ین روخسارن پیٹھ

کینشرن مُشکن اندر چھِ تیتھہٕ جامہ پہٕن تِمَو شِہو مُقابلہٕ یِم سو کھالاں والان چھَ

میٚہ چھہٕ تِمیٚ سُند بول بوش بوزنس بے بدل مزہ یِوان

حالانکہ تُہٕرہ چھِم خبر زِہ مُوسیقی چھہٕ امہِ کھوتہٕ خوش یِوَنی سور،

میٚہ چھِنہٕ زُنٛہہ تہِ وَیہٕ پھٕر نیٚدٲیی قدم ترٲوان

مگر یٚیلہِ سو پکان چھیٚ یٚتھ زمینہِ پیٹھ چھہٕ یِوَرِ ترٲوان،

مگر —— قسم چھِم نِحو وایہِ سُند

بٕہ چھُس سہٕ محبوب تیٚو تھہٕ نایاب زٲنان

یُوٚت سہٕ نامُناسب مُقابلہٕ سیتھ صحیح نقش پیٚٹھ یِوان چھُنہٕ

●

رٔسُل میرنہٕ غزلکہِ شعر چھِہ یِم سہٕ

دُر دانہٕ آسِتھ بے خبر مرجان دِیان چھی

خورشید رُوسِ کج نظر پدان دِیان چھی

قد چون وُچھِت وِیر برنٛیمان تیز گژھان خم

شمشاد سیمین سرو خرامان دِیان چھی

یِم قبہٕ سینکی ڈیشہِ وُنہِن دُبہ پھِران دِل

انار شیرین کونہٕ دُولپستان دِیان چھی

شیکسپیٖرُ سِندِس سانٹس مُقابلہٕ یُس بوٚڈ ہیوٗ چیز رٔسُل میرنِس غزلس منز نوقص

پادہٕ کران چھِ سُہ چھہٕ لفظِ "بے خبر" تہٕ "کج نظر"۔ مگر امہِ نوقصہٕ باوجود چھہٕ اُسی محسوس

کران زِہ رٔسُل میر کمہِ آیہٕ اوس وُڈٕ کرُن یِژھان۔

رٔسُل میر چھہٕ ۱۸۷۰ عیسوی اندر محمود گامیس مُقابلہٕ سیٚٹھاہ لُوکُٹ مران۔ اُمی سِندِ

مرنہٕ پیٚٹھہ برابر مہجورنِس زمانس تام چھہٕ ضرور کینہہ اہم شاعر کاشرِ زبانی اندر شعر و شاعری

کران۔ یِمن اندر رحیم صاحب، مقبول شاہ، رحمان ڈار، شمس فقیر، وہاب حاجن تہٕ

عبدالاحد نادم خاص درجہ تھوان چھِہ۔ مگر یِمو شاعرو چھُنہٕ غزلس اندر کانہہ خاص تہٕ اہم

اِضافہ کوٚرمُت۔ وۄہایِ طبیعت اوس نہٕ شاید غزل لیکھنہٕ بابت موزوٗن۔ چنانچہ تمۍ چھہٕ پانہٕ تہٕ
جنگ نامن تہٕ باقی چیزن کُن توجہ دِیتمُت۔ مقبوٗلن چھہٕ پنہٕ نین تخلیقی قووتن ہُند استعمال
مثنوی تہٕ وٕژنس منز کوٚرمُت۔ شمس فقیرن چھہٕ غزلس کُن سیٹھاہ کم توجہ دِیتمُت۔ نادِم چھہٕ
نعت خاٗنی منز لگن نِشس داد رٹمان۔ اتھ حقیقتس پیش نظر چھِنہٕ غزلس منز کانہہ بڈ تبدیلی
یوان۔ تصوٗفکی پُر پیچ مسلہ تہٕ چھہٕ ضرور اتھ دورانس منز شاعری ہندۍ موضوع بنان مگر غزل
چھہٕ کُلہم تِتھی پٲٹھی روزان بیٚتیتھ یہ ژٕ وٗتل میرن ترٛوومُت اوس۔ کانہہ نوٚو شاعر چھِنہٕ اتھ
دورانس منز پاٚدٕ سپدان یُس کاٗشرس غزلس بیاکھ دُنیاہ ہاوِہے تہٕ لول بھرِہے!
لہٰذا ہیوٚکنہٕ کوٚشر غزل یہندِ دُسی تہٕ مقامہٕ بٕرونٹھ پکتھ، یتھ مقامس پیٹھ یہ گوڈے ژٕ وٗتل
میرن واتنوومُت اوس۔ کانہہ کانہہ غزل چھہٕ پننہٕ جایہ جان باسان، مگر امہِ دورُک غزل چھہٕ
کُلہم جوش، ریٚہہ، مستی تہٕ دلچسپی نِشس خاٗلی باسان۔ باسان چھہٕ زِ ن شاعرس غزل لیکھنچ تخلیقی
صلاحیت آسی نہٕ۔ زن نہٕ تٔمس دِزوٗن دِل چھہٕ اوسمُت۔ زن نہٕ تمۍ غزلادِ مژن حقیقتن ہند
تجربہ سوٚرمُت چھہٕ۔ زن نہٕ تمۍ زِ نہٕ تہٕ سوٗچمُت چھہٕ زِ پننی کاٗشرِ زبانۍ ہند ژٕ وٗتل میر کیاہ
وٕنہِ ہے تمۍ سندِس غزلس پرٕتھ۔ اتہٕ چھِنہٕ سو پُر سوز کیفیت تہٕ تخلیقی بے قراری، یمہٕ خاص کر
ژٕ وٗتل میرنس غزلس زُو دِژ ژو۔ اتہٕ چھِنہٕ حُسن کلامُک تہٕ شاعرانہٕ رمز نگاری ہند کانہہ سہ
نوٚ پریُس مہجورس یا جدید غزل گو شاعرس مین نِشس بیوٚن کڈان چھہٕ۔ اتھ دورس اندریُس کم
قلیلاہ غزلی ادب پاٚدٕ سپدُ، تمیک اوٚڈ حصہٕ چھہٕ تقلید پرستی ہند شکار سپدمُت تہٕ اوٚڈ
رِوایتی تصوٗفُک۔ کُنہٕ جایہ چھہٕ مصرعہ جان باسان تہٕ کُنہٕ جایہ چھہٕ کانہہ شعر رِتہٕ اظہارکی جامہ
دٕلتھ اسہِ خوش کران۔ امہِ دورکس غزلس اندر چھِنہٕ تخلیقی اَدبچ دِلکشی تہٕ تھپ محسوس
سپدان۔ شاید چھہٕ امیک بوٚڈ وجہ یہ تہٕ زِ امہِ دورکیو شاعرو کوٚر پنہٕ نین صلاحیتن ہند
اظہار غزل ترأوِتھ بیین صنفن اندر، یمن منز مثنوی تہٕ وژن خاص طور ناوہِنس لایق
چھہٕ۔ غزل برونٹھ پکناوِنہٕ بابت چھہٕ زمانہٕ شاید مہجورس تہٕ زمانس پراران۔

مہجور چھہٕ تتھ زمانس اندر شاعری کران، یُس سیاسی لحاظہ محمود گامیس زمانس بلکل
مختلف آسان چھہٕ تہٕ کاٗشرین ہندِ بابت وارِیاہ رُت آسان چھہٕ۔ اتھ زمانس منز چھہٕ

چھہٖ ژھیٖنہٕ کرنہٕ آمژ سیاسی بیدأری ہنز مثألہٕ بیٚیہٕ روشن سیدرٕ نی ہیوان۔ مہجورسٕندہٕ باپت اوس امہٕ کِہ اثرہٕ نِش بچُن سیٹھاہ ناممکن۔ فارسی تہٕ اُردو زبأنی نِش واقف مہجور چھہٕ کأشرِ زبأنی اندر نظم، وژُن تہٕ غزل تخلیق کران۔ اَمی سٕندِس غزلس اندر چھہٕ اَسہِ اہم تبدیلی ہندی نقش نظرِ گژھان۔

مہجور چھہٕ صحیح معنیس اندر رسُل میرس پتہٕ کأشرِس غزلس یژ لبستہٕ حالتہٕ منزہ کڈان، وُشنیر واتناوان تہٕ نوٚو زُو دِوان۔ سُہ چھہٕ باقی شاعرن مُقابلہٕ غزلچ زبان تہٕ ہُنا کأشراوان تہٕ لفظن ژأرِ تہٕ نوٚو دِوان۔ سُہ چھہٕ پرٲنین رموزن تہٕ کأم ہیوان۔ مگر سُہ چھہٕ یمن منز توجیہہ تہٕ بدلاوان۔ کوشُر غزل چھہٕ بیٚیہٕ یتھ دُنیہس تہٕ یمہٕ دُنیہچہ خوشی تہٕ غمس نزدیک یوان۔ گوڈہ گوڈہ تمہٕ سُند یہ وَنُن چھہٕ دُرست زِ تمہٕ سٕندِس رُوپس منز چھہٕ رسُل میرن دُبارہ زنم لوٚبمُت۔ مگر ہنا برٛونہہ کُن پکِتھ چھہٕ نہٕ تس رسُل میرنی پأٹھی قندھارچ زُون کل کڈان بلکہ چھہٕ سُہ ژٕندہٕ ہارچہ زُونہٕ ٹھلہٕ ٹھلہٕ وُچھان تہٕ تمہٕ سٕندین داغن منز دِلکشی ہندی سامانہٕ تلاش کران۔ مہجور نہٕ امہٕ علاوہ چھہٕ کوشُر غزل کوشرِ مزاجہٕ رٹان۔ مہجور چھہٕ نہٕ رسُل میرنی پأٹھی صنچ ریٛہہ وُچھِت جسمأنی طور رقص کران بلکہ چھہٕ سُہ امہٕ باپت پنہٕ نِس رُوحس داوس لاگان۔ رسُل میر چھہٕ لوکٕٹہٕ آبشارکی پأٹھی گرزان۔ مگر مہجور چھہٕ سنہٕ کولِہ ہندی پأٹھی خاموش۔ مہجورَن کرٕ یژی کنہ گوڈہ گوڈہ رسُل میرس تہٕ وہابس تقلید، مگر ہنا برٛونہہ کُن پکِتھ ترٲوی تمہٕ تقلیدکی زولانہٕ پھٕٹرٕ۔ یہ لباس باسیوٚ تس ژھوٚٹ۔ تمہٕ بسود۔۔ کأشرِس غزلس منز بیاکھ دُنیاہ۔ یہ اوس اِنسانہٕ سٕندہٕ دِلک دُنیاہ! تمہٕ سٕندین احساسن تہٕ جذباتن ہُند دُنیاہ۔ مہجور رُود نہٕ رِوایتی شاعرن ہندی پأٹھی لانی نیلے، تصوف تہٕ سراپا نِگاری جادہٕ لور۔ گوڈہ گوڈہ چھہٕ یہ تہٕ رسُل میرنی پأٹھی سراپا نِگاری منز لذت محسوس کران۔ مگر مہجور چھہٕ سیتی اتھ مجازس کُن بیٚیہٕ رُخ بنان تہٕ اَتھ منز روزن وأل انسانس سیتھ یارانہٕ بٕڈراوُن یژھان تہٕ پورہ پأرٕ زان حاصل کرنی یژھان۔ مہجور چھہٕ کأشرِس غزلس اکِہ لوکٕٹہٕ نالہٕ منزہ کڈِتھ اَکس بٕڈِس نالس منز واتناوان۔ کوشُر غزل چھہٕ بلاشک مہجورنہٕ دُسی نوٚو سرٕ زندگی لبِتھ وادیاہن اِنسأنی خاہشن، ارمانن تہٕ تجربن ہُند آباد گہہ بنان۔

مہجورَن بجر چھُ ییتھ کتھ منز زِ تمیٚ پرزہ ناوِ یمہٕ خاہشہٕ ۔ یم ارمان تہٕ تجربہ کٔرِٹن وَننہٕ ۔ پرزہ نادرٕ تہٕ وَننہٕ کٔدلٕہ پتہٕ کرِن یمہٕ لفظن ہندِس ظلماتس منز ییٚنہٕ پأٹھی منتقل ۔ مہجورنہٕ امہٕ عملہٕ سیتی آد یک بار کأشرِس غزلس تہٕ فائدہ تہٕ کأشرہ زبأنی تہٕ ۔ امہٕ عملہٕ سیتی رُودنہٕ اُمی سُند غزل صِرف تصویر کشی کران بلکہ ژاو اَتھ اندر اِنسأنی یِحساس تہٕ جذبہ تہٕ ۔ مہجورنہٕ امہٕ انسأنی یِحساسچ تہٕ جذبچ نوعیت کیفیت تہٕ سیرت چھ سیٹھاہ پرٛژ تہٕ تھزٕ ۔ یہٕ وَنُن چھُ صحیح زِ اَتھ تھزرس میٚچھ کمی غزل دأتان مگر حقیقت چھ یہاسے زِ مہجورَن وأتنو کوٗشر غزل اَتھ تھزرس پیٹھ ، ییمہٕ ساتن تمیٚ ییتھی ہی شعر تخلیق کٔرۍ ؎

اُلفتُک سودا کوٗرُم غمن مُلی ہیٚوتم
اُتھی طریقس پیٹھ چلیوٚ باپار میٚون

ہی پوشکی پأٹھی گُزرأیِم زِندگی
لنجہٕ اُدجہٕ گودنہٕ گوٚب زنہہ بار میون

یُتھ گالی کُھٹِتھ تھوٚو میٚہ دِلُک حال اُکن نِش
افسانہٕ وُنی وُنی ہوش رووُم رازٕ نُنِتھ گو و

ذرہ ذرہ تھوٚوُم ذرہ کٔرتاہ زرہ میٚہ سُنِتھ گو و
کو وِہ زانہٕ لولُک نقشہٕ دِلس کرمیٚہ کھُنِتھ گو و

اوٚش گوم جأری یام ژٔیتس ییوم تہٕ جانان
بیوٚٹھ ناوِہ اندر یانہٕ ، میٚہ سیلاب اُنِتھ گو و

لَوِہ زان بہٕ دسیٚ وسیٚ تام پیٚیس یام ژِہ دوٗر یوکھ
پوٚت ژھایہٕ وُچھمک دوٗرِہ آیم گرایہٕ وَنے کیاہ

ژٕلہٕ لارِہ وُچھمک حال وَنہٕ ہے وارہٕ وُچھہَے رہوے
گلہٕ زٕلو میٚہ گیمہٕ اوٚش وٚوتھم دٕریایہٕ وَنے کیاہ

وٚوتھ شور یامت داوٕ حُسنس موج تُلِتھ گو و
اِظہار تی کوٚر زُلفچہٕ تھتھرایہٕ وَنے کیاہ

خُمارات حُسنُک مارہ موٚت ییٚلہٕ باگراوُنہٕ ڈٔراو
سیوٚد سادِہ کٔنِن لال بخشن پوش کُنڈی زالن

نِنہٕ گٔمہٕ ٹوٗس بیدار کٔنِن گٔتِجہٕ وَنہٕ وُن گوم
زونُم میٚہ وَندرہ سورلو پرتو تژو سونتہٕ کالن

مس دامہٕ دامہٕ چأوِتھ حِس ہوش راوہٕ رأوِتھ
کتھ کٔنِ ژوٚلکھ میٚہ ترأوِتھ لوٚکچارہ وارہ وارے

پوشہٕ ٹوٗری مُشکہٕ بٔری تھک رسہٕ پأٹھی گنڈ مُتری تھک
اَسہٕ وُنہٕ دِہانہٕ کٔرِی تھک آوارہ وارہ وارے

آیوس زٔنس باغ چھاوُنہٕ وہم غائب گوم
پَننے خیالکۍ پانسی زولانہٕ بنأوِم

لَوِہ ہٕتر تہٕ پھندریمژ مسول وَنان چھہٕ وادس
دامانہٕ میٚون ییمۍ چھوٚل تس زنہہ قرار آسیا

پریشان دِل بہٕ چھُس بلبُل دِیان چھم وَن خبر تورچہٕ
بہانہٕ کانہہ تمن وَنہٕ ہا مگر ییٚنِس دِلس وَنہٕ کیاہ

پوٗشیدہ تھوٚی تھوٚی ڈٔراو بٔیہ ٹھِتھ میون اندریم حال
ییتھ پأٹھی پوشس سینہٕ ژٕٹِتھ مُشک نیبر ڈٔراو

وُنِتھ لولہٕ گفتار ژٕیہٕ ستے عار آسہنے
ژٕیہٕ ڈیشتھ میٚہ زٕلو چھیم کلان ٹاٹھہٕ یارو

مہجورن ہم زمانہ شاعر آزاد تہٕ چھےٚ غزل لیکھان تہٕ ماسٹر زندہ کول تہٕ احد زرگر تہٕ۔ عبدالاحد آزاد اوس مہجورس مُقابلہ مختلف اُڈریٖنہٕ پیٹھ تیار سپدمُت۔ آزاد اوس عظیم اُردو شاعر تہٕ فلسفی علامہ اقبالس نِشہِ مہجورس مقابلہ سیٹھاہ جادٕ متاثر سپدمُت۔ آزاد اوس تمن ترقی پسند خیالن تہٕ نظماوان تہٕ غزلاوان یم اتھ دورس اندر تمہِ وقتہٕ کِس ہندوستانس منز تہٕ بالیٖغ انتہاپسند سیاست دانن ہندی موضوعِ سوخن بنے متہٕ آسی۔ مہجورس مقابلہ ہیوٚک نہٕ آزادن رِوایژ فنس تہٕ خیالس میٖل کٔرِتھ۔ یہ ناکامی چھےٚ اُمی سندِس غزلس منز تہٕ ڈٕر ینٹھ یوان۔ چنانچہ آزادٕن غزل چھےٚ یا تہٕ زوال پذیر سماجکہ تصورِ حُسنک بار بار ونہٕ متہٕ بیٚہ مزہ حقیقتک اظہار بنان یا چھےٚ تمہٕ نوٚ بالیٖغ انتہاپسند تحریکہٕ کِہ اظہارک اکھ ذریعہ بنان یوسہ خاص کر ادبی مادانس شرہٕ لازمی اندری اُس۔ یمن دوشونی دنیہن سیتہٕ تعلق تھوٚن وول خیال چھنہ توٚتہٕ آزادنہٕ دُسی شعرک زاڈی جار حاصل کرنس منز کامیاب سپدمُت۔ یم خیال چھےٚ خیال زِیادہ رُودی متہٕ تہٕ شعر کم۔ یم چھےٚ اِشتعال دِوان مگر کیفیت چھنہ پاۤدہ کران۔ یمن اندر چھےٚ پزر۔ مگر یہ پزر چھےٚ اسہِ اِشارن تہٕ کنایِن منز ورگہٕ صوفی شاعرن نِشہِ تہٕ واریاہس حدس تام بوزمُت۔ مگر یمہٕ کتھہ باوجود چھےٚ آزادٕن غزل جدید انسانس خیالہٕ کنہٕ کلہم جدید باسان۔ ترقی پسند خیال غزلادنہٕ سیتہٕ چھےٚ آزاد کاشرِس غزلس ضرور فائیدہ واتناوان۔ سہ چھےٚ یِمہٕ کتھہِ ہند احساس تہٕ ژینہٕ وُنی دِوان زِہ غزل ہیکہِ حُسن وعشق علاوہ بییِن موضوعن تہٕ خیالن تہٕ بیان کٔرِتھ۔ چنانچہ کاشرِس غزلس چھےٚ پننہِ مادانکہِ وُسعتک احساس سپدان۔ اقبالس تہٕ مہجورس نِشہِ تہٕ ترقی پسند مفکرن نِش متاثر سپدمُت یہ شاعر چھےٚ اسلوب و بیانچ اکھ نوٚیدی وتھ کڈنچ ابتدا کران۔ آزاد چھےٚ اَکِس نوٚس کُٹھس دروازہ مژراوان۔ اگرچہ سہ پانہٕ اور اژان چھنہ مگر پتہٕ والین شاعرن ہندِہ بابت چھےٚ سہ اتھ منز بیٚہن سہل بناوان۔ آزادنی یہ کوٚشِش چھےٚ تمن غزل گو شاعرن مُقابلہ سیٹھاہ اہمیت تھوان یم محمودنہٕ وقتہٕ پیٹھہ زاینژہ ترکیبہٕ، گرٚی متہٕ استعارہ، بناوِ مژہ تشبیہہ تہٕ وُنی متہٕ خیال اَکِی لفظہٕ ژٔر اندر ارزان طریقس پیٹھ بیان کران رُودی متہٕ چھےٚ۔ مگر آزادن ہیوٚک نہٕ سہ تغزل پاۤدٕ کٔرِتھ، یتھ اندر مہجور مقابلن کامیاب سپدٕ۔ سہ رُود غزلس مقابلہ ماسٹر زندہ کولنی پاٹھی نظمہٕ کے شہسوار۔ زندہ کولنی غزل چھےٚ سیٹھاہی کم یمن اندر پوختگی آسنہٕ علاوہ تصوفچ خوشبوے یوان چھےٚ۔ اگر ماسٹر زندہ کولنہٕ دُسی نظمن ہندی پاٹھی غزل تہٕ واریاہ لیکھی متہٕ آسہن، کوٚشُر غزل آسہِ ہا تمیٚ زیٚدی پاٹھی مال دار بنومُت!

اقبال ناتھ وَنچو

# کاشُر رامایَن تہٕ تمِچ گوڑٕ کتھ

یہِ چھےٚ اکھ عام کتھ زِ پرانین ہندوستانین اوسُنہٕ توارٟیخ لیکھنُک شوق یہِ کتھ اٟسہٕ تن رٕوٕ بیٚیہِ ہندی شُراہ آتہٕ پتٕر یا متہٕ اٟسہٕ تن، مگر یہِ چھےٚ پوٚز زِ ہندوستانکین بَڑین بَڑین لیکھن والین گوٚو نہٕ زانہِہ امہِ کتھِ ہُند توفیق زِ تمہِ تھوٚوٕ ہٕن پننین کتابن مَنز لیکھِت زِ تم کر آیہِ یِ لیکھنہٕ۔ یہِ چھےٚ اکھ اَکہِ کتھ زِ اگر تم لیکھِت تہٕ تھوٚوٕ ہٕن تَو تہٕ بیٚیہِ ہے ازکل اَسہِ مُشکل درپیش۔ تکیازِ یہِ تھَو کُنکس چھےٚ سُنہٕ بدل وَنی رُدٕ مِتھ۔ ویدو بیٚیہ اُپنِشدن نام تہٕ پرانو بیٚیہ رامایِنس نام چھُنہٕ کُنہِ تہٕ کتابہِ لیکھنُک سَنہٕ دِتھ۔ کالیداسن تہٕ چھُ یۄہے حال تہٕ کاشرین لیکھن والین ہُند تہٕ۔ یِہ اٟس اَکھ ترٛٹھ روایت ییٚنہِ مُشہ یوسہٕ اوترٕ اوترٕ تام چلان اٟس۔ خالی کانٛہہ شاعر دراو سُہ ییٚمہٕ یہِ روایت پھُٹراونُک جُرأت کوٚر۔ تِمو مَنزٕ چھےٚ اکھ شعبان ڈار یٚمہِ داستانہِ بہرام باٟتن مَنز لیچھ۔ اَمہِ کِس اَکِس باٟتَس مَنز چھُ سُہ امیک سَنہٕ تألیف تہٕ لیکھان۔ مختار شاہ کھوٚو یِہ ہیٚمین لیوٚکھ جنگِ خیبر۔ تِمو تہٕ پھُٹراو یہِ روایت مگر ظاہر بہر یۄد نہٕ سُتہِ اَتھ پوٚرٕ پاٹھۍ پھُٹراونس تِمہٕ لیوٚکھ یوٚتے "دوہ ہٕس اٟس یہِ دوار وقتِ دِگر" وقتہٕ تہٕ وارہٕ اپور تۄر نہٕ سُتہٕ محمود گامی صاحب اوس زیادے بوٚڈ گوٚو نہٕ مات۔ تِمو لیچھ ترجمن ہُنز ہزار یاہ کتابہٕ، مگر لیکھنُک تارٟیخ دِتُن اَکی رسی۔ اَمہِ علاوہ ییٚم گوٚو نہٕ مات اٟسہٕ تِمو تھوٚو یہِ روایت چلہٕ وَنی تہٕ ازکل چھےٚ اَسہِ اَدٕ نچ توارٟیخ لیکھنس مَنز سیٹھا سیٹھ پیوان۔

پرکاش رام تہٕ اوس بُتھے اکھ شاعر یٚمہِ رامایَن باٟتن مَنز لیوٚکھ، مگر یہِ دِتُن

نہ کأشہِ فِکرِ ترٛنہٕ زٕ یہِ کأم کرٕ کرٕ تمٕو ۔ گرٛیرسنَن چھپوو اَمیکُ ژھوٚٹ تہٕ لوکُٹ ایڈیشن تہٕ یمیوکھ خیال اَمکہِ لیکھنکہِ وقتُک ۔ خبر کِتھ کٕنٛز کوٚر تمٕو سہی زٕ یہِ کتاب چھُ سٕتہ کھجونِس زمانس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ ۔ اُتھی کتھِ کرِ یتھ کأشرِ ادیبو تہٕ تواریخ دانو تھٕچھ تہٕ اَچھی وٕٹھتھ کوٚر واریاہو اَمی کتھِ ہُند ذِکر ۔ یِژھی اکھ کوشش کٔر "علی محمد اینڈ سنز تاجران کتب" والیو تہٕ امیوٚ کھک یوٚہے زمانہٕ رآمائنکس پنٕنِس ایڈیشنس تہٕ ۔ یِمو چھپوو ہری ہر کلیان تہٕ یِمہٕ کِس پترِمس صفحس پیٹھ رامائنُک اکھ اِشتہار تہٕ چھپاوِتھ اوس ۔ اَتھ اِشتہارس منٛز اوس رامائنکہِ لیکھنُک سنہٕ وُرُی اُٹھ مرٕ پُورُی ہندٕ سے یہَن ہاونہٕ آمُت ۔

یتیلہِ یتیلہِ میہ یہِ رامائن پوٚر تیلہِ تیلہِ گوٚ میہ دِلس منٛز یوٚہے شک ہیوٚ یا دہ میہ ہیوٚکھنہ زانٕنہٕ تہٕ زٕ یہِ رامائن کیاہ چھُ پوٚت پرٛان ۔ یِمَن شکس منٛز گژھن کُمَن وجہاتَن پیٹھ اوس تہِ لیکھہٕ بہٕ برونٛہہ پیٚہن ۔ تام چھُم وَنُن زٕ اُتھی وقتس منٛز آو میہ پروفیسر بلہ جی ناتھ پنڈتَن ترتیب دِیُتمُت رامائن تہٕ اَتھو ۔ بہٕ گوس یہِ وُچھتھ سیٹھاہ خوش زٕ پروفیسر صاحب (یِمَن بہٕ یِتہِ یپور بلہ کاک جی) لیکھہ تہِ چھِ اُتھی تیٚمِس پیٹھ وأتی متہِ ۔ یہ چھُ اکھ عجیب کتھ زٕ اَسہِ دوٚن ہندی وقت مینہ نکِہ گژھ آسی الگ الگ ۔ اَتھ متعلق رٕچہ بلہ کاک جیَن نیٚبرٕ شہادژ تہٕ میہ آسہِ اَندرِمہ شہادژ رٕچہِ مرٕژ ۔ بلہ کاک جیَن رٕلوو پرکاش رامُن شجرہٕ نسب تہٕ ژھأرِن اَمہِ کتابہِ ہندی پرأنی نقل تہٕ اَخر کوٚرُن سہی زٕ یہِ رامائن چھُ سٕتلہ ۱۹۰۴ بکرمیس منٛز تیار آمُت کرنہٕ ۔ میہ آسی اَمہِ برونٛہہ اَمہِ کتابہِ منٛز کینٛہہ تِتھی لفظ ژامِرِتھ تھٕوی متی یِمنہٕ سٕتہ کھجونِس زمانس منٛز کأشرِ زبأنی منٛز ژامتی آسہِ ہَن ۔ تِکیا زٕ یِم چھِ ژکہِ انگریزی یکہٕ تہٕ یہ چھُنہٕ کنہِ صورژ منٛز ممکنی زٕ یِم کیا آسہِ ہَن سٕتہ کھجونہٕ وقتہٕ کشیرِ منٛز وأتی متی تہٕ پرکاش رامس کنن گأمتی ۔ یِم لفظ چھِ (۱) جیل (۲) ممبر (۳) کمیٖدان (۴) بنگالہٕ تہٕ (۵) زٕ خألِص ہندوستأنی لفظ تہِ چھِ اَتھ منٛز ورتاونہٕ آمتی ۔ یِم چھِ

(۱) دھرم کاراج تہ (۲) پُربی (پُوربی) یُوت یُوت بہ یمن لفظن ہُنان گوس تیُوت تیُوت

تُہ مےیہ فکرِ زہ یہ رامایِن چھ آسُت ڈوگرہ مہاراجن ہندِس زمانس منز تیار کرنہ یِیلہ زن یم

لفظ تہ یم چیز کشیرِ منز آیہ - یموّ منزہ چھ کینژن لفظن زیادے یہن سنزنک ضرورت

جیل - یہ چھ ممکن زہ یہ لفظ آسہے سِکھن ہندِ زمانہ کشیرِ منز آمت - توتام

آسہ یہن ظاہر قاعدخانہ آسان - پرکاش رامن چھ یہ لفظ بدل پاٹھو ورتومت - سُہ چھ ونان

"گردنہ ژھننس جیل" تہ یتھے کنز چھ یہ محمود گامین تہ لیلیٰ مجنون کتابہ منز ورتومت

تمہ چھ جیل یوّہے زنتہ زولانہ مونمُت، یُس ملزمن پایلہ گامتین چاروٲین تہ مہ ہتین

انسانن گردنہ نالی پیہ تراونہ -

ممبر - یہ چھ انگریزی لفظ - امیک مفہوم چھ یہ کاش رامن " زیٹھ" یا "سردار"

نیومُت - مےیہ چھ باسان زہ اکھ لفظس کھوت کشیرِ منز ووش تمہ ساتہ یِیلہ پرتاپ سنگھ

نہ زمانہ کونسل بنے یہ، یمہ کین عہدہ دارن ممبر ناو تھونہ آیہ - امہ بروونٹھ تہ اُس اکھ کونسل

سکھن ہندِ شِکس کھینہ پتہ لاہورہ بنے مڑ - تمتھ اُسی کونسل آف ریجنسی ونان - تمہ کین

عہدہ دارن تہ اُسی ممبر ونان - یہ ونُن چھ مشکل زہ پرکاش رامن تُلاہ یہ لفظ تہ امیک

مفہوم لاہور کہ کونسلہ پیٹھہ کنہ سرینگر کہ - اگر لاہور کونسلہ پیٹھ تُلُن تیلہ پیہ بلہ کاک جینس

پرکاش رامن وقت پیہ یہن یپور واتناوُن -

یوّہے حال چھ " دھرم کاراج " ترکیبک تہ - رنجیت سنگھنس حکومتس تہ اوس

فیشن " دھرم کاراج " وَنُن - ونان چھ زہ سہ اوس پانہ تہ اکھ پیی ونان - تمہ پتہ ہیوت

گاشر وو بٹو پرتاپ سنگھنس راجس تہ " دھرم کاراج " وَنُن - یمہ ساتہ پرکاش رامن یہ لفظ

ورتوو تمہ وِزہ آسہ ہے تس پایہ راج نظرِ تل نتہ ہہ راج - یہ چھ نُنو کنھ زہ یم دوشوے

راج اُسو بٹن کتھ جانی -

بنگالہٕ چھُہ انگریزی لفظ BUNGALOW ہیچ کأشرِ شکل۔ انگریزو کوڈ
یہِ لفظ پانہٕ "بنگال" ناوہٕ منزٕ۔ گوڈٕ گوڈٕ اُسہ BUNGALOW اکِس تِھکِس سیرٕ مکانس
وَنان، یُس یِوہے اُکو پُور آسہے۔ زٕ ژور بڑی بڑی کمرٕ آسہ ہأنس تہٕ آسہے لگن اکِس
دوٕن دوٕہن یا ژۄن ژۄن یِوہے "رین بسیرا" ہیو۔ گُلاب سنگھ نہٕ زمانہ ییلہِ انگریز سیاح
کشیرِ ترٲوِ ہیٚتِن حکومتَن بناوناو پرتھ ہندہٕ روز نہٕ باپت یِتھی مکانہٕ۔ کأشرِ وَون یِتھین
مکانن "کوٹھ" تہٕ امی منزٕ دراو کوٹھ باغ۔ انگریزٕ اُسہ یِمَن Dak Bungalow
وَنان۔ ہندی اُردوٕ مۆکھ بنگلہ لفظ تہٕ چھُہ امی منزٕ درامُت۔ رنبیر سنگھنہٕ کالہٕ اُسہ یِتھو بنگلہ
کشیرِ منز وارہٕ ہیٚن جایَن تہٕ یِتھے اکھاہ اوس اننت ناگہ ناگہ بلس یِتھ یِتیٚتھ از کل گرلز
ہائی سکول چھُہ۔ تِمن دوٕہن آسہ کأشرِ مینٕزٕ روزن جایہ صرف ہیچوٕ آسان۔ شیر گڑھ بغأر
اُس صرف اکھ سیرٕ جاے شہرس منز یوسہٕ بس جاے اُس۔ یہِ کتھ چھُہ ژنان اِنس صاحبنہٕ
"کشمیر گائیڈ" پیٹھ یُس ۱۹۲۲ اب منز لیکھنہٕ آو۔ یِمو بنگلو دیت پرِس رامس "بنگالہٕ" تہٕ ترٲ
تِمیک مفہوم تہٕ۔ یِتہٕ چھُہ باسان زٕ تِمو ما آسہ ہے اننت ناگک بنگلہٕ وُچھمُت تہٕ تِتھو کُن وُچھِت
کرِن لنکایہ ہندی تأریف۔ یہِ لفظ چھُہ کرشن راز دانن تہٕ اُکھو مفہوٗمس منز ورتوومُت۔ پرٲ
اُسہ تِم ژُوکھ یم حساب کتاب تھو نیچ کأم جان پأٹھی زانان اُسہ۔ ہندوستانس منز اُسہ تِم
تہٕ کأشرِ بٹن ہندی پأٹھی فارسس عِلمس کُن لگہِ متی۔ سکھن ہندس راجس منز آسہ ہن تِمے
کشیرِ منز حساب کتاب تھو نیچ کأم کران تہٕ ظأہر گُلاب سنگھنس تہٕ رنبیر سنگھنس
وَقتس منز تہٕ۔

یِم ساری لفظ چھُہ اندرمی گواہ، یِم زن یہ ہأوِتھ دوان چھُہ زٕ پرکاش رام اوسنہٕ
سوکھ جوٗ نہٕ وقتہٕ بلکہ اوس ڈوگرہ راجن ہندہٕ وَقتہٕ۔ ڈوگرن ہندہٕ وقتہٕ تہٕ کر اوس سہٕ؟
امیک جواب چھُہ بلہ کاک یِتھ کنہٕ دوان زٕ سہٕ اوس ۱۸۹۶ بکرمیس اندی یکھو زامُت تہٕ

رامایِن اوس سنہ ۱۹۰۴ بکرمیس منز لیوکھمُت۔ مگر پیٹھم لفظ وُچھت چھُ مے باسان زِ یہ
کأم آسہ ہے تِمو اَمہ کھوتہ تہ پتے پہن کرِمژ۔

بلہٕ کاک جی چھِ لیکھان زِ تِس وۄن زنار دنن ( پرکاش رامن پیٹھ ) زِ
پرکاش رامن لیوکھ رامایِن تِمہ ساتہ یلِہ سُہ اُٹھوُہ وُہر اوس۔ اَتھ مُقابلہ چھُ پرکاش
رام پانہٕ وَنان زِ یلِہ تِمو رامایِن لیکھِت اندہ واتنووٕ تِمہ ساتہ اوس سُہ ۳۲ وُہُر۔ یتھ بأتس
منز پرکاش رامن اَمہ کتھِ ہُند ذکر کوٚرمُت چھُ تتھ چھُ بلہ کاک جیَن فُٹ نوٹ تہ لیوکھمُت
مگر افسوس چھُ یِمہ کتھِ ہُند زِ گۄڈٕ کتھِ منز چھُنہ تِمو اَمیُک کانٛہہ تہ ذکر کوٚرمُت تہٕ نہ کانٛہہ
فأیدٕ تُلمُت۔ توٚرے چھُ تِمو پھِرِ پھِرِ لیوکھمُت زِ پرکاش رامن یلِہ رامایِن تیار کوٚر، تِمہ وِزِ
اوس سُہ اُٹھوُہ وُہُر۔ تِس پیٚٹھ ہے زیادٕ کھوتہ زیادٕ یہ لیکھُن زِ تِمہ ساتہ کرِ تِمو یہ کأم
شروع تہٕ دہ یہ ترٛیہ وَہرِس واتنووُن اندس نکھ۔

مے چھُ یِمہ کتھِ ہُند اعتراف زِ بلہٕ کاکنِس لیکھمتِس کتھ کڈٕنی یا کرٕنی ڈالیخ
گوٚ سِرکِس ژوٚنگ ہاوُن۔ مگر توتہِ چھُس بہٕ بڈٕہ ادبہٕ ساں یہ وَنہٕ نکُ جُرأت کران زِ مے
چھُ تہندِن کینٛژن کتھن سیٹھاہ اختلاف۔ مثلن لیکھان چھِ "کشیرِ ہُند چھُ تِس کأنی پریم
اوسمُت۔ توٚرے چھُ تِمو .... ہرمکھ گنگا یہ منزہ یاترایہ ہُند وِستارٕ پاٹھٕ ذکر کوٚرمُت"
(صفحہ ۲۳) مے چھُنہ یہ بہان۔ مے چھُ باسان زِ پرمانندن لیچھ امرناتھ یاترایہ ہنٛز لیلا
تہٕ پرکاش رامن کرُ تِس سیٹھاہ مان تہٕ لیچھِن ہرمکھ گنگا یہ ہنٛز یہ لیلا۔ یتھےٚ کنٛہ چھِ بلہٕ کاک
جی لیکھان۔ "پرکاش رامن چھُ دراصل پنُن رامایِن ادھیاتمہ رامایِنس مطأبِق لیوکھمُت
...... تتھ منز چھِ ..... منزہ منزہ لیلا یہ تہٕ وَننہٕ آمژہ ... پرکاش رامن تہٕ چھ
ریتھےٚ پاٹھٕ منزہ منزہ لیلا یہ وَنہٕ مژٕ۔"

بیس جایہ چھِ تِم پانے لیکھان "پرکاش رامن تہٕ چھِ ریتھےٚ پاٹھٕ منزہ منزہ لیلا یہ

وَنہٕ مژہٕ"۔ یمیس جایہ چھ تم پانے لیکھان "پرکاش رامن اوسہ سنسکرت پوٚرمُت" یم
زہ کتھہ چھنہٕ پانہٕ وانۍ داھٹھ کھوان۔ میانۍ کنہ چھ پزر یہ زہ داستان لیکھان لیکھان مُنزی
مُنزی لیلایہ ونہٕ ادس پرماندن سہی کوٚرمُت۔ اَمہ برونٹھ یہن اوس محموٗد گامیٖن تہٕ یہ طریقہ
چلوومُت۔ تمو تہٕ اُمسی داستانہٕ مُنزی مُنزی غزل لیکھی مِتی۔ یمن دوٚن کُن وچھت کوٚر پرکاش
رامن تہٕ یی۔ پتھ رُود تسند سنسکرت نہ زانُن۔ میہ چھنہٕ پتہٕ یہان۔ ہنومانس متعلق اَکس
جایہ ذکر کران چھ سُہ ونان۔ "نہ بوڈہٕ وُن پانہٕ نے دزہٕ وُن چھ نارہٕ

نہ ہیہ کھوٚن تاپہ نہ مرہٕ وُن ہتھیارہ"

یہ چھ بھگوت گیتایہ ہندہٕ اَکہ شلوکُک رُت تہٕ سہی ترجمہ۔ اگر تمو بھگوت گیتا ماسے
ہیمتھ آسہے نہ پرمرژ سہ کتہٕ لیکھہہے یتھ بٲتھ۔

بلہ جی کاکس چھ یہ گژاو تہٕ رُوزہٕ مژ زہ پرکاش رامن چھ کینھہ اَشلیل لفظ تہٕ
استعمال کرمتی۔ اَمیک وجہ چھ تہندس کنہ یہ زہ پرکاش رامن اُس نہٕ زیادہٕ تالیم پرمژ
میہ چھ باسان زہ اشلیل لفظو ورتاوُن اگر جرم چھ تیلہ چھُنہ یہ جرم تمی یوت کوٚرمُت۔ بلکہ چھ
واریاہو گوہر ماتو اَتھ نارس اَتھ ترومُت۔ وچھوے تہٕ تیلہ چھ محموٗد گامی، مقبول شاہ تہٕ
شعبان ڈار اَتھ "جُرمس" کتو دَہ نمبری۔ پرکاش رامس ہیوس سادس تہٕ ین اَتھ جرم کس
مضمونس اَکھ زہ نمبر۔ پرکاش رامن اگر لفظ "ژیچ" ورتوو کُس تقصیر کھوٚتس۔ وہٕنۍ گوٚ یہ
زہ اگر سہ اَمہ بدل لفظ "مقعد" لیکھہہے تیلہ ماوُنہٕ ہس کانہہ کینھہ۔ یتلہ پرماندس یہ لفظ
ورتاوُن اوس تمو لیو کھ "منڈل"۔ تمو تہٕ دوٚن "کھینہٕ ٹاری ژہنہٕ نکہ واری" تہٕ پرکاش رامن
تہٕ دوٚن "کھینہٕ بیہ لاکی" یہ ونہ گوٚ زہ گنڈٕ ٹھ بلہ کاک صابس زہ شاید اَسہ نہٕ تمو پوٚرمُتے
زہ سانیو مسلمان گوہر ماتو کم کم کتھہ چھ اَتھ نسبت وَنہٕ مژہ۔ مقبول شاہس تجوواو ونُن
پتو تھاوو اَتھس کیتھہ عضوِ مخصوص "یا" درِ ناسُفتہ وچھمت چھُن نہٕ الماس" بیترہٕ۔ محمود

گٔژھِیَس تجوواہ وَنُن " زِ الماس برندہٕ شاہنشہن ۔ کوٗرُن شُگفتہ نا شُگفتہ لالِ یَمن " بیترِ پانٔہ پرمانندن وَوٗن نا " کالہٕ شہمار ژٔندنس نالہٕ رُٹانہٕ " یا "پھمہ کھ دِتھ چھہ ژونگ ژھینہٕ کران" بیترِ ۔ وۄدِنٔے پٔژ کاش رامٔس تقصیر کھوت تہٕ کٔس ۔ یہ کتھ چھہ صاف زِ نہ اوس پرمانند کم علم نہ مقبول شاہ نہ محمود گامی تہٕ نہ پانہٕ پٔژ کاش رام ۔ اگر بلہ کاک جی نہٕ گژھہٕ گوہ نہٕ مالتھ میٖنو کھ تیلہٕ چھُنہٕ کانٛہہ تہٕ پوٗز۔

بیٚیہ اَکھ زِ کتھ چھہ ییتھ کنٛہ۔ بلہ کاک جی چھہ لیکھان: "یُس رامایَن حال حالے علی محمد صابن چھپوو، تتھ منٛز چھنہٕ کانٛہہ نوٚ کتھ" ۔ یہ چھُنہ سہی ۔ اکھ نوٚ کتھ چھس ضرور ییتھ کنٛ نہٕ تِمن نظر پیٚیہ۔ سہ کتھ چھہ یہ زِ پرانٮ۪ن وِشناتھ ہِیٚن رامایَنن آسہ شکلہٕ ۔ تِمہ شکلہٕ چھہ علی محمد صابنس رامایِنس منٛز ہوبہو تتھے کنٛہ۔ مگر کتھ چھہ یہ زِ ہِمٕن شکلن اوس تلہٕ کنہٕ K.c. wantoo لیکھت آسان تہٕ یِمن چھہ Mohiuldin لیکھت یہ چھُنہ فکرہٕ تراں زِ اگر شکلہٕ تِمے تہٕ تتھے پاٹھی چھہ تیلہٕ کتھ کنہٕ گو K.c. wantoo ناوس ۔ Mohiuldin ۔ یہ نام نہ اَتھ کانٛہہ صاف کتھا اَتھ متعلق نِنہٕ تہٕ تام وَنہٕ بہ یہی زِ کےسی ، وانٹو اوس مُسلمان گومُت تہٕ ناو اوسُن محی الدین تھوومُت۔

بلہ کاک جیین چھہ لیُٛکھمُت زِ ریاستچہ کلچرل اکادمی چھہ پٔژ کاش رامنہٕ رامایَنُک اکھ تقابلی ایڈیشن چھپوومُت۔ اگر سُہ یِہے رامایَن چھہ ییتھ تِمو بنِنہٕ اَر تہٕ دَرگوڈٕ کتھ لیچھرٕ چھہ، تیلہٕ چھہ یتہٕ اَڈٕ لوکھ ۔ مےٚ نِش چھہ اَتھ لیکھہٕ مَتہ لۄکُس ژٔرتُک اکھ حِصہ موجوٗد۔ ییتھ منٛز اَمہ کھوتہٕ زیادہ کم از کم ۵۰ باتھ چھہ ۔ اَمہ حسابہٕ آسُن تُہُنْدِس رامایِنس اَمہ دوہ گُن یا ترٕ گُن باتھ کم۔

پٔژ کاش رامنہٕ مثنوی ہندہٕ قدرٕ و قیمتُک موٗل کرُن چھہ وۄدِنی تہٕ مضمون گو اَمہ تہٕ وۄٹھی دار یا زِ وۄٹھ ۔ اَمہ مثنوی ہندِس حُسنس تہٕ قبوٗحس پیٚٹھ دِمہ بہ پنٕنہٕ رأے بیٚیہ کنہٕ دۄہہ یِمہ

وِزِہ بہ اَمِیک مُقابلہٕ باقیٖن کاشُرٕ مثنوِیَن سیتؠ کرٕ۔ مگر وُنی کَس چھُنہٕ یہ رٲژھ وَنہٕ نَس
کانٛہہ چارٕ زِ یہ مثنوی چھےٚ خالِص مقامی رنگَس منٛز لیکھنہٕ آمٕژ۔ یہ چھےٚ پرکاش رامَن بوٚڈ
کسب یَمِہ کُن بلہ کاک جیٖن توجہ چھُنہٕ دِتھمُت۔ تَمہِ چھےٚ واریاہن جایَن زَنتہٕ سٕہی کوٚرمُت
زِ رامایَنچ یہ کتھ چھےٚ یَتیٚتہٕ کشیرِ منٛزٕے بنیمٕژ۔ اَکھ جذبٕس تَل چھےٚ تَمہِ یتہٕ سٕہی کوٚرمُت
زِ ییلہٕ سیٖتا پرتھوی منٛزٕ وُڈھ سعہ وُژھ شنکرٕ پورٕ ڈُورِس نٔرس۔ اَکِس جایہِ چھےٚ وَنان
زِ سیٖتایہِ ہِندِ وِدَن وُچھِت ژٔلی جانادار پنجاب۔ راز دشرتھ چھےٚ رامہٕ جوس زٕھارنہٕ نیران
مگر کوت ہا ہرمہٕ کھ گنگایہِ ! رامہٕ راوُن چھُس وُنی دِیُن۔ اگر تَس یکھن پایہِ آسہٕ ہے خبر
زِ ماوٕنہٕ ہے زِ رامہٕ ژٔندرٕ اوس کشیرِ منٛزٕے ژامُت۔

پرکاش رامَن چھےٚ لَقوہٕ یارٕچ جذباتی شاعری تہٕ کرٕمٕژ۔ یتیٖمن ہِندٕ بنُن چھُن تِتھ
کُنزُپرٛ ھنومُت زِ مہ کوٚر واریاہن لکھِ یتہٕ سٕہی زِ خبر تٕہ ما آسہ ہے پانہٕ مٲلی تیٖم۔ کاشرِ
شاعری منٛز چھےٚ جذبات نگٲری ہنرٕ خال کانٛہہ۔ یَتھ مثال تہٕ اُمی سندِس رامایَنس منٛز چھےٚ
واریاہن جایَن یِژھ شاعری نظرِ گژھان۔ یہ سہ پرکاش رامس دوہ ہے زندٕ لقوہٕ۔ خوشیک
فلسفس کُن کوٚر نہٕ تَمہِ زیادٕ کینہہ، مگر یوٚتے کوٚرُن تیوٚتے کوٚرُن لقسیکُن لایق۔ پننہٕ وٲرٕ
آسہٕ ہن نہٕ جنگ زانٛہہ وُچھمُت مگر جنگُن ہنزٕ دلیلہٕ لیچھن شُبہِ دار پاٹھو۔ اَتھن ہِند
جنگ تہِ کَس نہٕ وَنُن مگر کتھن ہِند جنگ وَنُن جان۔ تتھ کیٚت اوس کوشش۔

پرکاش رامَن کرٕ سارُوہی کھمہ تہٕ جان تہٕ اَکھ بٔڈ مثنوی تیار۔ محمود گامی سٕنزٕ
سارُہی مثنوی نہٕ سارُی" نامہ "یکجا ملہٕ ناوٕ دِتھ تہٕ آسَن نہٕ اُمی سندِ رامایَنک ترٛیٚیم یا ژوٚریُم
حِصہ۔ نتہٕ تَمہِ تہٕ کٔمی۔ اُمی سندِس اَکھ بحرس کُن تہٕ دِیُت نہٕ بلہ کاک جیٖن توجہ۔ مگر
اَکھ سیٖٹھاہ رٕژ کام کٔر تَمۍ یہ زِ پرکاش رامنہٕ وقتک فٲصلہٕ تھوٚوُک کرِتھ۔ اَتھ کامہ
وانہٕ پیٚہِ پاٹھو یَمن شاباش۔

بلہٕ کاک جیٖن چھُ تھوٗوُمت پرٛکاش رامن شجرہ نسب اوم زوم ہیُو، مگر یہ چھُ پوز تہٕ سہی زہ ژ ناردٕن چھُ پرٛکاش رامس نیٚچوٗ سُند نیٚچوٗ۔ مہہ چھُ بندوبست کین کاکدن منٛز یہ وُچھمُت تہٕ اَمیُک اَکھ نقل چھُ ییٚتھ مضموٗنس سیٖتۍ شامِل۔ اَمہِ تلہٕ چھُ پتہٕ نَنان زِ پرٛکاش رام اوس نہٕ "بٹ" "بلہٕ کہٕ اوس" "در" تہٕ سہی پاٹھۍ اوس گُرۍ گامہٕ روزان تہٕ مشہور بنہٕ۔

## نقل شجرۂ نسب

قوم پنڈت در　　　　موضع گُرۍ گوم



موتی لال ساقی

# زٕہ ہم عصر

## سوٚچھ کرال تہٕ کرٕم بلند

کشیرِ ہندین صوفی گوٚہنہٕ ماتَن منٛز چھہ سوٚچھ کرالس اکھ پایہٕ بوٚڈ مقام حاصل چنانچہ محمد امین کامل چھہ یمن نسبت لیکھان ؛-

یتِیلہِ اَسی سوٚچھ کرالس پیٹھ نظر چھہ ترٛاوان یُہند عقیدٕ تہٕ مقام چھُ اَسہِ بروٚنٛہہ کُن کنہٕ ژھایہٕ گژایہٕ ورأے یِوان۔ یم چھہ ہمہ اوس فلسفکوٚیس تقریباً سارِنی کاشرِ شاعرن ہُند اوسمت چھُ دلدادٕ اَسی ہتہِ، مگر یمو یتھہِ صفأیی، سادگی تہٕ زوٗ زیتہٕ سان اَتھ ووہ کھ نئے چھُ کرِ ہر سہٕ چھِنہٕ متأثر کرِنہٕ ورأیی روزان۔ یم چھِنہٕ دیٚتھین اصلاحن اندر ہیوان یا لوٗکن ترٛاوان بلکہ پننہِ ذاتی احساسک لُب لباب تمہِ لہجہٕ بیان کران زٕ عام ذہنک انسان تہٕ چھُ کینہہ نتہٕ کینہہ لبان۔ فنکارِی ہُنر یہٕ صورت چھہ میأنی کنہٕ لُل دیدِ پتہٕ یمنی اندر ڈرینٛٹھ یِوان:

مگر بدقسمتی چھہ یہٕ زٕ اَمِس بَہلہِ پایہٕ گوٚہنہٕ ماتہٕ سُند واریاہ کلامہ چھُ زایہٕ گومُت تہٕ کینہہ حصہ چھہ ووٚنہِ کینٛژن مٕٹن یاد، یُہندہِ زندگی ہُند ژونگ اَکس داوہِ گَلنہٕ ترٛاران چھُ۔ بازرس منٛز یہٕ کینٛژھا آمُت چھُ تہٕ چھُ سیٹھاہ کم مگر اَتھ منٛز تہٕ چھُ وقتہ کیو بے رحم اَتھو پھیرٕ تھوٚر کورمُت سوٚ چھ صابنہِ زندگی ہُند حال تہٕ چھُ یِیتھے۔ وٗنِستام چھِنہٕ اَتھ متعلق جان پأٹھو

آمُت تحقیقات کرنہٕ تہٕ کُنہٕ رنگہ قابلِ قدر مواد فراہم کرنہٕ آمُت۔ یمہٕ زن عام پرن والی اُمس
باسلوٗک بزرگس نسبت پننہٕ واقفییژ منز ہُریر کرہ ہن۔ آزاد مرحومن چھُ لیوکھمُت زہٕ کوشش
کرنہٕ باوجود ہیوکنہٕ تمہٕ سندہ چھ صابُنس نسبت کینہہ تہٕ زانٕنہٕ۔ کاملؔ صاب چھ لیکھان زہٕ پمُن
نہٕ سپدہٕ رنہٕ اصل حالات ہُنٕ ستام موٗلوٗم۔ یہ حال وُچھِت گوس بہٕ تہٕ دِلس منزہ بہٕ تہٕ کرہ ہا کوشش
یمہٕ زن کہنہٕ کُنہٕ کتھہٕ پچھٕٹ منیرہ ہے۔ چنانچہ کہی کالہ گوو بہ گوس سندہ چھ صابنس نسبت واقفیت
حاصل کرنہٕ موکھہ ینددر پُہٕ تہٕ تنہٕ پیٹھ پدوم رتن پور، سومپُرہ تہٕ بیپہ وار باٹن جاین گژھن۔ تلاش کران
کران یہ کینژھا سہ حاصل سپُد تہٕ یم موٗلوٗمات مے جمع کرِی تِمن ہنز تفصیل چھے یہ:-
عام لُوکن ہندِ ونُن چھُ زِ سندہ چھ صاب اُسہ ینددرکی روزن والی مگر کینژن لُوکن
چھُ خیال زِ یم چھ بذاتی قوٗیل گامکی اُسہ متی یتہٕ وُنہٕ تہٕ یہندی پیترٕ روزان چھ۔ بیاکھ خیال چھُ یہ زہٕ
یم چھ اصلی ینددرکی روزن والی مگر یہندی پیترٕ چھ پتہٕ ژالیتھ قوٗیل بسنہٕ گامتی۔ اُکس بُزرگس
نشہٕ دریافت کرنہٕ پتہٕ سپُد مے موٗلوٗم زہٕ دراصل چھہ دوٕ یم کتھہٕ دُرست تکیازہٕ گامس منز چھُ
اُکس دوہن جاین "کرالہ وار" "کرالہ ناگ" "پترہ ناد" یمہٕ تلہٕ نشان چھُ زہٕ ینددر گامس منز
چھ سنیٹھاہ برونٹھ پیٹھ کرال روزان اُسہ متی۔ چونکہ بندوبست اراضی چھُ سندہ چھ صدابنہٕ پتہٕ
وُنیاہ گژھنہٕ پتہٕ کرنہٕ آمُت تہٕ یہند خاندان اوس یمی پیٹھ ختم سپدیومُت، امہ کنہٕ چھُنہٕ
پٹوار رکارڈہ تلہٕ تہٕ کینہہ نشان۔ پٹوار رکارڈہ مُوجوب چھُنہٕ اُکھ گامس منز یہندہ ناوہ زمین تہٕ او سیمت
یمہ جایہ سندہ چھ صاب (اُمس چھ ینددر گامس منز یوہے ناو دنان) بسان چھ
اُسہ متی سہ جاے چھ گامس نشہٕ بدوٗن ہکرہ کہ لہٕ ہندس دندس پیٹھ گامہ کس جنوب مغربس
منز۔ اُکھ جایہ چھنہٕ اُز کل بستی وغیرہ کینہہ البتہٕ چھ تہہنزہ پُرنہٕ پیٹھ دارآمرٕ بناونہٕ۔ یمہ
جایہ سند چھ صاب اوسودہ (دفن) چھہ کرنہٕ آمتہٕ سہ جاے چھ گھرس منز گامہ کس مشرقس
منز۔ یہ جاے یمہ کرالہ وار دنان چھ چھُ اُکس برہمنہٕ سنز ملکیت۔ یمہ منز صرف سہ چھ کرالہٕ

قبرٕ چھَے۔ باقی واُر چھِہ مُولےٚ غاٚرہ آباد۔ سوٚ چھ صاٲبنٕ قبرٕ تہٕ تِہندِس گرس درمیان چھُہ تقریباً زٕ فرلانگ

زمیٖنہٕ ہُند دوٗریر۔ قبرہ اَندی اَندی چھہٕ اوسمُت جنگلہٕ مگر یہِ چھہُ وۄنی پھٹمُت۔ اُندی یکو قبرہٕ چھ

پاٹرٕ ہند داہ لکرٕ گو۔ جنوٗبہٕ کِہ اندہٕ چھُس اکھ گریس گرہٕ آباد۔ قبرہ پیٹھٕ یُس پوٗر چھُہ تتھ پیٹھ چھ

یہِ عبارت درج :۔

"وفات شاعر گرامی سوٚ چھ کرال ۷، ربیع الاول سنہ ۱۲۷۱ھ"

یہِ پیوٗر چھُہ آمُت از برونہہ پانژاہ داہ ؤری لاگنہٕ، تہٕ یُس انسان اَتھ کامہِ سٟتی

وابستہ چھُہ اوسمُت سُہ ہیٚکہ نہ میٚہ سمکھتھ۔ سُہ چھُہ بیندرہٕ پیٹھٕ دوٗر اَکِس گامس روزان

ییلہِ بہٕ تس سمکھنہٕ گوس بدقسمتی کِنہٕ اوس نہٕ سُہ گرہ۔

یہِ تارِیخِ وفات چھا درست کِنہٕ نہ اَتھ متعلق سۭکہٕ پاٹھی کینہہ وَنُن چھُنہٕ ممکن البتہ

چھُہ تہندِ گنیٚز رنگ ورخ ڈوگرہ دورُک گوڈٕ کال اوسمُت۔ اَتھ تارِیخ وفاتس ہیٚکہ اَکِس

یا دۆن ؤری ین ہنٛز کمی بیشی تہٕ آسِتھ۔ کتھ چھُہ تصدیق یتھ پاٹھی سیدان زٕ سوٚ چھ صاٲب

چھہ محمود گامی تہٕ کرم بلند نی ہم عصر آسو میتی۔ یہِ کتھ تہٕ چھہ لُکان زٕ کرم بلند چھُہ سوٚ چھ صاٲبُس

برونہہ ییٚمہٕ دُنیاہ گومُت۔ یہندِس دورس منٛز چھُہ علاقہ کھرپورس منٛز اکھ موشوٗر موٗت جیون صاٲب

اوسمُت تہٕ علاقہ بیندرس منٛز ہرہ صاٲب۔ کرم بلندس علاوہ چھہ سوٚ چھ صاٲبُس یمن دۆن سٟتی

تہٕ کتھ باتھ آسِ مژ۔

دپان چھہ زہ ییٚمہٕ وِزہٕ سوٚ چھ صاٲب سو رگہ داس گے تمہٕ وِزہٕ چھہ تہنٛز واُنس ششتہٕ

پیٹھ نمتن نام آسِ مژ تہٕ تِہندِ رحمتِ حق سپدنہٕ وِزہ اوس کشیرِ منٛز ڈوگرہ راج قایم

سپدمُت۔ واقاتن والٹہِ دِنہٕ سٟتی چھُہ فکرہ تران زہ تہٕمو اوس پٹھان راجُک جبر، سکھ شاہی

ہند انہٕ گوٗنٹ تہٕ ڈوگرہٕ راجُک لوکچار تہٕ وُچھمُت۔ اندازہ چھُہ لگان زہ تِم آسہٕ ہن سنہ ۱۱۸۱ ہجری

سنہ ۱۱۹۱ ہجری درمیان زامتی۔

سمہ چھہ صاب چھنہٕ اُسی مٕتی پٔری مٕتی لیکھی مٕتی۔ تِہُند کلام چھُنہٕ امہ کنہٕ تہٕعزہ زندگی
منز ژاپنہ نہٕ کاکدس پیٹھ تارنہٕ آمُت۔ البتہ چھُ گیمن والین ہندہٕ دستہٕ علاقن ووتمُت تہٕ اَخرس
کم کینژہ ہاہ چھاپ سپُدمُت۔ یمہٕ اوس نہٕ نیتھر پیٹھ کینہہ تہٕ کوٚرمُت۔ یوٚتامت یم تقریباً پنژاہ ورہٕ
واٚتی، توٚتامتھ اُسکھ مٲج زندہ، یوسہ ژِہنہ پاکہٕ لتھ اُسکھ دِوان۔ ہیٚنُز گرٲلہٕ کار اُسی کران، مگر
کُنہِ اُسی نہٕ گرٕ ہان بلکہٕ اُسکھ گرٲکھ گرٕٹے بانہٕ ہینہٕ لیان۔ عقیدت منداُسکھ واریاہ تہٕ طالب
تہٕ کم قلیلاہ، اگر کانٛسہ ہند اوٚنمُت کانہہ چیز اُسی نہٕ رٹان۔ زندگی ہندِن اَخری دوہن اوسکھ
کرالہٕ کارکرُن ترٲوِمُت تہٕ اُسی گرٕ سی منز گوشہٕ نشین سپدی مٕتی۔ البتہ اُسی کُنہٕ کُنہٕ ساتہ گرٕ نیران
تہٕ ہکرہٕ کوٚلہٕ نٔندی ڈٔنڈی چکراہ کرِتھ بیہِ واپس گرٕ اژان۔ وٕنن والین ہُند وٕنُن چھُ ژہ تیمو چھُ
پنٕنین بزرگن نشہ بوٗزمُت زِ سمہ چھہ صاب اُسی نہٕ کُنہٕ قسمک ماز کھیوان۔ بیٚرس تہٕ اُسی شرپ چیوان
البتہ اوسکھ تماکیک نشہ۔ پوشاک تہٕ اُسی بلکل سادہٕ لاگان البتہ اُسی اوروپر گژھنہٕ وزِ
روزانہ استمالکو پلو کڈِتھ صاف پلو لاگان تہٕ دستار گنڈان۔ ماجہ اُسی سیٹھاہ خدمت کران تہٕ
تہِندِس بجرس منز اُسی تس سورُے کینہہ بروہہ کُن وانتِتھ تھاوان یُتھ نہٕ ژٕن تس اوروٕ
یور ووہ تھکُن پیٚیہِ۔ سمہ چھہ کرال تہٕ کرم بلند چھہ پانہٕ وانٛی دوس (دوست) تہٕ بیرہٕ باجی اُسی مٕتی
موژوم چھُ سپُدمُت زِ سمہ چھہ صاب تہٕ کرم بلند اُس ببہ گامکس مومن صابنہٕ طالب۔ سُہ چھُ پانہٕ
تہٕ جان شاعر اوسمُت۔ کینژن لُکن ہُند وٕنُن چھُ زِ محمود گامی تہٕ اوس مومن صابنُے طالب۔ اگر
یہ کتھ درست چھےٚ تیلہٕ چھُ یہ ضروری زِ محمود گامیس تہٕ سمہ چھہ صابس اُسہن پانہٕ وانٛی تعلقات
مگر اَتھ کتھِ نسبت چھنہٕ وٕنستام میہ کانہہ شہادت حاصل سپُزمٕژ۔

سمہ چھہ صاب چھُ گیوٚنکِ سیٹھاہ زیادہٕ دلدادہ تہٕ شوقین اوسمُت۔ کرم بُلند چھُ
اوسمت اکثر اُمس نِشہ واہتھوربُچ باندہٕ جماتھاہ ہیتھ یوان تہٕ ساز و سرود چھ محفل گرم کران۔ سمہ چھ
صابنِس ڈیپنس پیٹھ اوس ییندر گامس منز پٕریمہ وری یہ جشنہ لگان، یمیک سورُے خرچ سُہ

پأٹھی پانے کنے زوٚن ٹلان اوس۔

اکھ علاقس منز چھہ اُمس بزرگ شاعرس نسبت وار یاہ کتھہ مشہور۔ طوالت کہ سببہ

مہ کھ کرہ بہ صرف دۄن ہند تذکرہ۔

(۱) ڈیپان اکہ دۄہہ آو ییندرک اکھ گرٕیوٚس سوچھ صائبس نشہ تہ کورنس عرض
زہ سوچھ صائب گاو بیاہے یہ مگر دۄہ دچھنہ دوان۔ سوچھ صائبن کور سوچاہ تہ دوٚپنس گژھ
کنس تل ونس زہ سوچھ کراں پچھے ڈیپان دۄہ دییٚن۔ زمیندار گو واپس تہ کرٕن اکھ کتھہ
عمل۔ ڈیپان اُمہ پتہ لجٕ گاوٕ وٕیس سیٚسٕر تہ لوکٕس نیرتھ دٕلہ۔ زمیندارس ہیم بانہ گرس منز اسہ بس
ہتم برٕنی دۄد، مگر دۄد گو برابر نیرتھ دٕلان۔ زمیندار گو عاجز تہ گو دوران دوران سوچھ صائب
نشہ تہ کورنس عرض زہ وۄدنی نکھس چھنہ دۄوس روٚٹے گژھان۔ سوچھ صائبن کورنس اُسناہ
تہ دوٚپنس گژھ کرٕس ڈیپان پچھے ہیوٚتے دۄد دییٚن یوت حاجیز چھہ۔ زمینداران وٕنی یہ کتھہ گاو
کنس تل تہ وُیہ منز دۄد نیرتھ دٕلُن گو بند۔ اکہ لٹہ لوگ سوچھ کرالہ گیوٚن۔ گیوٚن چھہ لگاتار زٕ
ماہہ ووٚن سوچھ صائبس زہ ژانگس زالُن کیٚت چھنہ گرس ہلکل تیل موجود۔ سوچھ صائبن کورنس
اُسناہ تہ دوٚپنس ادہ پرواے کیاہ چھہ۔ سہ دیوٕتھ تھود تہ نٹہ منزہ اوٚنن پیالس کیتھ آب تہ
ترٛووٚن ژانگس منز تہ پیچھ تھاونس کنتر۔ ڈیپان یہ آب ژونگ رٛود راتی راتس وزان تہ پتیمہ
وزہ صبح پھوٚل آب ژونگ اوس تتھے کنی ییتھ کنی سہ کالہ اوس۔

سوچھ کرالن کینہہ کلام چھہ ییتھ منز زہ نظم "گلاب کٕتھر" تہ "بلبل" تہ شامل چھہ
چھہ سومبرتھ کس اکس مٕژ کرالس زبأنی یاد۔ تہنزہ زندگی ہندی کینہہ واقعات ہیترہ چھہ رتن
پورہ کس پیر غلام احمد صائبس نشہ موجود۔ کینہہ مشکلات بجتھ پینہ کنی سمکھو نہ ہیم دۄ شوٚے
بزرگ میہ کوشش کرنہ باوجود۔ ہرگاہ میہ ممکن سپد بہ کرہ یہ سورُے کینہہ حاصل کرنچ کوشش
بنیہ اکہ لٹہ۔ البتہ چھہ میہ سوچھ صائبنز زہ بأتھ ییندرکین دۄن بزرگن خواجہ غلام احمد شیخ تہ غلام

احمد آہنگر صابُن لِشہِ زبانی بوزِتھ لیکھو مُت۔ یمو منز ۵ چھُ اکھ غزل یتھ قبول عام چھُ، تِتھ پؠ چھُ کلام "سو چھُ کرالس"۔ تہٕ جناب کامِل صابنہِ ترتیب دِژ مُرژہ کتابہِ صوفی شاعر جلد اَکس منز تہٕ درج مگر چھاپ سپدی ہیتس تہٕ میانِس غزلس منز چھِ کم زیادہ فرق ہیش۔ دۄیمو باقھ چھُنہ سہ اَد تام نہ کُنی تہٕ نہٕ نظرِ گومُت۔ یِم دۄ شعرے باقھ کرہٕ بہٕ مضمونکس خاتمس پیٹھ کرم صابنِس درج یتھ محفوظ ہیکن رُوزِتھ۔

کرم بلند چھُ بذاتی ژُوہی ڈاریک روزن وول اوسمُت۔ یہ گام چھُ بیرو قصبہ پیٹھ زہٕ ڈاے میل دُور۔ اُمی سندِس مالِس کیا اوس ناو تہٕ ذات بُتراتھ کیاہ اُمِس ستھ نسبت چھُنہ وُنِہ تام پاٹھی کینہہ دریافت سپدِمت تکیازِ یتھ خاندانس سِتی یہِ تتھ گامس منز وابستہ چھُ اوسمُت سُہ خاندان چھُ مُولہٕ مۄنجہ ختم گومُت۔ بندوبست ادا عنی پتہٕ چھُنہ ژُوہ ڈارِکس پٹواری ریکارڈس اُمی سندِہ خاندانُک ناو تہٕ موجود۔ ؤپان یہ اوس لو کچارہٕ پیٹھے ژُوکن نِشہِ علاحدہ روزان تہٕ خبر کیاہ تام سوچان روزان۔ کینژن لُوکن ہُند وَنُن چھُ زِہ بذاتی اوس نہٕ سُہ مُسلمان اَدے کنہ چھُنہ تمی سُند ذِکر ژُوہی ڈارِہ موجود۔ مگر اکثر بزرگ چھِ وَنان زِ تِمو چھِ بزرگن نِشہِ بوزِمت زِ کرم بلندُن خاندان اوس تس برونہہ پیر کھنڈ مسلمان گومُت۔ اکہِ دۄہہ گیہ اُمِس گرہ کین سِتی مُرکری ہش تہٕ ژٕبِل تہٕ پیتر گونہ ژانہہ تہٕ گرہ وایس۔ ؤپان ہُنز گونٹہ ٹھکانہ کرنہٕ پتہٕ تہٕ نیتھر کُرِتھ تہٕ آیہ تس گرہ کُنہ ایس گرہ نِنہِ، مگر تمی ہیتہٕ تکُنہٕ مُنٹہ۔ گرہ نیرِتھ رُود کرم بلند کینژن کالس بالی بالی پھیران تہٕ اُتھی منز لوگ یہ گیونس کُن، اُمِس گو گیونُک شوق دۄہہ کھۄتہٕ دۄہہ ہُران تہٕ اُمی شوقن اوُن سُہ تُلِتھ تہٕ واتہ نووُن واہتھور۔ واہتھورُک فضا آو اُمِس سیٹھاہ پسند تہٕ گامہ اندس کُن کوژُن چھرژہ کنہ لہ بُتھِس پیٹھ ٹھکانہٕ قایم۔ واہتھورس نکھہ یتھ جایہِ کریم صابن ٹھکانہ کوُر، تتھ چھِ از کل ہُنز گونڈ ونان۔ یتھ وقتس منز کرم بلند اَتھ جایہِ بسنہٕ تور تمہ سا تہٕ اوس اَتہٕ سخت گُل گھیل تہٕ بستی وغارٕ تہٕ اُمِس نہٕ کینہہ۔ از چھِ یہِ اکھ جان باندہ پُور تہٕ اَتھ گامس منز یِم باندٕ روزان چھِ تِم چھِ کرم بلندُن

مختلف جایو پیٹھ اُنھ اُلھ گامس منز بسأوی ہتو۔ ہأنز گوٚنڈ ڈیرہ لاگنہ پتہٕ کوٚر اَمی شہرک نیتھر پیٚمہ ساتہٕ اَمی نیتھر کوٚر نہ پان چھ زہ تمہٕ ساتہ اوس یہ پنٕژاہ ڈوٗلمُت۔ خاندر کرنہٕ بروٚنٹھی اوس اَمی باندٕن ہنٛزہ نأبی بوٗزمُت زہ یُندرس منز چھُ اکھ بُزرگ روزان یُس سعد چھ کرال ناد چھُم ہکیازہ واہتھورکی بانڈٕ اسی منزی منز تُس گیونہٕ گژھان۔ کرم بلندہٕ اوس تس سمکھت تہٕ زان اُنس ووٚنی وارہ وارہٕ دوستی منز تبدیل گژھنہٕ ہیٚتٕ ہُرٕ۔ وٕنہٕ پتہٕ وٕنہٕ گوٚ سعد چھ صأبُن تہٕ کرم بلندن یکلاس ہٕپان، اَمہ کنہِ باوجود زہ کرم بلند اوس سعد چھ کرالس وأنسہ منز بُیٹھ مگر کرم بلند اوس تس سیتھاہ یزت کران تہٕ فرمانبرداری کران۔ چنانچہ سعد چھ صأبنی ذُری یہ تہٕ وساطتہٕ ہنیوو کرم بلند بہٕ مومن صأبُن طألب تہٕ یمن دون درمیان گو پیرہ بأج آسنک رشتہ قأیم۔

واہتھورہ قیام تہٕ نیتھرہ پتہٕ کرہ نأوی اَمہ وار یاہ زمین قأبلِ کاشت تیار تکیازہ تمہ وزہ اوس اَتہٕ اَندی یکہ صرف بنجر تہٕ بنیہ نہ کینہہ۔ کرم بلندنی آباد کرہٕ زمین چھ اَزنہٕ تہندس خاندانس ہنٛس قبضس منز۔

دٔیان چھ زہ مومن صأبُن طألب بننہٕ پتہٕ اوس سُہ اکثر وقتس یاتہٕ بیہ کامہ روزان تہٕ ننہٕ یندرہ سعد چھ صأبس نِشہٕ۔ اکثر اوس گیون والین سیٚتھ نوان تہٕ سعد چھ صأبنہٕ گرہ محفلہ لاگان۔ اندازہ چھُ یوان کرنہٕ زہ سُہ موٚد تقریباً شیتہٕ وُہر یٔمہ وزہ لارن صاحب بندوبست اراضی کران اوس، تمہ وزہ اُسی تس پانژاہ وٕری تام گوٚدیمتس گأمتہٕ تہٕ اَمی سُند نیچو اَحمد تہٕ اوس بُجرس ووتمت۔ قیاسہٕ موجوب چھ باسان زہ سُہ آسہ سعد چھ صأبس برونہہ پہن پانژہ داہ یا داہ پنداہ وٕری سکن ہندس دورِ حکومتس منز گُذریمت۔ ہأنز گوٚنڈ ہندہ پٹوار رکارڈہ موجوب چھُ خاندأنی شجرہ نسب صرف کرم بلندس تام واتان تہٕ اَمی سندہ خاندانہ منزہ چھ از رسول ماگُن پانژہ پیرہ منز۔ دٔیان چھ زہ اَمی سندِ تیو شُرہ کوٚر باندٕ کار اَمی سندِ کرسی وٕننس پیٹھ۔ کرم بلندنی قبر چھ سرینگر چرار شریف سڑکہ پیٹھ یورہ کھسہٕ وُن کھوٚور کنہ ہأنز گوٚنڈ بیارہ تلہ گلس نِشہ پانژن

ژٕہَن قبرِن منز باگ۔ یہ مرگزار چھُہ پیٚھنٛد خاندانٕچ مرگزار تہٕ اَتھ منز چھِہ صرف اُمی سٕندۍ شُری تہٕ خاندانٕکۍ
باقی نفر دفن۔

کریم صابنہٕ شاعری منز چھُہ صرف اکھ ہاتھ حاجنی صابن "کاشرِ شاعری" منز درج
کرُنمُت۔ باقی سورُے کلامہ چھُہ چھکرتھ تہٕ بازر چھُنہٕ کینٛہہ تہٕ بیوٚمُت۔ اُمی سٕندِ کلامُک اکثر حصہ
چھُہ ذاپہ گومُت تکیازِ یمن لُکن یہ کلامہ یاد اوس تِم چھِہ ساری اکہ اکہ یتیمہ دُنیاہہ گامتۍ۔ مےٚ یہ
کینژہاہ مختلف ذریو کنۍ حاصل سپدیومُت چھُہ تمہ منزٕ چھُہ واریاہ کینٛژھہ کھورکلد۔ تہٕ یہ کینژھاہ
صاف تہٕ شوٗد چھُہ تہٕ کرہ بہ یتھ مضمونس سیتۍ بطور ضمیمہ درج یتھ زَن محفوظ روزِتھ ہیکہ۔
مےٚ چھُنہٕ مُناسب باسان زِ بہ دِمہ کریم صابنہٕ شاعری نسبت کانٛہہ رایہ یوٗتام تہٕ دیادہ
یہن کلامہ دستیاب سپدِ۔ مےٚ چھُہ باسان زِ یم زِ زور باتھ پرٕتھ ہیکن یمن واکی بانٕے انداز
کرِتھ زِ کرِم بلند کمہ درجُک تہٕ قبیلُک شاعر چھُہ اوسمُت۔

# کلام سوچھ کرال

(۱)

آرٕ کرِتھ کرِتھس یارہ از وٗلو سون سیے

پیارٕ چھم نا ہیندر روان مےٚ چھا مارٕ موت چون سیے

ہاژہ مولاگ ہانز ہ ڈنگے کاژہ زُونہٕ کاستم گرون سیے

کمیوٗ کاژہ گاجی تھس گوڈہ حال وُ چھِہ میون سیے

مےٚ کھ زیبان مےٚ کھ شوٗبان مےٚ خَتک برس نادیوٗن سیے

ہاسہ کھ مارو اوسُم ہا ڈیکھ لون سیے

اَما اوسُم جمٲہ خاطرٕ شماہ ہیمعہ چھُم نندہ بوان ییے

قایٕل زمانو توٕے بُل ہوس گوم چون ییے

مایہ بٔرِی ژیتہٕ گژایہ موٗمار قبیلہ وندٕے ناکرون ییے

ماہِ تابانو گاہ چھُے عالمس چون ییے

لبیَن چانین پیمٕے برٕتل تہتی تراوٕے ڈٕلہ گون ییے

گرٕنزمیہ تہٕ ہیہ تمو بہ ہاکرٕے ژوشرہ تون ییے

وَرِش باغس لجی میہ پھُلیا گوژھ میہ درشُن چون ییے

عرشس تہٕ فرشس پیٹھ خودا بٕرووُن ییے

زیٹھ سے لوگ موزُوس وسواس کٹھ کیت میولسون ییے

ہا ییتے بہ آیوس تُوری چھُسما گژھون ییے

اُچھو میہ لوسَم وَتہٕ وُچھان اَشہ کُے رس وقرون ییے

ہا لچھ ناوِیو سمہ چھہ کژالن یی وون ییے

(٢)

فانی شمار زانی تو امرِ خودا مانِی تو

صُبحِچ نمازٕ گژھ بیدار پیشی نِچہٕ نمازٕ تراو کاروبار

دِگرِچ نماز چھُے جگر ژوہ امرِ خودا مانِی تو

شام چھُے اوٗلِ پراران گژھ ۔ خفتن نمازٕ پراران گژھ

وِتھرِ چھِ نمازہ گنٛزران گو　　امرِ خودا مأنِی تو

تتہٕ ما دِیم سیکہٕ وُٹھلو　　تگہٕ نم نہٕ تتےٚ کیا ہاوو

دگہٕ نم نارہٕ کھو دِ بوسو　　امرِ خودا مأنِی تو

یس ییتہٕ ییلے ماوَن ہیو　　اَتھ ہیتھ گرٛتھو کیا ہاوو

سأرِی سعہ چھ کڈالو تھوڑی واتو　　امرِ خودا مأنِی تو

•

# کلامِ کرمٔ بلند

(۱)

عاشق آسہٕ نا ییتہٕ کانٛشہا　　صادق دِل وُچھ کیا روا

یا خودا بعدِ یا مُصطفا　　صادقِ دِل وُچھ کیا روا

اوصافِ دُنیا کیا ونے　　لوسان وِرنی وِرنی کیا وَنے

حوصلہٕ پانس چھےٚ دوا　　صادقِ دِل وُچھ کیا رُوا

بیوٚن بیوٚن خَلقن کیا ہوا　　پُزٕ کرٕ زیورِ حاکم چھُک دوا

سعہ رنےٚ تھاوِہم ہاوہ کیا　　صادقِ دِل وُچھ کیا روا

دَم تھوَ تسی کُن با خودا　　غم تےٚ شادی نہٕ چھےٚ جدا

رُتبہ وُن پان کرہَس فدا　　صادقِ دِل وُچھ کیا روا

بے رنگ دُنیا حق ببین　　کرمٔ بُلندہ وُچھ اَسمان زمین

هم رنگ پانس پانہ چھا    صادقِ دِل وُچھ کیا روا

بہ وزایس شوقہ چانے    گُن منز وُنی دِمائیو

بُتھ یِیلہِ دَزِہ نارے    لگِہس نو کینہہ تہِ چارے

آدہ رپہ بلہ پزارے    بہ نارس وُنی دِمائیو

گرہ ہٹہ پھیرہ ژھلہ ژھلے    اوٹ نیرِ مالہ تَلے

گرہ ہٹہ میانہ رینز لے    بہ آبس وُنی دِمائیو

ہیُنزن کوڈ سکلے    گاڈہ بوز آبہ تلے

ہیُنزہ میانہ رینز لے    بہ زالس وُنی دِمائیو

مجلون اوس لو تے    نجدس پیپھ شہ کھوتے

لائل واُژ پانہ تہ تے    نجدس وُنی دِمائیو

شاہ یِیلہِ بیوُٹھ تختس    نِندرِ پییہ بدبختس

صِفت چھے تتھی وقتس    بیدارس وُنی دِمائیو

دُنیا وُچھو تاوَن    یییتے نیتھ کیتہ ساوَن

کمو دردِ دِل چھ راوَن    مزارس وُنی دِمائیو

کرمیر اوس پانہ گدا    روشن ہر ساتہ خدا

صاحبس کران صدا    فقیرس وُنی دِمائیو

سورُے ژھی تہ بہ نو کینہہ (۳۱) کوو خاطرہ راوُم نیہہ

ژٕ یہ دس گاہ تہٕ جبس نومہ　　کوٚو خاطرٕ راوٕم نیتہٕ

شہ نارٕ وُچھتہٕ زورٕ اوار　　یمے نارہ دِل دوٚد مہ

نہ چھُس دُہ تہٕ نہ چھُس رتہٕ　　کوٚو خاطرٕ راوٕم نیتہٕ

اَکی سُند عشق تہٕ بے سُند کھش　　امہٕ حشمتکے چھے نو سرنیتہٕ

پھندٕن چھے نہ مَند چھکنیتہٕ　　کوٚو خاطرٕ راوٕم نیتہٕ

موسیٰ اکھوٚت کوہِ طور　　دوٚپنس ہاوتہٕ پننٕ نور

ہر یوٚنہ بروٚنہٕ ٹھہر یوٚنہ کنیتہٕ　　کوٚو خاطرٕ راوٕم نیتہٕ

کرٕمن ڈیوٚشتھ شہنشاہ　　کران اوس تماشاہ

اَلِف سَے چھے جیتمک سرنیتہٕ　　کوٚو خاطرٕ راوٕم نیتہٕ

(۴)

آو کتہٕ دورِ دُنیا بُنیاد کرٕ ہو تو سرسے

ذرہ ذرہ صفت ژٕ یہ کائنات سرٕ گی کیا کرسے

ہائرت وُچھان وُچھان غائرت بہٕ کیا کرَسے

ہاوسُو دَرِیا یہٕ وحدت اَتھ ناو کیا کرسے

مارِفت چوان عارِف دراے نو گرسے

ڈُھوک پانٕہ شہ صاحب بروٚنٹھ آکھ رتم گرسے

خُدا را گشتیم یہٕ غائِنی بُودم یک ذرسے

سامانِ کرم بلند وُچھتہٕ رحمان آس گرسے

کماری کرشنا کھوڈا

# کأشرِ شاعری منز کرشن بھگتی

زِ کتھ چھےٚ صاف زِ کشیر چھےٚ تالیم حاصل کرنک اکھ بوڈ مرکز رودمژ۔ یتینِ کیو عالمو چھِ مختلف زبانن ہندِس ادبس پیٹھ معہ لوٚ فن پارٕ ریتھ یتنِ گاٹہ جارک ثبوت دِیو تمٕت ، خاصکر چھےٚ سنسکرت ادبس کشیرِ معہ لوٚ خزانہ دِیو تمٕت۔ یتھے پاٹھی چھِ تمن کتابن ہنز ژھوٚنڈ تہٕ پروان دِنہٕ ہمو کأشرِس ادبس بجر تہٕ پوچھر دِیوٚت۔ ہندی ادبکی پاٹھی چھےٚ کأشرِ ادبک ابتدا ر تہٕ شاعری پیچھے مانہ پروان۔ ناٹک، ناول، تہٕ کتھ چھِ اَتھ منز حال حالے آمژٕ۔

کأشرِ شاعری ہند ابتدا کر سپدٕ تہٕ کتھ پاٹھی سپدٕ ؟ یہ کتھ چھےٚ سوچنس لایق یُس کینہہ مواد اَسہٕ اَتھ لوگمت چھُ تتھ کُن نظر تھوٚوِتھ ہیکو اَسہ یُتے وَنِتھ زِ کأشرِ زبانِ ہنز گوڈنیچ کتاب، یمہٕ سہٕ شاعری پیٹھ چھےٚ، چھےٚ شِتی کنٹھ سِنز مہانے پرکاش پروفیسر پُشپ[1] بتیہ شری کومدی[2] شند تہٕ چھُ ہیٚ خیال۔ اَتھ بروٚنٹھ ہیٚکو اَسہ مانِتھ زِ کأشرِ ادبک ابتدا سپد تریوٚہمہ صدی پیٹھٕ۔ کینژن ہند خیال چھُ زِ للہ ایشوری چھےٚ سہ گوڈنیچ شاعرہ یمہٕ سندِ پیٹھہ کوشر ادب تہٕ شاعری شوروع گو۔ اما پوز پرکاشس منز

---

۱۔ کشمیری زبان تہٕ ساہتیہ۔ پروفیسر پُشپ صفحہ ۷۴ ۲۔ کشمیر۔ اِٹس کلچرل ہیرِٹیج۔ کومدی صفحہ ۷۴

نوٹ:۔ اَسہٕ چھےٚ نہٕ اتفاق زِ مہانے پرکاش کیا چھُ للہٕ بروٚنٹھِم کوشر (کامل)

چھِ اَتھ پرانہِ قسمُک کوشُر لبنہٕ یِوان۔ لہٰذا ہیٚکو اَسۍ اکھ کتھ سیٚٹھاہ مُتحقق اَسِتھ وَنِتھ زِ لَلیشوری ہِنٛدۍ
پیٚیٹھے سُپُد کاشُرِ ادبُک یا کاشُرِ شاعری ہُنٛد ابتدا۔

کشیرِ منٛز کرشنس پیٹھ شاعری منٛز کتاب چھےٚ "باناسُر کتھا" ماننہٕ یِوان۔ یہ سہ
بٹ اوتارن لیچھمٕژ چھےٚ۔ تکیازِ اَمہِ برونٛہہ چھنہٕ سَہ کانٛہہ کتاب لبنہٕ یِوان یتھ منٛز کرشنَس سُنٛد
ذِکر یا کرشنس متعلق کانٛہہ واقعہ درج چھُ۔ لَلیشوری ہِنٛدۍ وٲژن نِشہٕ ہَکہِ چھہٕ تِمن منٛز ایشرہ
سُنٛد بنہٕ گژُھن، مگر کاد آسُن ذِرس، ذِرسہ منٛز نِشُن گوبی گی آسُن لبنہٕ چھُ یِوان۔ اَمہِ علاوہ سماجس
منٛز پھہلیومُت دھرمُک آڈمبر تہٕ درمہٕ کین ڈوگن پیٹھ تنقید لبنہٕ یِوان۔ شیخ نور الدین نۍ تہٕ
چھِ اَمہِ برونٛہہ کینہہ تِم واکھ نظمٕی متہ ہیم سروہ ہُرِتھ چھےٚ تہٕ یِمن فلسفیچ چاشنی تہٕ چھےٚ۔ مگر بٹ
اوتارنۍ چھےٚ کرشنس متعلق گوڈنیچ کتاب لیچھمٕژ یتھ منٛز تِمۍ کرشنہٕ سِنٛزِ دلیلہِ چھےٚ پننہِ
مضمونہٕ بنوومٕژ۔

زین العابدین سُنٛد زمانہٕ (پنٛدٲہم صدی) روُد ادبی ترقی ہُنٛد زمانہٕ۔ فارسی کتابن
سیٚتۍ سنسکرتس منٛز تہٕ سنسکرت کتابن سیٚتۍ فارسی زبٲنۍ منٛز ترجمہ۔ ادیبن تہٕ قلم کارن اوس
میٹھ میٹھ یِوان دِنہٕ۔ اَتھی زمانس منٛز لیچھ زون راجن راج ترنگنی تہٕ سوم پنڈتن "زین چرتر"
کتاب[1]، یودھ بٹن تہٕ اوس اکھ "زین پرکاش" ناٹک کوشُر ڈرامہ لیچھمُت، یُس زین العابدین
سِنٛدین حالاتن گواہ ناوان چھُ۔ اَمہِ علاوہ اوس بٹ اوتارن تہٕ زین وِلاس ناٹک اکھ ڈرامہ
گنڈمُت۔ یتھ منٛز راجہٕ سِنٛدین باقی حالاتن علاوہ وژنن پرٛوژنن، محاورن، تشبیہن تہٕ
استعارن ہُنٛد استعمال تہٕ اوس کرنہٕ آمُت۔ اَمۍ سُنٛد روزن جاے چھےٚ رگاپور (شالپور) لہر
(لار) اَنٛدۍ پکھۍ ماننہٕ یِوان[2]۔ زین العابدین سُنٛد ناو تہٕ چھُ گوہ نہٕ ماتن اکھ کتابہ منٛز برٛڈہٕ یزتہٕ سان
ہیتہٕ نمُت۔ مگر دوہہ کھ چھُ یہ کتھ ہُنٛد زِ یہ کتاب چھےٚ کشیرِ منٛز نایاب۔ اَمِیُک کُنے نسخہ چھُ پونا
رِسرچ ملکس منٛز موجود تہٕ تتھ تہٕ چھُ ژوو ہمہ پیٹھ شتیچہ ترہن صفحن تام ورق راودی ہتی۔ امہِ

---

1) راج ترنگنی۔ شری ور صفحہ ۳۷
2) باناسُر کتھا (پیتھمِ حصہ)

کِتابہ ہِنٛز بٔڈ یاد چھےٚ ہِرومَش پرٛان، تِکیازِ گژھِہ ماننٕ چھُ پانَے اَلقہ پرٛآنس مُتعلق لیوٗکھمُت۔ " بانامُر
کنھا" چھِ اُدِشانہٕ اَنہٕ رُو سٕنٛز لولہٕ کتھ۔ تتھی منٛز چھُ شری کرشنَن سُندنہٕ کُنہٕ کُنہٕ ذکر آمُت مثلن

اتھِکھشُن تیٔ نہٕ زکشنٔ پرٛا بیری دجاو
شبد شُنیت سکُل براہنشہٕ نٕدرٕ اُوٗ
دژاے اَنیک گوٗہ کھشنٕہٕ یادَو کاتے
وِپر گنٛدرو نہارنہٕ کشنس پٔر واتے

اَمہِ پننہٕ آوشہٕ وکھ بیٚیلہٕ ادبکہٕ زوتہٕ درِ ژٕانگی ہیٚنتِن سمہٕ تیٚنزٕ ہی۔ تِمیُک وجہ چھُ پردین
ہندِ حملہٕ تہٕ افراتفری۔ یہا تیچہٕ تہٕ راژیچہٕ بد امنی سیتہٕ آدٕ نیچہ بدٕ امنی ادیب چھُ زندگی ہنٛزٕ ژٕلہٕ لارہٕ
منٛز پننہٕ نین خیالَن تہٕ احساسَن ہوٚٹ جیران۔ اَمہِ سببہ رُود یہٕ دور ادبہٕ خاطرٕ اکھ گٹہٕ زیٚیک دور
تہٕ ساعری سپی ادبکس مادانس گیہٕ گاشہٕ ویٚرٕ ہے۔

اَمہِ کنہ ہپیٚتی چھُ اَمہِ بیاکھ کتاب دستیاب سپدان۔ یتھ زٕن کرشنہٕ اوتار ناو چھُ
مگر اَمہِ کس لیکھن والِس بیٚیٹھ چھُ اَمہِ وُنہٕ شک یُس کرشنہٕ اوتار رایل ایشیاٹک سوسائیٹی
چھپہٕ ہیمُت چھُ، تمہٕ تلہٕ چھُ اَمہِ یِی ننان زِ اَمیُک لیکھن وول چھُ دینا ناتھ۔ مگر یہٕ ناو چھُ گریرسنن
صرف بیٚنیمہٕ لأرِ ہندِس پننہٕ ہس بیٚیٹھ لیوٗکھمُت:-

دین چھُس بہٕ آمُت

اَمہِ دینیُک مطلب ہیٚکہٕ دینا ناتھ تہٕ آسِتھ۔ سیٚتی چھُ گریرسنس تہٕ اَمہِ کس لیکھن
والِس بیٚیٹھ شکے۔ تِکیازِ اَمہِ چہٕ "گوڈٕ کتھ" منٛز چھُ تمیٚ یہٕ لیوٗکھمُت زِ میہ ہیوٗک نہٕ مُصنف
پرٛزٕنا وِتھ کُس چھُ تہٕ کُس چھُ ننہٕ"۔ پروفیسر بَھلہٕ چھُ پننِس رپورٹس منٛز اَمہِ کتابہٕ ہُند
مُصنف صاحب کول مانان۔ مگر پرٛتھ تہٕ سٕنٛتھ چھُ ننان زِ اَمہِ کتابہٕ ہُند لیکھن وول چھُ ننہٕ صاحب
کول تہٕ تِکیازِ اَمہِ سٕنٛزٕ کتابہٕ پیٚمہٕ اَمہِ دستیاب چھُ سپرٕ مرٕشہٕ تمَن منٛز چھُ گژھ نہٕ ماتن پنُن ناو

صاف لیکھ کھمت :- مثلن پننہ اکس کتابہ "جنم چرتس" منز چھ ونان "صاحب کولہ سہلے ونی"
مگر اکھ کتابہ منز چھنہ صاحب کولن ناو کنہ جایہ یوان. کتاب چھ پورہ . باقے اکھ لیکھ متین نسخن[۱]
پیٹھ تہ چھنہ امی سند ناو کنہ لبنہ یوان. لہذا ہیکو صاف پاٹھی یہ ونتھ زِ یہ کتاب چھنہ صاحب کولن
لیچھمژ . زبانی تلہ تہ چھ پتہ لگان ، تکیازِ یہ پرنہ تلہ چھ جنم چرت کتابہ منز زبان پرانی کاشر زبان
تہ کرشنہ اوتارچ زبان ازکلچ عام فہم زبان لبنہ یوان. امہ سببہ تہ چھ شکھ برٛان.

کرشنہ اوتارس منز چھ گوڈہ ماتژ، کرشنہ سند زنم ہیوتن ، اوتار دارن کرنکہ سبب
بالہ لیلایہ نفسیاتی تصویرکشی، شوردا سنی پاٹھو دوہ دکھنو ژورہ رنہ ، اڈہ کجو کتھو واچہ کنہ چیزن
پیٹھ اگادہ گژھن. راکھس مارنہ، گوپین سکھن، بالا فطری کامہ کرنہ، آسچہ مایا، رادھایہ ستی
ملیتھ، سدام چرتر بیترِ بیترِ چیزن ہنز تصویرکشی کرمژ. سہ ماما سنز نفسیاتی کیفیت چھ
سہ ندر طریقس پیٹھ ہاونہ آمژ. غرض کنز اوس سہ آمُت کتھ کرنک طاقت تہ سور یہ مُت. سہ
ہمت تہ سہ طاقت اوسنہ تس رُود مُت یُس تس گوڈہ ڈرِ اوس. اَرچ تصویرکشی چھ پُرزہ
پاٹھو نندہ بأنی.

امہ پتہ آو کاشرِ شاعری منز صحی کرشن بگت مٹنگ پرمانند اُس بروونہ کُن یِمو
زِن امہ یک نوبوت ٹاکارہ تہ پرکھٹو لفظن منز دیت. امی چھ اکہ طرفہ شوہ سنز دوہ پاسنا
کرمژ ونی ہزتہ بیٔمہ طرفہ چھ کرشنہ سنزِ مایہ کنزِ کرشنہ لیلایہ تہ گیوان. "شو لگن" لیکھت
شو درشنک مُہا، ہینیہ "رادا سہ یمبر" تہ "سُدام چرتر" پنہ نین میٹھین تہ موزرین لفظن منز
لیکھن چھ یہ ہاوان زِ کرشنہ سند اُنگر کوتاہ چھ تمو سندین بگتن پیٹھ اوسمُت. زبان تہ
خیالن ہنز رلہ ون، نفسیاتی تصویرکشی، کلاکاری، نرم تہ نوزک خیال تہ سہ ندر کھتھن ہند
اظہار چھ تمو سنزِ شاعری ہنز خصوصیت. ماسٹر زندہ کول چھ " پرمانند سو کھتی سار" ناوہ

---

۱ اکینہ اکھ لیکھو متو نسخہ — پونا لائبریری — ریسرچ لائبریری سرینگر بیترِ

کتابہ منز اُمی سٕنزٕ نظمہ انگریزی پاٹھی چھاپمژٕ۔ گیانہ پرکاشس منز تہٕ چھہ اُمی سٕندی ترٕ چیز شوٗ لگٕن، سُدام چرتر تہٕ راداسُن یمبرزل فارسی زبأنی منز چھاپنہٕ آمتۍ۔ مگر دۄنۍ نٕہ چھہٕ اُمی سٕند واریاہ کلامہ اوڈٕ چھپنے تہٕ اوڈٕ اندرۍ یور ضایہٕ ہیتۍ گومت۔

پنہنی خیال تھوٚوی نہٕ اُمی پانہٕ ہیے تام محدود کینہہ تہٕ بلکہ پننین ژاٹھن منزٕ تہٕ وۄدۄرکھ اُمیُک ہیول۔ اُمی سٕند اکھ ژاٹھ اوس لکھمن جو بُلبُل ناگامی۔ تمۍ چھہ واریاہ نظمہ تہٕ بیتیہ راداسُنہ یمبر اُکس سوندر شکلہ منز لیو کھمت۔ اُمی سٕنزٕ گوڈنیچہ نظمہ آسہٕ اُکس الگ نیچ کُنۍ پکان۔ مگر گوڈٕ سٕندٕ اثرٕ نشہ روزٕ نہٕ خأنی۔ فارسی لفظ ورتاوُن چھہ اُمی سٕنزٕ نظمہ دِلس سۄتہٕ دِنہٕ تہٕ گنہٕ ونہٕ بناوِمژٕ

لکھمن جو ناگامس پتہ چھہ کرشن بگت پنڈت کرشنہ جو رازدان کینہہ نظمہ لیچھمژٕ دیوناگری رسمُل خطس منز۔ سنسکرت ترجمہ سان چھہ اُمی سٕنز کتاب "شوپرنے" رایل ایشیاٹک سوسایٹی چھاپمژٕ۔ اتھ کتابہ منز چھہ شیوس سٕند تعارُف کران کران گمہٕ ماتن گُنہ گُنہ وشنو تہٕ کرشن تہٕ شوپے مأنتھ کرشنہٕ لیلایہ گیوٚمژٕ۔ امہ علاوہ چھہ اُمی سٕنزٕ تہٕ واریاہ نظمہ دۄنہ چھاپ گژھنۍ۔

گُنوہمہ صدی ہندٕ سورنہٕ پیٹھ وُہمہ صدی ہندس شوٗرُوٗہس منز ییم گمہٕ مات وُتھو ہنو چھہ، تہندی ناو چھہ ییم:۔ پنڈت وشنہ جو کول، وشنہ جو رازدان، پنڈت نیلہ کنٹھ شرما تہٕ پنڈت مانہ جو عطار۔

پنڈت وِیشنہ جو کول چھہ بیتھ پاٹھی رام بگت گمہٕ مات اوس مُت تہٕ پننس رامائنس منز چھہ اُمی گُنہ گُنہ کرشنہ بگتی تہٕ ہأومژ تہٕ تمۍ سٕنزٕ لیلایہ گیوٚمژٕ۔

پنڈت وِیشنہ جو رازدانن تہٕ چھہ کینہہ نظمہ لیچھمژٕ مگر تم چھہ نایاب۔ زبأنی زبأنی چھہ واریاہ ییچ مژٕ مگر لیکھت نہٕ کانہہ۔ اُمیُک وجہ چھہ اُمی سٕنز غُربت۔ محکمہ آثار قدیمس منز اوس بحیثیت چپراسی کام کران۔ کاغذُک نایأبی کنۍ چھہ اُمی پننہٕ نظمہ لیکھت تہٕ رژھرِتھ تھیچمژٕ۔

پنڈت نیلہ کنٹھ شرماہن چھہ رامائن، سُدام چرتر، تہٕ بیتیہ تہٕ واریاہ متفرقہ نظمہ لیچھمژٕ

رامائنُک اکھ حِصہ چھُ چھپیومُت مگر باقی حِصہ چھ وُنہٕ چھپُنے۔ متفرقہ تہٕ باقی نظمہٕ چھ زیادہ کرشنہ
بگتی پیٹھے۔ گوپین ہُند دُور ہیر تہٕ جُدائی، رادا پنٕہ ہُند نیتھر، راس منڈلن ہُند وُنُن، گیانکُ وہ پدیش
تہٕ ہیرہ کتھن ہنز باوتھ چھ یمن نظمن ہُند مضمون۔

پنڈت مانہ جو عطارن چھ۔ ژھ داہ وُہرِی ترین ہتن صفن ہُند اکھ کرشنہٕ اوتار لیو کھمُت
شریمد بھاگوتچ ہنز یاد رٹتھ چھُ شاعرن شری کرشنہ سُند زیٖون۔ بالہ لیلایہ، راکھسن مارنٕی نیتھر
پاٹھر، گوپین سیتۍ گنڈُن، عجیب تہٕ غریب کامہ کرنہٕ، اتھ پیٹھ نیرُن، راس گنڈُن بڈٕو رتیس
اندازس منز وِپر ھنووُمُت۔ زبانِ ہندی موٗد ریرِن چھ یہ کتاب خوش پیٖنی بناوہ ہش۔ فارسی لفظن
ہنز کثرت چھ ییپر زہ گژھ جایہ چھ گوہ مانن فارسی پدے وٕنی ہتہ۔ امہ علاوہ چھُ شاعرن
"رکمنی منگل" تہٕ "ہریشچندر" تہٕ لیو کھمُت۔ کرشنہ اوتار چھُ ژرچی وُری برٕونہہ فارسی رسم
خطس منز چھپیومُت۔ گوہ نہٕ ماتہ سِندہٕ وُننہٕ موٗجب چھ وہ جلد کنہٕ پتہ مکان دزنہ کنہ باقی جلد
نارہ جُزی گمتہ۔ اوہ کنہ چھپنہٕ چھاپ گژھنہ پتہ تہٕ یہ کتاب دستیاب سپدان۔

یمو علاوہ تہٕ چھ نِتھو کینہہ گوہ نہٕ مات یم زن کرشن بگتی ہنزہ نظمہ لیکھان چھ
مثلن پنڈت جے لال صراف (سرینگر) پنڈت ہرکاک چھترہ، پنڈت پرمیناتھ جی بٹ ناگمُ پنڈت
رامچند دھرم شاستری مٹن، پنڈت مادھو جو ناگمُ، پنڈت پرمیناتھ جی ہٹن چھُ "سُدام چرتر" تہٕ بییہ
تہٕ واریاہ نظمہ لیچھمرہ یمن منز "شیو درشنکُ" اثر لبنہٕ چھُ پوان۔ مگر کرشن بگتی ہنزہ نظمہ تہٕ چھ
لگ بھگ ترہ۔ پنڈت ہرکاکن چھُ کرشن اوتار لیو کھمُت۔ پنڈت مادھہ جوٗن تہٕ چھ کینہہ نظمہ
لیچھمرہ باسان چھُ زِ پنڈت مادھو جو تہٕ پنڈت پریم ناتھ جی بٹ چھ پنڈت لکھمن جو ناگامی سنزو
نظمو متأثر کرمنز۔ یہ چھُ تہنزہ لیکھن تراپہ کنہ نَنان۔

پنڈت جے لال صراف سنز "ترمرگیتا" چھُ سُوٗر داسہ نس "برمرگیتس" "ستیہ سبھا
واٹھ کھیوان یہ چھ سبھٹا گنہ وٕنی۔ میٹھ، سہل تہٕ دِلس سنہٕ وٕنی۔ پنڈت نارایِن جو کھارن

تہٕ ہیٚنٛزٕ اَیہٕ "رُکمنی منگل" لیکھِت گُزشتہٕ بگتی ہِندِس ادبَس دِرٕنٛچ کوشِش کٔرٕنۍ، مگر بدقسمتی کِنۍ پیوٚو تِہُنٛد سنہٕ ۱۹۶۳ منٛز سورگواس۔

شریمد باگوتس منٛز چھہٕ گُزشتہٕ سٕنٛز تصویرکشی تِمہٕ آیہٕ آمٕژ کرنہٕ یِمہٕ کِنۍ شۄ داس بگتَن ہُنٛد سرپرس لبنہٕ چھُ یِوان تہٕ تِمو سٕنٛدٕن بگتن چھُ تِمُنٛدُے سہارٕ۔ یِتھے کنۍ چھہٕ کشیر ہندو کرشن بگت گوٚہ ناتوٚ تہٕ داسہٕ باوٕہیتھ پٔرم پرٛبوٗہس شرٕن سوٗنگمُت تہٕ سرپرس زانہِتھ گگو گنڈِتھ نزارٕ پارٕ کوٚرمُت۔ کشیرِ ہِندو گوٚہ ناتوٚ چھُنہٕ سوٗرٕ سٕندرِ پاٹھی، تَس سیتۍ موٗدرِ کِھتھن تہٕ خیالَن منٛز تَس سیتۍ مِترا چاٚرۍ تہٕ پانٛیار ہیوٚومُت۔ پرمانند، کرشن جو رازدان، وِشنہٕ جو کول، مانہٕ جو عطار تہٕ نیلہ کنٹھ شرما چھِ پنٕنۍ پان اَکِس داسہٕ سٕنٛزِ شکلِ منٛز اَنِتھ ایشرَس پرار تھٔونا کرٛہہِ۔

"ہے دیوٕ ورتمَ - چھُس چیٚنٛیٚنۍ داس
ہردیس منٛز کرتم پننُے داس" (پرمانند)

"ہے دیوٕ کیشو چھُس چون داس" (کرشن رازدان)

"داس چھُنا بہٕ چےٚ سٕنٛزُے
دِہ کیاہ کوٚرٕ گیہٕ ژیٚیہ میانۍ" (نیلہ کنٹھ شرما)

"چاکر چون دوہ یدیشہٕ ہیتھ دراسے" (پنڈت وشنہ جو کول)

"تنٛہ اَسی چانٛی ژرنَن ہیٚنٛدۍ داس
کران چھُک داسہٕ باو ہر وِزِ پاس" (پنڈت مانہٕ جو عطار)

دٔیہ سٕنٛدِس کُنزٕرس چھہٕ گوٚہ ناتھ "سروٕ وِیاپک" تہٕ "سروٕ شکتیمان" تہٕ زانان تہٕ اگوچر تہٕ وِزِ وِزِ چھہٕ بیوٚن بیوٚن اوتار زٕگتَس رٔچھنہٕ باپتھ اوتار دارٕن کران تہٕ ژگتک ظُلم تہٕ گمہٕ کار دوٗر کٔرِتھ بگتَن سٕنٛزِ دِیہٕ لاگان۔ اَوَے کِنۍ ہیچھنہٕ کاشرۍ کرشن بگت گوٚہ ناتو کرشن

بگتی ہنز اکھ الگ نٔچ رٔژھنہ تہٕ تیمو زٲتی رام تہٕ کرشن ہوی۔

ھندی ادبکیو یأنٛھو چھنہٕ یہنٛکی گوہ نہٕ ماتھہ رامس تہٕ کرشنس ہیٚون زانان تہٕ میکہ خاص وجہ چھُ یہ زہٕ یتیتہٕ چھُ دوہ شوٗنی، رشیٚن تہٕ شکتی ہنز دوہ پاسنا یہ ہُند رواج رُود مت۔

نارایَن، وِشنو، رام، کرشن چھ اکوٗ سندی وارِیاہ رُوپ۔

مَن میٚون ہیند را بِن تہٕ لولو

آتمہ رُوپ نارایین تہٕ لولو

بیٚنی سِتھہٕ وزِن گوپیین تہٕ لولو

تتھو منز چھُ رام کھیلن تہٕ لولو (کرشنہ جو رازدان)

یتھہ منز چھنہٕ رام اکھ تہٕ کرشن بیا کھ مانہٕ آمت۔

ہے شیوہ گیشو چھُس چون داس

شوہ رُوپ باسہ وُن چھک ثوہ کیلاس

رامہ روٗپہ لنکایہ کوٗرُن ڈاسی

کرشنہ روٗپہ گٔنو چھک کھیلان راس (کرشنہ جو رازدان)

پنڈت وتشنہ جو کولن تہٕ چھنہٕ شوہ، رام تہٕ کرشن الگ زأنی ہتھ بلکہ چھن اکی ہی بگوانہ سندی الگ الگ روٗپ مأنی ہتھ۔

رامہ شامہ سوٗندر ہرٲری

سوٗ کلاو تم پرٲری پرٲری

پرٲرہ کتھ شمیس اکال کرشنو

رامہ روٗپہ رگیے بنیس اوتارس

زنٛمہٕ زنٛمہٕ دوتمو ژیٛشہِ پٲران

اَز کٔل کیٛو گوٗ نہٕ ماتوٗ تہٕ چھُنہٕ یہِ خیال تہٕ ایٚحساس تروومُت۔ ہیٚنہِ سطرہٕ چھہٕ

شری رام چند دَرم شاستری سٕنٛزِ لیلایہِ منٛز، یُس رام بگت چھُ۔

اَمہٕ برونٛہہ چھہ پرماننٛدن تہٕ یِتھی خیال باوٕرٕ مُتہٕ ۔

رام چھُنہٕ اَکھ تیٚ شو بیٚاکھے

کیٛول سَمتھ شبدُک اَکھے

لیٚچھ ناوٕ لیٚچھ بدٕرِ ژرکارو

ماہنہٕ جہٕ عطارَن تہٕ چھہ کرٛشنہٕ اوتارس منٛز کُنہٕ کُنہٕ یِتھو خیال باوٕرِ مُتو۔

راوُن یِتھ ژٕ یٚہٕ مورتھَن

بوٗ سرٕ منٛز سُہے تورتھَن

آکھ یٚیلہٕ رامہٕ اوتارٕ

نیٚلہ کنٛٹھ سٕنٛزَن لیلاین منٛز تہٕ چھہ یِتھ خیال کٲنٛسرٕن جاین لبنہٕ یِوان، زہٕ ییٚہ گوٗ

یِتہٕ ییٚہ گوٗ چھہ یِم اوتار دارَن کران۔

ناوٕ سمرن، پادٕ پوٗزن تہٕ اُرژری ہنٛدِ خیال تہٕ ایٚحساس چھہ کٲشیرٕ ہندین

کرشن بگت گوٗ نہٕ ماتَن ہنٛزَن لیلاین منٛز جاپہٕ جاپہٕ لبنہٕ یِوان۔ ہندی کرشن بگت گوٗ نہٕ ماتَن ہندِ

پایٹھی چھہ کٲشیرٕ ہندِ کرشن بگت گوٗ نہٕ ماتھ بوٕہہٕ برٕ ترنہٕ خاطرٕ پرارتھنا تہٕ اُرژری کران ۔

شوٗدہ منٛزٕ کھینہٕ کھینہٕ سمرُن زٕ ایشر

شری کرشن رادا کرشن کر

کلہٕ کاٹس منٛزی چھُس لاوُن

کرٛشنہ ناو وِسٕرا رُن

کرتایہ سیتین بہ ساگر ترٛ
نامہ سمٛرتہ سیتھ ریدٕ سید پاوکھ
بیٚنہٕ بیٚنہٕ نٔشس موہ کتھاوکھ
چھکلنے پاپ ژلنے ترٛیٚزٕر (نیلہ کنٹھ شرما)

اَمہٕ علاوہ چھہ کشیرٕ ہندی کرشن بھگت گوہ نہ مات کرٛشنس نندہٕ بون تہٕ وٕنان تہٕ مَنس منٛز بسہٕ وُمن تہٕ زانان۔ اَوٕ کُنہ کنٕ چھہ تم تمٕس برٛاکاروٕنان تہٕ دوٚیمہ طرفہٕ گمہٕن وان تہٕ ساکار تہٕ۔ اکی سی سطرٕ منٛز چھہ تَس سرٕدٕہ ویاپکھ تہٕ وٕنان تہٕ اگوچر تہٕ۔

"ہا اگوچر، ہا سردٕہ ویاپکھ" (وشنہ جی کول)

تہندٕ خیالہٕ کنہٕ چھُنہ ایشر کُنہ وَنِس منٛز روزان زہ یکدم تَس برٕونٛہہ کنہٕ یہِہتھ ہیکون لبِتھ۔ سمارس منٛز چھہ تمٕ دوہ شٹ تہٕ پاپ گالنہٕ باپتھ اوتار دارِن کران۔ مگر ہیٚندی کرشن بھگت گوہ نہ ماتن ہندی پاٹھی چھہ یم تہٕ تمہٕ سند لوکچار، راداہ سیتی لیلا۔ گوپین سیتی راسہ تہٕ وچھرٕ مایاہ پانٕہ ورشنہٕ کران۔ تہٕ اکہ رنگٕس منٛز چھُنہ یمن کینٛہہ تہٕ پرٕ پیشرٕ۔

ترجمہ: موتی لال ناز

•

# کاشُر سرگم

(ترٛیٚیم حصہ)

مرتبہ: شیخ عبدالعزیز

موسیقی سیٚتھ شوق تھاوَن والین ہنٛدہ خاطرٕ بہترین کتاب۔ مختلف مقامن تہٕ شعبن منٛز صد بندی۔
لکھائی چھپائی خوبصورت۔

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ اینڈ کلچر
سرینگر

فرحت گیلانی

# کرٕ یوٗتھ منزٕل

گُڈٕ رٕ چھِہ کوتاہ یہِ بال کھسہٕ وُن
یہِ وَتھ چھِہ شمشیرٕ دار گویا
گمتھ مےٚ چھِم بستہ لاَدٕ ی پادَن

یہِ واو، بے وایہ واو، توباہ
چھِہ زَن تہٕ بدمست ہوٚس متیومُت
ٹُنِس وو گٔژھ گوَ، وو گٔژھ سنیومُت
ژٕ نہٕ پاٹھری وُہرِتھ چھِہ اَسس شِنیاہ
مےٚ تیرٕ کنڈٕ ی ژھِسٹھ، مےٚ ژایہِ نٕچھٕٹھ نٕٹھ

یہِ تاپھ ہارَن، یہِ سٕکرِ یہِ دَزٕ وُن
غضبٕ چھِہ زَن کائنات گومُت
مےٚ نار گوٚنڈمُت، الاو ہیوٚتمُت
بےٚ سوکھ شرِ یہِ س
یہِ وَتھ چھِہ زَن پیٚشتہِ پیٚشتہِ زیٹھان
وِشال صحرا، گرِد، غُبار راہ

گژھیم ژھٹان دۄہ

ببرو وتھان زنتہ نارٕچ شُدرس

نہ پَدٕ نہ وَتہٕ گَتھ

نہ برٕشہ نہ کاشہٕ پَتھ

میٚہ شہ ژھۄکِت گوَ تہٕ پاد لُوسِم

سنبھالہٕ ہادَم

نہ گُل، نہ شُہلاشہ ناگہ راداہ

یہٕ دم چھُہ مُشکل

●

بہٕ ریاونکٕ موٚت بہار اُسس

رٕسیُل تہٕ رنبہٕ وُن، شُہُل بہاراہ

میٚہ ترٛاو پرٛتوٚ، گلاب شۄلیو

میٚہ کاڈٕ ییلہٕ کوٚڈٕ، سروٕ تہٕ تنبلیو

ہارِم میٚہ کوسِم، یہٕ شام پرٕزلیو

پیاری ڈرایس، ہُپیأری گیٔہ کریکھ

چھہ پوشہٕ پدٕری از گلاب پھلران

میٚہ ڈال دِژٕ، آسمان ژھہتہٕ گوٚ

دوٚیچھ ژینہ چھک ژٕہی رنبیٚل تہٕ نوزُک
حسین خیالاہ، جمیل نغماہ
چھُہ ییٚس خُمارس تہٕ کأف کھاران
چھُہ بلبلن ییٚس نیاز باوان
تہٕ ناز بخشان گلاب روین
خُمار کھاران چھُہ ہرٕ شرٕ پیشمن
تہٕ گوہڈ بہران مأرٕ مندی اَمارَن

بہٕ لولہ سازُک ژُہ نغمہ اُسس
ژُہ سرمدی نغمہ، وِگنہ وَنہٕ وَن
چھُہ زیر و بم ییٚس دِوان اَمارَن
گلاب برجستہ، مست مَسوَل
گگالہٕ پھولہٕ وُن، شمع پریزلوٚن
پھُلے امارٕچ، امار سونتُک

●

بہٕ یاونُک موٚت بہارٕ اَسس
رٕسیل تہٕ رنبہٕ وُن شہُل بہاراہ
نظر پھٕرِم لولہ نار گوٚنڈنم

نظر کرِتھ، لاُباکی نظراہ
ژُباکی دِل گوٚ
بہ زالہ ژٕن گُل ژِچس اَغارِل
بہٕ یاونک موت بہار آسس
ژِیِہ ماسے ژٕری ژٕری بہٕ ہاپہ کرٕتھس
امار آسس گلاب روین
اَمارہ تھوٚنم، فِگار کرٕتھس
یہٕ نازہ آسس، نیاز کرٕتھس

●

وشال صحرا، گرد، غُباراہ
گژھشِم ژٕھٹان دِہ
نہ پدٕی نہ وتٕر گَھتھ
نہ برُو نٕہہ نہ کانٕھہ پتھ
نہ گُل نہ شہلا، نہ ناگہ راداہ
سنبھالہ ہا دم
یِہ دم چھُہ مُشکِل

●

حامدی کاشمیری

# بۆرۄٹ

کُس چھُوہ؟ ٹھُک ٹھُک کَرُ کوٗر

پاگل گوٗمُت سوٗنتہٕ ہواو

یینہٕ گوٚم بۆرم دِتھ، چیٚنہٕ وٚنہٕ رآوِتھ

تِتھٕ چھِس ترٛاوِتھ دارِ تہٕ بَر

•

پاد پھٔلِت سِیکہِ صحراوَن مَنز

تال دُزِتھ، قرنوٚ پیٚتہٕ ووتُس

دوٚہہ اَکِہ پیٚتھ وَن، ڈٲلُن ژٔمُر

بالہٕ دٔرِس تَل

گُل گٔنہٕ ریٚچہٕ ریشمہٕ ژھایہٕ

سبزارس پیٹھ

ہرناہ بانبرِ، رتہٕ ٹہٕ گوٗمت ہیٚچہٕ

ٹھٔلِہ ٹھٔلِہ وُچھنم موٗصُم سعد رمہٕ اَچھکو

کمہٕ تاں زٕنمیچ زان پٔژ ہیتھے یم

لاوِیٖن ارمانَن برجسٕ شُس پھٹٲے لج

جنگلی پوشہٕ نامہ ژھٹو، کیہ لی وۄہ لسنہٕ آسے

تُلہٕ وۄگن گہٕ آدی نفسکہٕ ساز

رُمہٕ رُمہٕ شرۄپرۄدُم مدہ ماٗتی اَن ہٕری سُشہٕ بدن

اکھ ژٕیوٕہ، رُمہٕ رُمہٕ جادٕیک رنگ گوم

اکھ ژٕیوٕہ، ژھالاہ دِتھ بے پرواہ پاٗٹھی

سہ گژھو گُلی گنہٕ رس گمُ

وُزملہٕ ترۄنشتاہ !

مکھن لال بیکس

# وجُود

یہِ زُوشہ پچھہ لوسہ
رمیانہِ کمرِ ک بہہ سۄکھ تہٕ مل کٔت
فضا اگہ ہئندرہٕ
میہ سٕپدرہٕ سورٕ ے وجُود چھیۄ کہ لد

تہٕ ہیٹھ لَبہ پیٹھ
سۄ جاے شولے یہِ !
سۄ گرد پرہٕ ہزلے یہِ !!
یہ گرد شولے یہِ !!!

یہِ زُون یوّد میانہِ بامہٕ سیّود لوسہ
یہِ گاشس ما روزہِ !
یہِ نُور ما روزہِ !!
یہ ژیوٗن کوتاہ چھُہ آوسٕیومُت
اگہ یہٕ اَکھ پیٹھ یہِ گاشہِ لِی آسہ
یہِ نُورہٕ مۄے آسہ
یہِ ژیوٗن کیٚتھ باسہ

یہِ گرہٕ مۄے وٕ چھ نٔژاں چھہ کیتہ کنہ
وجود یہٕ پرٕہ زلیٔس
تہٕ گاشہ پرہٕ زناوٕ
پھیۄلے یہِ، شولے یہِ
اما بہٕ ما کاشہِ پرٕزہٕ نوٗس
میہ یٔتھ کھٕٹس متہٕ زہتھ چھُ
یُوتٕے جہاں وُچھمُت
ہیاری ووٕ بی رکنہ ہۄ گاشہ رکھ پیٚنیہٕ
میہ اَکھ شمبھٕ آسمان وُچھمُت

●

یہِ گاشہِ رکھ ژایہ دارہٕ ووٕ بیرکنہ

اما سنا کوت بوڈ چھُ اسمان

●

یہ میانہٕ پھرِ تلہٕ وُپھاں چھُ کوترُ
اگر ژٕ یہ ڈیشی نِثار سیدی
اگر یہ شونکس نظر ژٕ کرہس
اَمس ہنا تیزِ شوق بنیہ ہن
یہ وولسنس ییہِ
کری ژٕ اُہی
ژٕ یہ نور پھولہ نے!
ژٕ یہ آسے ہرِ نے!!

اگر ژٕ یِکھ یور پرٕ زٕ ناوکھ
یہ میون بنڈ بنڈ یہ میون انگ انگ
یہ زال یُس وُونمُت چھُ زلرد
یہ زال میانین اُچھن اَویزان
یہ زال میانِس رُوحس اَویزان
یہ میون تصویر یُتھنہٕ نہوکھ
یہ ژیُون یودوے چھِ آویومُت
ژٕ یُتھنہٕ کھوژکھ
ژٕ یُتھنہٕ ترٕٹھرکھ
یہ یُتھنہٕ لٕہرک

اگر ژٕ یِکھ یور پرٕ زٕ ناوکھ
ہندر ہندر ہیوٚ فضا یہ کرمک
ژٕ پانہٕ ڈیشکھ زٕ گاشہٕ رکھ اکھ چھَ
گردہٕ پینتین وجُود بخشان
پھولان تہٕ پھاآن
پھیبان تہٕ یوٹھان

یہ گاشہٕ رکھ لگہٕ چھمبن تہٕ چھارن
یہ زال ژھینہٕ گرٕشہٕ زلُر پریشان
اگر ژٕ یِکھ یور
ژٕ ییلہٕ تیلی یِکھ
بنیس وونس تِمٕ زٕ لھوٚد ژٕ کاکنہ

ژٕرٕ ٹھوٗکرزٕ گاشَس ہمیشہ بَرٕ وٲتھو

وُجارٕ کمرسس براَلتھ نوٗرٕ پۄچھ

بہ ڈیشہٕ دیوٕ آسمان بێییہٕ ہَن

یِہ میانہٕ کمرک بہٕ سۄکھ تہٕ مل گُت

فضاہَنا وُشنہٕ پٲنٕ پانےٚ

یہِ میون بشد بشد یہٕ مِیُون انگ انگ

سُمِتھ تہٕ کرِہ مِیُون وجود قایِم

●

# گل ریز

مرتّبہ: محمد یوسف ٹینگ

مقبول کرالہ واری سٕنٛز مشہور متنوی ییٚہ ہہ مختلف نُسخہ بہٕ وُنٛٹھہ کنہِ نٮ۪ا وِنھ

سبھاہ خوبصورت پٲٹھی چھاپنہٕ چھہٕ آمژ۔

جموں وکشمیر اکیڈمی آف آرٹ اینڈ کلچر

سرینگر

چمن لال چمن

# میٚہ مالہ ژھمرٕ نظر!

نظر تُلہٕ ہا بکھ نب زُوَل کرٕ ہے
وُجارَن لالہ پھولہَن باغ نوٚہَن
یمہ سے لٔرٕ ڈیشہٕ ہا گرہٕ لول ژٕہیم
وٕہ میزَن ہِشرٕ پھلے کرٕ ہے حکوٗمت
نظارَن میانہٕ مَنشا آسہٕ ہَن رنگ

میٚہ مالہ ژھمرٕ نظر کاتھہ وارٕ وُچھہ توٚ
دٕلس نکھہ نال آمُت پوشہٕ مَتو سے
ترٕن ووش زن طبیعت میون گومُت
منکھ ہندرٕن اَچھو کنہٕ نوٗن چھُہ دزامُت
پنٕن باسان پرٕد میل تھلنہٕ آمُت
بہٕ کتھ کرٕ پرٕژھہ میٚہ چھُم وُنہٕ گاش چشمن

لوٗکٕٹ آسمان مشیوٗنٕے اوس شہٕ بان
یہ بازرٕ وُچھتہٕ چھُنہٕ بازرٕ ہیوٚن ووٚنی
کھینہٕ چھُنہٕ کانٛسہٕ پٕرزٕ ناوان ووٚہ پرٕناو

دُرِتھ گوٗبۍ کھتھَن سِرناو بتھاوُن

چھِیہ اَنٛد بَرِٹھۍ دَرۍ بُکرۍ کرُہ کرُہ دِواں گَتھ

بہٕ کاٗتیاہ بُتھو کرِتھ اَژہِ مُجلِسن منٛز

یہ وپِچھ مانبرٕ میانۍ کنہٕ ژُٹھ وَتھ

ہُہ پربت کِس جِسَن پیٚیہ زانہٕ قمہ دَرتھ

زِہنِس بیچھ اگر گژھ پیٚوٚ مینہ ژٕمرِ جاے

ہُکم اَرِ یہِ وشہ دنہٕ چھُم روزُن ٹمٛنڈٕ بن بیچھ

پیٚتھر داواپیٚنم آنگن دوٚسَن ہِنٛدر

ژُوٚ وٕتۍ ہے بیچھ پُھٹلِجِ بیٚیہ نہٕ بختیار چ

سہٕ ننگالال چوکِس منٛز وشہ دِنۍ چھُس

اَسَن کھنگالہِ زالان میٚیٚن اَنٛد پوٚکھ

کتابَن پیٚیش پرٛاٗنِس، ہیچ گومُت

اَتھَس کیتھہٕ بازۍ گرِ ہے زن تماشاہ

چھہٕ ژُورِ ہے ہیٚچ گُرِث ژاٗنٛگِس سیتھے کوٚس

ترٛاہ پتِشہِ روٚس تہٕ ژوٚمرِتھ زوٗ بیچھِتھ چھُس

بتیہ مائلِک کارخاناہ پان میوٚنۍ

مَرِن زیٚون بُکِ کتھاہ دوشوے برابَر

اَتھے تُلہٕ ہٲتہٕ گَگنس بیہٕہ نہٕ یَژھ پَژھ

زیوٗنے زَن چھم نٕہ لَچھ کنتھ چھم تَچھاں وَچھ

میہ اوس داداہ یرٕژھے تھرِ پوش نیرَن

بیٚنتی پوٚد مثیون بیٚنیہ تَتی پھیرہِ امرہِ بَتھ

میٚیہ مالُچرٕ نظر کانٛہہ وارٕ وُچھتوَ

میٚیہ چھُمنہٕ پانس اَتھین باسان پٕنُن پان

کُس تام میانہٕ گرِہ زن ڈیرٕ تراوِتھ

میٚیہ ماگوَ کوٚچہ پھیبرٕ کانٛہہ گاش ہٲوِو



بنسی نردوش

# پنُن مرُن

ییُتھے کوچہ تلکو کمپونڈرن انجکشن کرنہ ورائے ہیر بینج تہ سرِشن بٔنیہ پنہٕنس
بیگس منز وٕٹِتھ تھاو۔ ییُتھے کیٚہ نارہ وُزملہ ہش۔ کانٕسی توٚر نہ فِکرِ یہ کیاہ سپُد۔ میانی
آشینو گییہ ہکو تہ بکو سپدِ تھ لبہ سیٚتو کلہ ٹھاسنہ تہ بہ گوس یکدم زنتہ مرنہ نیندرِ ہشار میہ
باسیو پان لوٚت ہار۔ یئہے زن اوس اوٚتامت رزو سیٚتو گنڈِتھ۔ میہ دِژ دٕچھنو کھوورِ
نظر۔ کمرس اندر اوس ہوٗی وٚو تھمت۔ برٛاہ برٛاہ اُسی ساری باکہ ژھٔٹان۔ یُتھ نہٕ کریکہ ناد
یوٗزِتھ اُسی جانا وارتام پکھن ٹاس ٹاس دِوان آسہ منزہ نیبر ژامتی۔ دیان چھنا مرن وزِہ
چھی بچ ہی لمان۔ میہ باسے یہ نہٕ دپان اُسی ناکرٕہن کٔنہ کال ہیوٚ سیمہ دوٗت چھُ نادس
یہ ان۔ میہ آو نہ۔ میون جسم اوس ورنِس پیٚٹھ لمباہ ترٛاوِتھ بے چیٚس تہ بے حرکت پتہ بہ
اوسُس اتی نس اکھ جسمس سیٚتی فُٹ کھنڈ تھوٚد پہان ہوا اَس منز ییتھے کنہٕ نرہٕ وہراوِتھ
میہ اوس نہ نالہ کینہہ تہ نِکیازِ میہ اوس نہ جسم تہ ووٕنی کھینہ۔ بہ اوسُس ہوا اَس منز
ہوا ہیوٚ گاشس اندر گاش ہیوٚ واہراوِ شکلِ تہ انہارہ۔ میانہِ دِچھ بیٚنہِ دِژ کوچہ تلہ کس
کمپونڈرس دوان نرہ تھچھ تہ ووٚنُس۔
"ہتہ سہ ڈاکٹر صاب۔ یِتھ کُنہٕ متہ سہ نیرتہ"۔ یہ ہسہ چھُے اَسہِ دہن باژن وُرُن
اَسہِ دِن سہ بوی بلراوِتھ۔" کوچہ تلک کمپونڈر اوس کلہ لبوان کُنہٕ کرِتھ مند چھوٗت ہیوٚ۔ سُہ

اوس اَمہِ مارکہِ منزٕ نیبر نیرُن یٕژھان۔ مگر اَتھ وَتھ اُسہس نہٕ پیوان۔ ژُن اوسکھ ژوٗرہ
ہانزٕ روٗزمُت۔ یٔمِس میانہِ بینہِ زچہٕ ژچہٕنُس تہٕ پھیر پھیرہٕ وٕنہِنس یہ ہمہ منگکھ تہٕ
ہمہ دِمے مےٚ دِن سر بوی زندہ کرٕتھ۔" مےٚ آو پانس سیتہٕ اُسُن۔ خبر کیا زٕ پٕینیہ مےٚ راتھ
شامنچ کتھ یاد۔ یٔمِس ژٲمس کاکنین دوٚن سیٖتھ فساد گوو۔ تلہ کنہِ اوس معاملہ سادٕ روو یتہٕ ہنٛد
میانہِ بینہِ اوس پننہِ چندہ منزٕ پاٚنسہ کڈِتھ شرٕن کیٖت دوہ دانہ نوومُت۔ تہٕ اَکی سی اَکی سی
اوسُن وٕونمُت زِ مےٚ چھُ مالیُن یتھ تہٕ پننُن خرچہ پانے کرُن پیوان۔ یہ اوس میانہِ آشنہِ
سیٹھا بُرتباہ گومُت تہٕ اَسِس ژٲمس سیتہٕ مُدے لیجمٕژ۔ وُنی کینس اُس یہ پزٕ کِنہِ کاتھہ
قوربانی دِنہٕ خاطرٕ تیار۔ وُنی کینس اوس اُمِس یوہے اَکھ طماز یہ معہ رٕدٕ جسم گوژھ
نٕ مُوژرُن تہٕ اکہ کتھا کرُن۔ مگر مےٚ پیمٕ اَکھ زٕ کتھ کرہ تہٕ۔ تمہ تہٕ بوزٕ نہ کانٛسہ۔ میانہِ
ماماجی دِژ پوٗترا کرِتھ کُنی کرِتھ تہٕ یان لویُن میٚنس بسترس پیٹھ۔ تژ سیتی ہیتھ ووٗنس
یہ تہٕ پھنمبہ ڈینجہ ہندی پاٚٹھو۔ کھوہ ژینوٚتھ دوتمُن آیستانس تام، یہ گوس ماماجی نُس
پھیرِن نالس منزٕ بند۔ یٔمِس سوہ دوہ یوٚ تہٕ نیوٚ زنانو لمہٕ لم کرِتھ نیٚج ادہ کوٗڈ مےٚ بڈٕ
کتھ لہ پنُن یان تمہٕ سندہِ نالہ منزٕ نیبر۔ ادرہ یور آیہِ نہٕ مےٚ وُلتھ کنہِ جایہ تُھہرنُس گرا
کھوٗتُس طاقچس پیٹھ تہٕ یٔمِس ماتم دٲری ہندہِ خاطرٕ محلہ چہِ زنانہِ دوہ دوہ کمرس اندر آیہِ
تہٕ گمژٕ تھ وُچھ پننہِ چیپنہِ طاقچس پیٹھ محفوظ بہ ژاس یان بچاونہ خاطرٕ شیشہ
گلاسس منز۔ مگر اَتھ منز تہٕ ڈنگھ نہٕ مےٚ زیادہ کالس روزنہٕ۔ وُچھان وُچھان اوس
کس تامت وُتارٕ آمُت۔ تمہٕ سندِس بُتھِس پوٗنی چھکنہ خاطرٕ ییٚنس دہ نگھتھ ژیشتہٕ ادنہ خاطرٕ۔
دوہ لگھ گلاسہ تہٕ طاقچہ پیٹھ بدن۔ مےٚ ینیہ کُنی ژھال۔ مردن تہٕ زنانن تاکو
پیٹھی پیٹھو وُتُس بہ دروازس سیتہٕ تماکی ڈبس نش۔ بہ اوٚسُس دِیان بہ کیہٕ اَکی سی
اَکی سی باٚژس گِگ گنڈِتھ زارہ پارٕ، مگر بہ کُس کُس پوشہٕ ہا۔ اجہ آسہٕ لیلہ کران۔ اجہ آمہ

وٗدان وٗدان وٕژن ہُر ہیوٗتلان - تہٕ تمہٕ نِتھ کھاران - میٛنِس مۄردہٕ بُتھس سیتھٕ بُتھ لاگان - اَکھ جنٛٹ سپوٚشُس ادس تیوٚ ناہ سادھ دہٕ بہ گوٚس پانہٕ یِنِس مرِنِس پیٹھ عاشق کتہٕ چھہٕ اَز کل کِس وَقتس منٛز لکھ پیٹھ کُنۄ سمان - تِمہ چھہٕ کھٔژ تہٕ اکھ اکِس ہمدردی کران ، ادا تہٕ اَدن اکھ اکِس ہندِ خاطرہٕ اَدش .

اَکھ مۄردہٕ جسمَس کہٕ ناہ خوٗش آسہٕ کوٚرمُت از گوڈنیچہ لٹہ یُیین ہُند بُتھ لاگُن تہٕ ماہ تہٕ میٹھہِ کرٕنۍ . بہ ہیکہٕ نہٕ دٕنِتھ - یِہٕند وٗدُن وُچھِتھ اُسی یِہندی شرٕی تہٕ گیتَن ژامتۍ - میہ تہٕ اُسی زہٕ شرٕی بیٚتی نَس رات تام - یِہٕنۍ کھوٗژمتۍ بہ اَرِہی - میہ کریو مکھ اکہ دہہ یہ پھرِہ کلہٕ سیتۍ اِشارہٕ - تلا میہ نِش ہیتو ، مگر تِم کوٚت بوزِہ ہَن - تِمَن اوس گرٕس منٛز کینٛژ دہہ یہ پیٹھ ہابت ہیوٚ باسان - یِنہٕ میہ گوڈنیچ لٹہ دِلس ژٕرس ہی لٔگ تہٕ اکہ دہہ یہ پھرِہ غش آو - نٔنہ آسہٕ دہ شوے بیٚنہٕ تہٕ تِہندی شرٕی بیٚتی نَس - شرٕن بیٚلہٕ پانَس سوٚنب شرٕی گرہٕ ہِن - تِمَن چھہٕ خبر کیا زہٕ بشاشت ہِش گژھان - میأنی شرٕی تہٕ اُسی ہِمَن دہہ ہَن وولسنَس ہی آمتۍ زمینس پیٹھ نہٕ اُس نہٕ پوٚد تراوان - دروازہ پیٹھے اُسی ژورہٕ نظراہ دِتھ بیٚتیہ پیٚت ژلان - اندرأژ نَس اُس نہٕ بہران وونی اُس نہٕ جُبہ پیٹھ کُنی - یِم آسہٕ ہنکھ بونی ماتا مال سوٗزمتۍ - شاید اوس ٹاٹھی صابُن جُبہ پیٹھے یہ شک گومُت زہٕ صاحبزادس چھُہ دغا دِین - تِمو اوس راتھ غشہٕ کِس حالتس منٛز میہ بڈہ بڈہ کنَس تل وومُت - چھُکا بوزان ریٚناد غادِتھ گژھک - عیالس ترأوِتھ گژھک - بہ ناژ اسٕلۍ نہٕ بُجرس منٛز یہ صدمہ - بہ اوسُس تِمہ وقتہٕ کنۄ بوزان مگر زیو مرژر ہیچ سامرتھ اُسم نہٕ کینہہ - وُنی کینٛہَس اوسُس بہ پوٗرہ ہیکرٔنژ منٛز آمُت - بیمارہ ہِنز سأری ذگ تہٕ دیچ سأری تھٕرہ تھٕرہ ہیتھ اوس میون بدان یتھ لاش ہیوٚ پیومُت - یِم سأری دأدی - یِمہ سارٕی ورزہٕ تہٕ ہانکلہ آسہٕ اَکھ مۄردہٕ جسمَس سیتۍ وٗلِتھ تہٕ بہ اوسُس پانہٕ اَمہ ژالہٕ منٛزہٕ موکلیومُت - میہ اوس بان اَوبرکی ٹاٹھ نوت ہار ہیوٚ گومُت - نہ

اُسیم ووٚنی دِلس ترٛیس ہی باسان تہٕ نہٕ اُسیم ہیادِس ڈگ ہیٚش ووٚتھان ۔ بہٕ اوسُس پینہٕ وُکٹس میوٚ ، اُکی سی اُکی گُگی زٕ گنڈ تھٕ سمجھاوان ۔ مینہٕ ناوان ۔ مگر کانہہ اوس نہٕ میانِین کتھن کَن دِوان ۔ زن تہٕ بہ اٚتہٕ نس اوس سی نہٕ ۔ پننہٕ آشنہٕ ہُندہ وچھ ژیٹھُن تہٕ پان مارُن اوس میہٕ زیادے کھران ۔ کُجا اوسُس تس اُچھو تہٕ کھور پوٚہاوان ۔ تلے میہٕ نش ییتہٕ رژھا اوازٕ اُسیم اُچھو سیتی ہاوان ۔ ییے ہیٚش ییتہٕ نس چھُم ، ییے ہیٚر ییتہٕ نس چھُم ۔ ییے ہیمہٕ رتہٕ بینہٕ ییتہٕ نس پتھے ۔ یم کیاہ وَنَن ۔ مگر ووٚنی اوسُس دِیان پرٛیرٛ ژھس ، وُنی کیٚس کونے چھک یمَن ہتی باکھ ژھٹہٕ نس تہٕ نیتھ نَنی وَچھ ژیٹنس منٛد چھان ۔ میانہٕ مرنہٕ سیتی ووٚتھے پردہٕ تھوٚد ۔ رسم تہٕ رواج ، شرم تہٕ حیا گے ییے ختم ۔ نایے تہٕ ژییے نالک جمپر ژوٹھن تہٕ سینہٕ زولتھن ژہ کسی چھے یہ ہاوُنُک ضرورت ۔ ژٕ کوتاہ لول اوسے میون ۔ ژن کیتھی چھک اٚتھ میٚنٛزہٕ مٔرس پیٹھ پوٚتاہ افسوس کران ۔

پٔتھے لالہ صاحب کلہ نونے دندو سیتی اونگجہ نم ژٹان کمرس منٛز ژاو ۔ ماتاجی لیج بٔرٛاہ بڑٕ باکھ ژٹنہٕ ۔ نٕہ بارو دِوان وننہٕ" صاحب لالا ۔ ووٚنی کسو آسہ سنکراتھ دوہہ ہلم داٚرتھ دِیان ووٚنی کسو آسہ گرٛژھان ہکہٕ تہٕ چندس اٚتھ ترٛاوان ۔ نا نہٕ سون کانہہ انتظام کرِتھ گژھو زہ مے وننہٕ یہ بڈٕ مول کیتھ تاوتس لوگتھن ۔ اٚتہٕ کتھہ پیٹھ ووٚتھ بینہٕ گرٛیز ہیوٚ ۔ لالہ صابن تُل میہٕ بُتھہ پیٹھ وُڑُن تھوٚد ۔ تہٕ بیگرہٕ ہٹہٕ ہیوٚتھ میانِس مورہٕ ڈیکس پھش پھش دِوان وَننہٕ رٔکھو ہیمرٛاہ فرصت نہٕ اُسی نا ۔ ژہ یہ کھتہٕ درباردٲری اوسے گژھن ۔ ژہ ژے دفتر تام میہٕ یہٕ نِہت اوسکھ نیران ۔ بانبا اٚخرس دِژاکھ ناخلف تہٕ ناہموار ۔ بہٕ اوسُس دُورہٕ دورہٕ بوزان تہٕ اسان ۔ اُمن اوسُم نہٕ یمن کتھن پیٹھ یوان ۔ اسان اوسُس اوزٕ میہٕ کھزہٕ از اُس واریاہ کاٰلی مٲلی میانی سیندہٕ بُتھہٕ میہٕ سیتی کتھہ کرُہرٕ ۔ تہٕ سیتی ہیٚتھ اُمن فرمانبرداری تہٕ برخورداری ہُنٛز سارٹیفکیٹ تہٕ میہٕ دِژہرٕ ۔

پیمہ ذمہ داری ہینہ دول جسم او شُس نہ اَتھ لایق زہ جواب دِی ہس۔ میانہ دراے

کیاہ شرف اوس اَتھ میٚترہ موٚنس، کٔنہہ نہ۔ اُتھی منز آو آشنہ میانہ وُتارہ۔ تُس گیہ زیو

دندن تل بند۔ اُچھو گیٚس رُوز لٔگ نہ زبِن زنگن آس واے۔ آدچاو وُچھنہ دراے واجِ محلہ

واجنہ اَکہ بسترہ بیٹھ لیف نہ سیتی ہیہ لیتھ نوونس بہ تہ۔ امہ لیفہ سیتی، بہ آس دوہن

ژوون زہبن منز باگ ژیلنہ۔ میانہ زنانہ تھاو کھ لیف شاند۔ بیٚنہ میانہ بچھس بلایہ تہ رٔتہ

چھیپہ لگنہ۔ نہ میانی مالی تژووس گلہ کوز پئنی اُسس منز۔ ہیٚتس کالس گوس بہ تہ ہیٚو ٹھس

تمٔکی چلمہ بیچھ۔ اَتہ اوس یوٚتے بیوت جایہ ہواو دوہنی میانہ خاطرہ بیٚلہ۔ نتہ اوس بارٔژس سیتی

بارٔ ژیلنہ آمت۔ ٹاکھو صاب تورِ یانہ بیٚیس کرس منز۔ رُژھو کھنڈی تاپہ کھ جیجیرِ نہ تمٔکہ ڈبہ

نہ توری۔ بہ نہ تورِ ہس چلمہ سیتی اپزِ بیٚیس کرس منز اُسہ محلکو واریاہ مرد جمع گامتہ۔ ییم

زانہ یکھ بہ ماری۔ ییم اُسہ میانے کہھ کران، میانی وصف گنٔزران۔ میون رُت وُنان۔ نہ واریاہ

کیتھ اُسہ پننے ہلہ نادان۔ یہ نہ مہ کورُت نہ اوس، تیتہ اوس مہ سیتی منسوب کرنہ یوان

اَکس زرنس کر یوو مہ واد۔ ہے کیا زہ چھک اُپز وُنان۔ اوس ہسہ نمکارس غکاد ابنہ دٔنی

مگر یو تاہ سالاب نہ۔ ژہ یُ چھک نونے اُپز وُنان۔ تُہ کہ پوز چھاوُنان اُپز۔ لالہ صابس اُس

نہ تیتھ سیتی دلچسپی۔ تِہ اوس یانہ اوٚرکھ کہی بوزان تہ یوٚر کہہ زیادہ وُنان تِہ اوس پایس پایس

نہ دانس حساب دوان زہ میانہ بیمارہ بیچھ کوتاہ خرچ آو تہ کم کم علاج پیدہ کارگر

ذَن گو نہ کانہہ۔ تِہ کس چھُ تقصیر۔ تقدیرس نہ بیٚیہ کُس۔ اُتھی منز بیلہ ناو مسعود کاکن لالہ

صابس کُن جیر۔ بہ اوسُس جیجیرِ ہشی تمٔکی چلمہ بیچھ پیتھر وو تھمت۔ ٹاکھو صابن اُنی جیجیر

پانس کُن تہ یہ تھاوِن مہ بیچھ۔ بہ گوس جیجیرِ ژأکس سیتی لأر لٔگ۔ گاشہ لِیہ، لگیم ژأکس

تُل نظرہ نہ بہ دراس تیاری کٔنز ہشی کرٔتھ نیبر۔ نیبرہ اُسہ کرس منز۔ واریاہ زأنی گلا، رشتہ دار

اَکہ اَکہ جمع گژھان۔ تہ لبہ سیتی ڈوکھ دِتھ اَکی کتھ پھیری پھیری بوزان۔ یُیتے بہ وو تھس

کھوڈتِمِس نمسکار کرِنہٕ۔ پٔرِنہٕ پاکھٹ کرِنہٕ۔ شینچھی خبر پٔژھنہٕ۔ حرام اَیے کانٛسہِ تہٕ میہ کُن نظر تہٕ
نٕچُ۔ میہ دوٗپ پانہٕ نیتہٕ نس کیاہ کامہ پکھے۔ پکھہ اپور۔ اپارِ سے زنانہٕ وُتارہ اوس آمُت تِمِس
وُچھ کیاہ حال چھُس۔ مگر اپارہ اوس دروازہ بند۔ زنانہٕ آسہ سارِیی ماتم دأرِی ہِندہ خاطرہٕ
وٕٹِس منز وٕژھ مٕڑہٕ۔ اَتہٕ اُس فقط لاش میانٛی تہٕ بیٛیہ اُس ماس میانٛی سانی محلہ چہ اکِس
نوشہٕ سیتؠ میانہٕ لاشہٕ چندن تلاشی کران۔ اَتہٕ بیٛلہِ اَمہ ژٕ تیٛیِ روپیہ ہِندہ منزہٕ کِچھ، ادہ لٕجِ محلہ
نوشہٕ کُن وَنہٕ۔ پکھُک وٕچھان اُمس چھُنہٕ کانٛسہِ منز کانٛہہ مَنّت۔ ہتہٕ وُچھتہ۔ کفنکی پانسہ تام
چھُن بچارِن برٕونہِی بچاوِتھ چندس تھاوِی ہیتِو۔ ژٕہ گٔژھہِ زٕہ ہٕ لالہ صاٗبہ نین کھرتن کُن۔ ادہ کیٛاہ
گرٕونس پانٛژہ ہتھ روپیہ علاجس پیٹھ خرٕچ۔ یہ گوس تہٕ گوس پننہٕ لوکچہ جوانی تہٕ زُوس
سارِی کھیٛن تہٕ چیٛن، مُودی ہیتس سیتؠ گُودنہٕ از تام کانٛہہ تہٕ۔ یہ دِنھتھ لٕجِ ماس میانٛی میانہٕ
چندہ منزہٕ رومال کڈِنہٕ۔ گُر کڈِنہٕ۔ روپیہ ژٕ تیٛیِ تھاوِن پننس چندس۔ کاغذ اکھ زٕہ کڈِنی۔ دوا
پلیٛن ہُند لفافہ کوٚڈُن تہٕ سورُے کینہہ تھوٚوُن دِچھ گنڈِتھ۔ تہٕ پتہ پیٹھ میانٛس کھووُرِس
اَتھس واٗج کڈِنہٕ۔ واجہ سیتؠ لمہٕ لم کرِنہٕ۔ یہ دٔرائیس نہٕ موٚیِے۔ بہٕ تہٕ گیوٚسس اَتھہ واجہ لمہٕ
مگر میانہٕ تہٕ دٔرِنہٕ۔ محلہ نوشہٕ پیٛیس اَتی نس اُس۔ تمہٕ کڈ زورہ جبر یہ واٗج اوٚنگجہ منزہٕ تہٕ پتہٕ
لٕجِ گاشِس کُن اَمیک گرٕتھ وُچھنہٕ۔ ماسہٕ میانہٕ بیٛیہ گُنٛڈے واٗج اَتھس منز رٹ۔ تمہٕ کوٚر اَتھہ اَمی
ساتہٕ وَزن تہٕ پانس سیتؠ وٕونُن ادہ چھا میٛن ہِیٛیہ سُہلاب کانٛسہِ آمُت۔ یلہٕ بنگرہٕ تہٕ چھم نہٕ زیٛن
بوٚن ورسہِ دیٛت اَمہ یہ مال سورُے میانہٕ ماتاجی اَتھ۔ تمہٕ تھوٚو چندس تہٕ۔ مجھس نور دِتھ
وَدان وَدان پرٕوژھنس۔ "بیٛیہ ادٕسس نٔنے چندس کھینو۔ بہ سنیوس نہٕ اکھ سوالس جوابس
تکیاوٕ آنگنس منز اُسی وگوی وہراونہٕ آمتؠ۔ تِمن وگوٕن پیٹھ اُسی واریاہ نفر کوٚڈتہٕ کاٗر
ملناوِتھ اورچہ یورچہ کتھہ کران۔ تہٕ اکھ مرد یادم اوٚسکھ وَنان۔ یہ ہٕسہ گو سیہلاب۔ سوہ کتہٕ رٕوز شرافت
فقیرن تام بنے یہ پانسہ۔ پیٖرشاہ بے قدری. نسہ اُس نہٕ پانس زانہہ، یوسہٕ اَز چھ۔ خبر کیاہ چھُ

ہینہٕ وُن ۔ میہ زٕنش نی تۄ لیکھت ۔ بہ دژایوس دارہٕ کنہٕ نظر دِتھ ہینیہٕ کنہٕ اُمس مرِدیادمس اُنس بند کرنہٕ

مگر اَتھی منز آیہ میانہٕ ہۄوری بایہٕ بازرٕ پیٹھٕ وُچھ زیٹان تہٕ کرِنکہ دِوان آنگنس منز وۄ بتہ گرام

تِہِنز سیتۍ اُسی میانۍ دوہٕ شوٗرے لرٕ لکہ رٕ ہاے جنگہ ہی پُتر پُتر ۔ تم ژٲنکھ ہمسایہ لرہ اُکس منز آنگنس

منز وَرِنہٕ وَدہٕ وَد ۔ گورو جی اوس دوہٕ سیتۍ خالی زیمنس پیٹھ لوہ ناوان ۔ کفن اوس اَنہٕ

آمُت تہٕ سامگری کھنڈارہ پیٹھ آیہ مۄردہٕ پٔٹھ تہٕ اَنہٕ ۔ کترٕ وہ نارہ ۔ تیل کینہٕ ڈکن ۔ ماچھ

چھمب ۔ گیوٗ ۔ گُلہوُر ہٹہ گاڑہٕ تہٕ بیٚیہ وارِیاہ چیز آیہ اَنہٕ ۔ ترِ ہم بیوڈھ گورو جی الگ الگ حساب

سان تھاونہٕ ۔ کترٕ وہ نارہ وہراوِن ۔ اکھ لچھوٗت اَنہ نوٗن تر لو کچھین لوہ کچھین ترشن ہنہ مکانہٕ بنوٗن ۔ اندرٕ اَز

اوس اورہٕ چہ یورہ چہ زنانہٕ دانس پیوٚمُت ۔ تِمہ آسہ پوٗنی دُشہ ناوان ۔ گورو جی ین ٹیلہ کریہ کرنچ

ساری تیاری کرٕ ۔ پتہ کھتو محلکی یارہ بھاٸی میانِ ہیوٚر کھنڈ ۔ تِمو وول مۄردہ جسم میون کرِتھس وٲلِتھ

وٲٹس منز پیتانفر اُسِتھ تہٕ وٲلتھی تِمن پھینکو ۔ نرِہ لو سکھ ۔ اُمیکٕ وزن وُچھتھ ۔ بہ گوس پانہٕ

حیران ۔ از اوس نہٕ سوالی زٕ میانِس وزنس تہٕ پننس وزنس کرِہ ہے میون دوس کانہہ ہوائی جہاز

دفترچہ وزن مشین پیٹھ مقابلہ ۔

مۄردہٕ وُچھتھ لوگ زنانہٕ بیٚیہ کرِنکہ ناد ۔ مگر مےٚ نی بہر یوونہٕ اَتھ شرِیس ۔ بۄ نہہ

پننس کانہہ ۔ اکھ زُوٚن دژاو نیبر تہٕ تمۍ کوٚڈ دروازہ ٹنگہ تلہٕ ۔ دروازہ پوٚٹ آو وُزس منز چھلنہٕ ۔ تہٕ

لاش آیہ اَتھو کہرامس منز شران کرنہٕ خاطرہ دروازہ پٔٹس پیٹھ تھاونہٕ ۔ میانِس زٕ بٹس ہوس

لڑکس او شکھ او تامت قمیضہ نال رٔٹمت ۔ اُمہ وقتہ گیہ خاموشی ۔ وُدن گو بند ۔ تہٕ وَدُن گو بیٚیہ

شروع ۔ ٹیلہ لاش کفن وٲلِتھ مۄردہٕ بیچہ پیٹھ آیہ تھاونہٕ ۔ یہ سورُے تماشہ وُچھ میہ پننہٕ آشنہٕ

ہندِس کُٹھس پیٹھ بیہتھ ، یہ اوس عجیب تہٕ دلچسپ تہٕ ۔ پیٹھے دوہ یہ ژور یو نعرو بیچہ تل نکھ

دِیت ، میانی آشین وُزھ ہکہ تھوٚد تہٕ بہ آس وُزس اندر شرارنہٕ یائنس منز اُمس سیتی لیتھ

ناوان ۔ میہ رُود نہٕ دار اُتہ نس روز نگ ۔ بہ دژاس آنگنس اندر ۔ محلہ چہ وارِیاہ زنانہٕ تہٕ شُرۍ

اُسہِ دارہٕ ژٕ رٕ نیو کنہٕ میانہٕ جسمکُ پہ جلوسہٕ وُچھان تہٕ کنھ کران - یہ اوس سورُے اَکھ جبہٕ جوشہ
خاندرس نہٕ ماتمس کیاہ فرق چھ - یہ ہے دوہ سہ ذروہ سہ تیمہٕ وقتہٕ تہٕ آسان - یوٗہے غلغیشن پتیمہ
وقتہٕ تہٕ ہمے رسم، تیمے رسُوم - کُس کُس آو ودہٕ نس پیٹھ - زنانن اُس تورکُن تہٕ فکر - زن
اوُسکھہ نادس گومُت کانہہ - زن کیاہ گوٗ متے اوُسکھ - ناتھ جی اوس اَکی رسی اَکی رسی رشتہٕ
دارس شیشچھہ ہیتھ سوزنہٕ آمُت - تہٕ پتھے سہ آو تہٕ کر یہٕ بُھتو رٕ ٹھاوکھ تموٗ رسی پھیکس
پیٹھ - تاٗر اَکھ دِژکھ میانس لڑکس اَتھس کیتھ، سہ بیٹھ پچہ برونہہ برونہہ دربہ ستی
نارہ منزہ سرٕکہ چِھر کاوکرنہٕ - پتیمہ وقتہ موردہ کوچہ گلہ رکھ کوڈ داکھ - نہ پتہٕ پتہٕ سارِی لوٗکھ ڈرایہ
ادِ گیہ رژھ کھنڈ ژھنہ ہش - برہیہ ہُٹس اُتی اُنگنس منز کنزس پیٹھ سوکھینہ - بہ کوٗت گژھ
اتھ شرمس پتہ پتہ گژھا - کنہ بیٹہ نس روزہ گرہ کین باژن دلاسہ دنہ خاطرہ استادہ - گوٗم نتھ
اوس نہٕ میانین اشارن تہٕ میانین کتھن کُن توجہ کانہہ - سارنی اوس پننہ پننہ اندازہ کیاہ
تام کمی ہش باسان تہٕ میانی زنانہ اُس گوٗجس اَکس منز ژ میمرٕ، کھوژ مرٕ تہٕ ژدرہ ہانژھم ہش
رٹنہٕ آمژ - زن اوس اَمی رسی تقصیر، پتھ کانہہ زنانہ اُس اَمی رسی کُن نظرہ تلان تہٕ مرٕ ھٹہ ژایان
ہاے ہے کوٗسہ جوانی گیس لژھ تہٕ ہایہ - مہ اُس اَتھ پیٹھ سخ ژکھ کھسان - بہ اوسُس
اندرہ نیبر تہٕ نیبرہ اندر کران - لالہ صاب بیزژھ ژھرٹ ژھرٹ وُچھان -

تکیاژہ رہتھ اوسُن سورُے ہیوتمت ۔

گیس منزہ یہ آسُن گوژھ تہٕ اوس برونہی مولکیومت - تہٕ رشتہ داری اُس ساری
ماتمس حاضر - سورُے اوس پوٗرُے - تہٕ اَخرٕ صبحہٕ پیٹھے ییم فلقی اُسہ، ییمن گوژھ شامس
چاینس منتھن کیت اوذقہٕ تہٕ آسُن - لالہ صابن دوہ نوو کُس تامت بازر - تومہ تہ کھ ژدرہ
دنہ ناو دنی - موبجہ ہاکھ تہٕ تماکی سیراَنہ نووُن - تہٕ شامس تام چینین تماکی یاوکھنڈ پانہ نِتھ
زہ ووٹس آیس کا دوہ دچھ ہش منتھنہ - رازہ بلہ پیٹھ یوٗتام لوٗکھ پھیر لگ آیہ - توتام

اوس مُنٛزٕ مٔنٛزٕ وُڈمُن جارٕہی۔ وومٕنی اُسی سارٕی وُڈی وُڈی تھکمِتی۔ بێنِن آسہٕ ڈگہ لجہ مٔژ۔ آشنہ
اُمس نہٕ کُنھ کر نِیچ تہٕ ہیکِتھ۔ ماتاجی اُس توتہٕ باکھا ژاوان۔ تہٕ لیلہ کران۔ شامَس شہ بجہ
ساریی زنانہ وٕڈِس منٛز۔ مرد شو نگہ میانہٕ کُٹھ۔ تہٕ بہٕ رُودُس راوی ہتِس شُری سِندی پائٹھو
گرا پیر دوان تہٕ گرا ہور دوان۔ گرا شُرِن نِش پِہان تہٕ گرا زنانہٕ نِش گُوری گُوری اژان۔
کائنٛسہٕ اوس نہٕ پہان زہٕ بہٕ چھُس گرہ سی منٛز۔ یِیتی نُس منِس لُے میہ واریاہ لٹہ گرشاے
ہشں۔ دوٚیمہ ظاہرا اوس یِمن میون شربہی یوت بکار۔ تِتھ آسہٕ سُورہ مہ لٹھ گامژ۔ تہٕ
یِمہٕ کھیتیہٕ کتھہ ٹنکیازہٕ سارٕی پِتیہ وارہ وارہ ہیچھ ہی۔ بہٕ گوس زنانہٕ نِش تہٕ دوٚیمس کیاہ
چھکھ مُژ کران۔ نہٕ کھیوت کینہہ نہٕ چیوت کینہہ۔ وومٕنی کر تو تہٕ نیندرہٕ گرٕ کھنڈ۔ شونگ سہ
ژاوکلہ پھُتھر۔ وومٕلہٕ بہٕ دِمے کلس مہ لٹھ۔ یہ آسی تھوکمُت۔ کاڈی آسنے وُڈی وُڈی خالی گِستو
مگر اُمس وُچھُم نہٕ الہ گذار تہٕ گزھان۔ میہ دوٚپُس بڑہٕ بڑہٕ ووش ژاونس لایق کیاہ گو۔ بہٕ
گوسہٕ کُن۔ بہٕ ئے ٹینکیبہ چھُس۔ اڈراتن تام ووتُس بہٕ الھ نتیجس زہٕ یتھ گرس منٛز چھُنہ میون
حاجتھ کانٛہہ۔ بہٕ دراس دِہہ لدگگرہٕ سِندی پائٹھو آنگنس اندر۔ ہیٚرہ بہٕ نہٕ کرُم مکانس
کُن نظر۔ تہٕ پانَس سیتر کوٚرُم سوچ۔ میہ کیاہ گو۔ میہ چھا یتھ میٚرہٕ مکانس اندی اندی چھُپیہ
لگُن۔ مُرلھ تہٕ مشہٕ نہٕ میہ بنِنن بارٕن ہشر تہٕ پیمہٕ دُنیچ ماے۔ گوڈہ نیتھ کر اوس میہ
یہ دُنیا کھڈ ڈکہ تہٕ فراغت سان وُچھمُت۔ میہ آو پھیری پھیری یوہے خیال زہٕ میہ پزہٕ ہے
پنٛنِس شریس سیتی رازہٕ بل گژھن تہٕ وُچھن میون منزِل کیاہ چھُ۔ یِی سوچان سوچان
گیہ میہ کنن آواز۔

بائی صاٰبا۔ بوچھ مالجی۔ بائی صاٰبا نیٚر مالجی۔ بائی صاٰبا ترٛیش مالجی۔ یہ آواز بوزتھ
گوس بہٕ استادہٕ۔ میہ دوٚپ نہٕ۔ میانٛن گرہٕ کین چھُنہ وُنہٕ تہٕ میون خیال۔ یمن آسہٕ خبر
میہ چھ بوچھ لگان، ترٛیش لگان، نیٚر لگان۔ میہ وُچھ وُنہٕ برس بہیتھ بینٛنچ بینہٕ زٹھ ہشں، لگار نگہ

پھکان آلو آلو دِدان - یہ نارہٕ کانگر ترأو اَمہٕ اُتی نس دَدہٕ دَدہٕ بڑاندہٕ کنہٕ ییچھ تہٕ ییتہٕ تھوون بانبرٕ بانبرٕ دروازہ بند - میہ کوٚر دروازس ٹھک ٹھک - میہ دوٚپ دٕپس - بہ ہیٚ چھس یمو مطالبو تہٕ تقاضو نش آزاد گومُت - میہ سنیٚ چھُے نہٕ وونی یمن چیزن ہُند کانہہ حاجت - مگر دروازس میون ٹھک ٹھک کرنہٕ ستی ہیوٚو اُمس وحشت، اُمس ژٕرج کرِتھ نیرِ تھ -

ہائے کیاہ گوم - نہٕ ییتہٕ گیہٕ دُرس منز پتھر بہِتھ - دند ٹکر لگس - اندرہٕ گیہٕ اُمی سٕنز کرِتھ بوزِتھ ساری ہُشیار - پتہٕ پتہٕ پژرٕ تھس ہیٚ نہٕ کھوژ کنیٚ - اَمہٕ دوٚپس شرارتس منز دِدان دِدان - دپیوٚ ہے نا - میہ سنیٚ چھُے نہٕ یوتاہ جگہٕ - میہ ہیٚ باسیوو دروازہ مُژرُن ہیوٚو -

اَتھ ییچھ دوٚمنس میانہٕ پتہٕ پتہٕ عجیب اُسن کھنگالاہ ترأوِتھ -

" دُچھ کیاہ وہمہٕ پھٚے - گژھن دِل گو بییمہٕ حالہٕ - تسٕنزہٕ کیا نہ کنہٕ - سوٚر نہٕ کنہٕ ژہ ییٚ کھوژ کھ تہٕ کتھ کھوژ کھ " یہ بوزِتھ آیہٕ میہ لورہٕ ژنڈ - میہ دوٚپ اچھا - گوٚ سیون وجود چھُے وونی یوتاہ نفرتس لایق - یہ بوز اَمہٕ میون ٹھک ٹھک، اُمس ژوٚل زوٗ نیرِ تھ -

تیٚلے ییم میانٕی کانہہ کتھ بوزن - ییٚ بٲژ بٲژ مکانہ ترأوِتھ ژٕلن - میہ گوٚ یہ سیٹھا برتباہ بہ ژاس نہ اَمہٕ ییتہٕ دروازہ اندر - میہ دِژ آنگنہٕ منٛزی ہیور کُن نظر - اَتھ تلہٕ تہٕ یہ پھالیروٚ تہٕ پھالان پھالان ووت شنکر اچارکس بالہٕ تھنگس تام - گردن تھٲم کھتھ تہٕ چشمو میانو دِژ ہارو کہنہٕ شیشنہ بالُکہ اپور تہٕ نظر - میہ دوٚپ پانس سیٹھاہ کیاہ چھُس - کیٚا ژٕ میوس تہٕ شیشہ گلاسس منز ژاس - کمہ آس یوتاہ وہرادنہٕ زہ زمین تہٕ آکاش تھٲم باسان تنگ - یوتاہ بل تہٕ قوت چھُم میہ منز - بہ کونہ سنیوس اَتھ زانہہ - اُمو میٛژہ موٚری کیاہ اوسنس بہ یوتاہ نہ ہیکہ وُن، یوتاہ کھوژہ وُن تہٕ کمزور بنومُت - اَتی ییلہٕ میہ کھسہ ونس اندرس تام واتُن ہیوت - وُچھان وُچھان گوٚ میہ گرم گرم باہ ہیوٚ مجھس لاوِتھ - میہ دوٚپ بہ پھیرہٕ واپس - بہ ژھانڈن ییٚنہٕ میٛژہ موٚر، مگر تہٕ

تہ اُس نہٕ مہ کوہ ستام کُشش اَمہ اَنگنہٕ نیبر نیرنہٕ دِوان ۔ کوتاہ کال گوٚو تہٕ چھُم نہٕ پتاہ ۔ بہ اوسُس

دوہس وَدَن کرِتھ بوزان ۔ تہٕ رات رٚیتُ اُسم کمیہ کُنی گژھان ۔ ہائی صاحبا ۔ بہ چھس مالچی ۔ ہائی

صاحبا تیر مالچی ۔ ہائی صاحبا ۔ اَمِنزی آلو ۔ ایزوٚے ناو ۔ ایزوٚے تسلاہ ۔ مہ اُسم وونی گرہ کین

باگژن ہندی تسلاہ پورہ پاٹھی گمتی ۔ یہ خیال گنیوو مہ اندری زہ یتمہ سیتی میون وجود اوسُس

مہ دِیُت نہٕ تتھ زِ جسمس کُنٔ توجہ ۔ یہ کوٚر نہٕ مہ جان ۔ اَمی وقتہ دوریوس بہ آوریہ بل ۔ بہ پُوٚیُس

نہ ۔ بہٕ دژاس نہ بازرِ بازری ۔ کینہہ نہٕ ۔ مہ اوس اکھ قدم آنگنس اندر تہٕ بیاکھ قدم ترٛوومُ اَمی

آنہ رازہ بلس منز ۔ اَتہ اُس ژینتاہ اکھ دزان ۔ دزہ وینہ ژینتا یہ نِش اوس مہ ہیوٚر رُزِتھ اکھ

نارہ ژونگ ہیوٚ اِستادہ ۔ گمہٕ ڈٕنیچہ لِکہٕ سمکھیوو مہ مرنہ پتہ پانس ہیوٚ یان اکھ ۔ یٚمی مہ سیتی

کتھ کرٕ ۔ میانہ کتھہ جواب دِیُت ۔ مہ پرٛژھ اُمس ۔ ہے ژہ کُس سہ چھُکھ ۔

اُمی دوٚپم ۔ بہ ژہ چھُکھ ۔ ژہ کتہ اوسُکھ ۔ ژہ کتہ ژینتاہ ۔ مہ دوٚپمس جانہٕ

سندی پاٹھی ۔ خبر ییتی نِس آسیکھ زانج مرِتھ کُنہ جایہ ۔

اُمی پرٛژھ مہ بڑہ خشمہ ہوٚت ۔ ژہ چھُکھ ناخبر ۔

" بہ نے گرہ دژاسی " مہ دوٚپنس منزہ چھان منزہ چھان

بڈہِ نا سمجھ چھُکھ ۔ یہ لوگ مہ سمجھاونہ ۔ ژہ چھُکھ خیال جن بھوت بنکھ ۔ ژہ

چھے نا پتاہ زہ ژہ یمن انسانن ہشر ییڑ ماے پچھے ۔ تِمن گژھ نہ وونی سایہ تہ چون بیٛونٹھو

پکھن ۔ ہنہ وچھ ۔ ہنہ کیاہ چھے ہنہ پکان ۔ کلہ للہ کپر زادر مہ چھ ۔ یہ زانہ ہنہ ؟

مہ کوٚر کلہ سیتی نکار ۔ مہ دوٚپُس ۔ مہ چھیٚنہ وچھمت ژہی یہ کُس چھُ ۔ یہ

چھُ چلہ کڈنہ ییرِ پیان ۔ اُمی دوٚپنم درجواب ۔ ژتی ہن دوہن روزہ یہ آورینہ بیچھ بیٛتھے

کنی ہُشار ۔ اُمس چھُ ژہ ہیوٚ کانہہ آورہ روح بکار ۔ تس کرہ یہ وشس منز ۔ تس بناوہ غلام

پتہ چھُس اُمس تابع روزُن ۔ یہ دپہس سرتلہ سمن بناوُن ۔ تتہ چھس کرُن ۔ یہ دپہس گٹکہ مُلکہ

پھیرِن۔ نوٗر چھُس پھیرِن۔ یِہ وَنِس تہٕ چھُس اَنُن۔

اُمی سُند کلامہٕ بوزِتھ ہیوٚتمَس بہٕ تھرٕرُن۔ گوٚ مےٚ چھُنہٕ پانَس کہینہٕ طاقت۔ مےٚ دوٚپُس بہٕ دِمَس نہٕ پان مےٚ تنگہٕ ژٕلُن۔ میانہِ نظرٕ آسہٕ چلہٕ کڈٕنۍ واٚلِس کُن وُچھان۔ سُہ اوس اَمہٕ وقتہ دزٕ دِنہٕ ژینتا پہٕ پیٹھ شراکہٕ ہیٚچھ دہ زلاوان۔

"ژٕلیتھ کوٚت گژھَکھ"۔ اُمی پرٛژھ مےٚ حاٚرتہٕ سان۔

"زندٕ انسان مٔرٕ۔ یوٗتا دُنیاہ ہےٚ چھُ۔ مےٚ کرٕ ژھ نیٚرِ ناپیٚتہ جاے"

اَتھ پیٹھ ترٛوو اُمی اَسُن۔ تمی دِنےٚ نہٕ برونٛہہ کُن پکنہٕ۔ جسمہ ورأۍ روح گو بھوُت تہٕ روحہ ورأۍ جسم گوٚ میٚتھ۔ ژیٚہ نہٕ جسمہ ورأۍ ہَسرکانہہ۔ تہٕ جسمس نہٕ جانہٕ ورأۍ شرف۔ ژیٚہ چھِہے ناوُچھمُت۔ ژیٚہ ہیٚوِن آوارہ گردَن کیتھ کنۍ چھِہ رزہ گنڈکرہ ناوان۔ چوٚن خیال چھا۔ ژیٚہ تہٕ گژھِہے ہاتھٕر و سےٚتۍ لوکھ کیتھ کرناونۍ۔ ژیٚہ تہٕ گژھنے پیرَن فقیرَن اَتھہٕ تَلہٕ سیکھ لاگنۍ۔

چلہٕ کڈٕن وول اوس تَتہٕ سیکھہٕ سےٚتۍ زمینس پیٹھ کیاہ تام نقشہ ہی بناوان۔ بہٕ تھا نٹھٕر ویس۔ بہٕ پیوس حیسہ ہیوٚ۔ مےٚ دوٚپُس۔ نَسہٕ نَسہٕ۔ مےٚ نَسہٕ چھُنہٕ یہٕ منظوٗر۔ یہٕ ہَسہ چھُس اَوٚڈُے۔ نامُکمل۔ نِہ ضعیف۔ مےٚ کُس سہٕ مےٚ کلاوہٕ دِوٕنۍ۔ ہے!

موتی لال ناز

# دوس دُشمن باسان

انسانہٕ سٕنز فطرت چھِہ بڑہٕ سٕنز تہٕ گنز۔ اُتی اسمانس سیٖتی گاڈہٕ بُزہِ کھوان تہٕ اُتی لٕرٕزتھ سیٖتی ڈولان۔ انسان چھُہ تیٖلہٕ پانس ہیوان بیٖلہٕ سُہ بہٕ پانے چھُہ گژھان۔ سمارس چھِہ ساس بُھتھ، مگر اکھ بُھتھ تہٕ چھُنہٕ تس وٕنس تل روزان، سُہ چھُہ تہٕ سمہٕ ران یُیمچ نہٕ تس ضرور ہتھی آسان نہٕ تہٕ دُچھان یُیمچ نہٕ تس پوٚت کِلی چھِہ آسان۔ سُہ چھُہ از ازیُک بُنہٕ تھ پنُن پگاہ کھرادان تہٕ ہیتہٕ لاکن گُرمُوران۔

یتھ وانہٕ ہنزِ وٕتہٕ چھِہ قدمہ قدمکی دُزہتی، موڈ تہٕ تیرکھ، اُتی خوش پوٚن تاپھ تہٕ اُتی گرمہٕ کراے، اُتی رُود تہٕ اُتی تاپھ، اُتی شیٖن تہٕ اُتی شِشرٕ۔ پوٚزٕ ے بُوزِو یہ وانسی چھِہ وہل تہٕ شاپل۔ کیاہ وُچھو تہٕ کیاہ نہٕ وُچھو۔ کیاہ کرو تہٕ کیاہ نہٕ کرو۔ موہنیوٚ چھُہ یوٚہاے رس کینسہٕ ہیوٚ گژھان۔ جس نےٚ ہتھوٚ سمرٕ بڑو دِیتھ چھُہ تمی شُند شمع زٕہتہٕ گژھان۔

مگر وانہٕ ہنزِ یتھ وانکھ وٕتہٕ منز چھُہ دوستی ہندے حوصلہ یُس زن بعضے کریچھن وٕتن میٖٹھرادان چھُہ۔ مگر اُمن تہٕ چھِہ یار دعہ پہٕ قسمہٕ۔ اکھ گوٚ ناٗژی یار تہٕ بیاکھ جاژی یار۔ اُتھی پتھی چھُہ انسانس اکھ تیٖتھ دُووٚت ہیوان ییٚتھِن فہمیدگی تہٕ گاٹہٕ جارس کم عقلی تہٕ ذہنی پستی پانہٕ وانی ٹکراو چھُہ سپدان۔ ہرگاہ گاٹہٕ جاری برعہٕ نشہ ہیٚوک بٔکمتھ تیٖلہٕ چھِہ کانہٕ ہنز نصیحت کارگر گژھان، وٕیلا چھُہ انسانس تمہٕ اکہ وٕتہٕ پکُن پیوان، یارِ پوٚز

یار جانٛی دُشمن ہیُو چھُہ باسان۔ باسیس نا؟ نہ باسُن کیاہ گو۔

" ہتا وَنِہ مُتا آستہٕ ضنایہ کران۔ گڈٕ ہ پیتس کالس پیٚتیت بہکھ، تیتس
کالس کرہ نہ پیٚنیٚز کام کانٛہہ۔ وانہٕ پیٚنجیٚن ییٚچھٕ رٕہہ رٕہہ تہٕ بجواسس کرِو کرِو کیاہ نیری۔ گرہ
پیٚچھےٚ نارٕج بیمار۔ تیمس انیوتھ دوا۔ شُری چھی آسان دربدر تہٕ ہٹر ہٹر پھیران۔ شامس یَہہ بجہ
گرِہ اژنکُ مطلب کیاہ گو؟ خاندارِ چھےٚ پژاران نیٚندرِ کٹھہ لہ گژھان۔ دوہس
تھکِتھ ژھیٚنتھ کرِہے آرام دژ دہ کھنڈ۔ کتھ بلایہ۔ بجلی فیسا فضولی۔ مول اکہ طرفہ نالان تہٕ موج
بیٚیہ طرفہ۔ خاندارِ بنہِ نہ وَنہِ سنےٚ کینہہ۔ تکیازِ تمہٕ سندس مالس چھےٚ ژیہ سَتَن پیٚیرِ بِنیا منتھ
تھوٚ ہرِ زِ ژیہ چھےٚ تسنزِ کورِ سیٚتی نیٚتھر کورمُت۔ تنخواہ منزٕ گےٚ ہنا مٲکیٚن تہٕ ہنا
ہوٹل والین۔ دُشمن شِشتران ہریوی کانٛہہ پوشہ سہ گوٚی نس تالہ کھارِتھ گرہ کین
یہ ڈُپِرِ زِ تہٕ بچس دیُن دارِتھ۔ یمن ہریمتین مٲنکین آیہ پیٚہ تیا براری تیٚج نہ چھیٚٹ۔
پژھوٚ کتھو سیٚتی نیا چھُنہٕ بایا گرِہ پکان۔ سیٚتیٚن حالاتَن منزٕ نیا ہیٚکہِ زِ چانِن شُرِن ہُند مستقبل
روشن سَپدِتھ۔ تم نسہٕ ہیکن نہٕ کنہِ صحت مندسماجکر رُکنُ بنِتھ۔ پژھو کتھو نیا چھُنہِ سمسار س
منز تار لگان۔ لاپرواہی ہیسہ چھُہ انسانہ سنز زبردست دُشمن تہٕ ہرگاہ کانٛسہ انسانس یمےٚ
عادت رُودی، تیمس نسٲ چھُنہِ پیٚتہِ وَدنہِ روزنہِ تہٕ دینہِ ورائے کینہہ تہٕ لاران۔"

ییمہ کتھ کاژاہ ٹیچھ باسَن! تژ وَنن وول یوٚدوےٚ جانٛی یار چھُہ، مگر تمہٕ سُند
یہ وَنُن چھُہ اکھ حدس تام مُضر باسان زِ دوستس پیٚٹھ چھُہ دُشمنی ہُند شک ہیوان بران
تہٕ کیٚنژن صورژن منز چھہ یہ شک اکہ یقینس ژاےٚ ہیوان رٹنہٕ۔ کم سمجی چھُہ انسانس اپز
تسلاہ زیادہ نادان۔

" فاطر گوٚمُت۔ وانہٕ پیٚنجیٚن پیٚٹھ بیٚہنہٕ سیٚتی گیا ساری دارِان؟ ہوٹلس منز
چلےٚ چینہٕ کُس گنہاہ چھُہ؟ یہ وُچھ فرسودہ کوتاہ چھُہ یہ! دیان تنخواہ گوٚی ہناہ ہوٹلن تہٕ ہنا

ٹاکیس ۔ فلمہ ہنٛز اہمیت چھِنہٕ بچارِس فکری ترٛ ہرٛ ۔ خاندارنہٕ زَن پیو بُرشَر کھنڈ یِہ اُن تہٕ ووٚنی
کُس مُرُن مُشکل چھُہ ۔ شرٛین گژھِہ اَمِو سِندی کنہٕ برٛ پرٛی ترٛاوِنہٕ ۔ بازُرک قرض کسنہٕ چھُہ آسان
رُوپیس تہٕ اُسمی تھُنہٕ ۔ گۄڈہٕ وُچھ کُس منحوسس سیٖتی گیہٕ مےٚ یارٕز ۔ انگریزی قرونہٕ مُوجب
مِہ کلیومنٹ ۔ وُچھبہٕ کمہ بلایہٕ روٚٹمنس ۔ تراوِن گنتر مَن سیٖتی ۔ مُلک جہاں پھیران تھوران ۔ عاشِ
کران ۔ اَمِی سِندی کنہٕ گوٚ ژھِس بہٕ متہٕ زورہٕ سِندی پاٹھی اکی سہی جایہ بہُن ۔ بدبخت !"
گرِہ تہٕ رو تُن از ۔ خبر کتہٕ گوٚ بہتھ ۔ ساڑھ ژور چھ تیار ٹکٹ آسہ لگمٕژ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ ہتا
پکھ جل جل ۔ ڈیر ہا گوٚ ۔ ژہٕ کتیُو اوسکھ پیٹھ کالس ۔ " کتہٕ اوسُس پکان ہا اوسُس
اَدہٕ سہٕ ووٚن دوان دوان ۔ ژہٕ ترہ رہ پیہ کھاوِہ ژہٕ زیادے سیٖتی ۔ خبر ٹکٹ ہا پیٖیہ بلیک
ہیٚنو ۔ ژیتہٕ ہا چھُہ زبردست رش از ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ " ووٚلا پوٚ ژھِپے ہا چھ از ۔ یتیمہ ریتہٕ کھارو پنہ ہنی
ووٚہُن ہنٛز رسٕد ۔ پیتہٕ بوزو کیاہ کرو ۔ ژہٕ ہا چھُک زندہ دل تہٕ چھکھ انسان ہا دنیاہس
منٛز کھالی آسان ۔ مےٚ کیا باچھی تیم منحوس انسان ووٚن اُچھن کھران ۔ دٕ پتکھ ووٚلا فلمہ
ہا گژھو ۔ ہے یائسے چھنہٕ ۔ ووٚلا ہوٹلس منٛز ہا چیمو چاے ۔ ہے ترکیا گے ہوٹلس منٛز چاے
چیٚنی ۔ ہیمَن ووٚن ترٛن رہ پین ہوٹلس منٛز چاے چیمو تیمے کرو کھ گرس خرچ ۔ ۔ ۔ ۔ ۔ یہ چھکنہ
بچارِن اخبری ژہٕ ہوٹلس منٛز کُس لُطف چھُ چاے چیٚنس یِوان ۔ ٹیبلس پیٹھ بہتھ اُتی کاغزس
سیٖتی کتھا باتھا ۔ چایہ کیاہ کیاہ ، سگریٹ داماہ داماہ ۔ اُتی چھ شخصیت ابران ہش ۔ کینہہ کری
رتنہٕ مِہ نداک ۔ حرف چھی نصیحت بیان کرنہٕ ۔ اوٚ اوٚ اخلاطون تہٕ چھُ کتھا ۔ ژہٕ سیٖتو کیا ژہٕ
گے مےٚ یارٕز ۔ ژہٕ کیا باچھک زندگی ہُند پوٚرہ پوٚرہ لُطف تلان ۔ انسان چھُ دُنیاہس منٛز اکہ پھرہ
یِوان تہٕ تیمہ پھرٕ تہٕ ییلہ سہٕ دل وسیع تھوٚوبہٕ مطلب کیا چھ تمُو سندس سمارس ین ۔ ییمہ کتھ
کیا باچھک ژہٕ جان یاٹھی زانان تہٕ سمجھان ۔"
اتھ چھُ عقلہ تہٕ کم سمجھی ہُند سہٕ ٹکراو بنمہ یِوان یُس عقلہ پتھ ترٛاوِتھ انسانس

تمہٕ غلط طرفہٕ موڑ چھُہ ژٕرٕ ناوان۔ یِیتھین اُمس سطحی خاہشہٕ پزرہٕ تہٕ زندگی ہنزٕ حقیقژنہٕ اُپزہٕ چھِ ژرینٹھ پِوان۔ یِیتھین اُمس دوست دُشمن چھُہ باسان۔ انسان چھُہ تیم نفسٕ قص بیتین منز تلاش کرِتھ پانس سعتھ کران، یِیم تمس پانس چھِ آسان۔ فلأنی چھُنا شرابہٕ چیوان۔ فلأنی چھُنا زار گندان۔ فلأنی چھُنا ٹاکی گژھان۔ سُہ کوہ سہٕ فلم چھُہ ژاوان۔ چونکہ عقلہٕ ہیچھ یُس سیاہ پردہٕ پیومُت چھُہ آسان سُہ چھُنہ انسانس بیتین تمن وصفن سٕنہٕ نکُ موقہ دِوان، یِیمو نِشس سُہ پانہٕ دُور چھُہ آسان۔ حالانکہ پوٚز یار کوتاہ تہٕ تمس فکرہٕ تأری تن۔ کوتاہ تہٕ تمس اکھ رٕژ ژرٕ تہٕ کن یأو کر یأوی ہیچھ نأوی تن۔ تمی سُند سورُے ہیچھ ناوُن تہٕ فکرہٕ تارُن چھُہ یلس پیٚنی ژاوُن گژھان۔ بلکہ ییتھ کنہٕ وٕنہٕ آو دوستی دُشمنُت باسان۔ یُہ کھتہٕ اگر ٹینٹھ چھِ مگر حرف تمی سندہٕ خاطرہٕ یُس پرہٕ پرہٕ تہٕ اگوٕ رُے رُدو۔ یِیمہٕ وِہی خیالو دِیُت دُنیاہکِین بڈین بڈین فلسفن زنتم۔ یِیمہٕ وِہی خیالو وو بدأوی سمسارکی بڈی بڈی گاٹلی مُفکرٕ تہٕ زیرک۔ دوسن کمیا زہٕ باسیو دُشمن تہٕ دُشمن کیتھ یأٹھی چھُہ دوسن لبنہٕ پِوان۔ اَمیک سورُے دار و مدار چھِ انسانہٕ سٕنزٕ ذہنی پُستی تہٕ بلندی پیٹھ۔ پوٚز یار ہاوِ ضرور یُزدٕ لھتہٕ مگر پوٚز پرٕ نِش تام چھُہ عالم دِزان۔ دُہلی گاشش منز اگر کانہہ وُلتھ وِنہٕ تھو۔ تس کیا زہٕ لگن رأژ گنٹہ منز دکرٕ تہٕ دول شبنمہٕ تہٕ سِترٕ لیٚ ژہین ہنزٕ ہمتہٕ چھِ تیلہٕ لبنہٕ یِوان ییلہ مندنی تاپھ انسانس پھُسرہٕ چھُہ دالان۔ ڈلکُ اَبہٕ وُن ڈیکہٕ چھُہ انسانس ناوِہ وألِتھ پھینہٕ کھران۔ یہٕ چھُنہ سُہ یادی کھوان زہٕ یہٕ ماہیکہٕ جمہٕ تہٕ ژکرلھ، ڈیکہٕ تہٕ جایرٕ لھتہٕ آوہٕ لیٚنز بُزی تہٕ کرٕ لھ! مگر یہٕ سورُے چھُہ ییتھ کنہٕ برونٹھہ وٕنہٕ آو انسانہٕ سٕندِس گاٹہٕ جارس تہٕ بوزہٕ شوٚرٕ یُس پیٹھ۔ اگرچہ اَمہٕ خاطرہٕ بییہ تہٕ کیتہٕ وجوہات ہیکن اُسِتھ، مگر انسانہٕ سٕندِس ذأتی سوچس چھُہ اَتھ منز بارہٕ دخل۔

نور محمد بٹ

# کأشرِ صوفیانہ موسیقی چھِنہٕ کلاسِکل

وَننہٕ چھُہ یِوان کأشرِ صوفیانہٕ موسیقی چھِنہٕ کلاسِکل۔ یہِ کیا زِ چھُہ کلاسیکل اَتھ مُتعلق چھُہ یُوتے یوت وَننہٕ یِوان زِ امِکو پرمانہٕ چھِہ مقرر کرنہٕ آمتی۔ مگر میون خیال چھُہ زِ یتھہ اندازس منز اُسہ یہِ وُنی کیس بوزان چھِہ تمہِ سیتی چھِنہ یہِ کلاسیکل موسیقی بنان۔

یہِ سمجھنہٕ کرنہٕ برونٹھہ زِ صوفیانہٕ موسیقی چھا کلاسیکل اَسہِ پزِ گوڈہ عام موسیقی یا لُوکہِ موسیقی تہٕ صوفیانہٕ موسیقی منز فرق تُھن کڈُن۔ یمن دون شونی موسیقین ہُنز گیونچ یا واپچہِ تلہِ تراو چھِہ کینژن چیزن منز ہیُون ہیُون۔ لُوکہِ موسیقی منز چھِہ بأتکہِ استھائی ہندر دون شعرے مصرعہ لگ بھگ ہوہنے سٕرن پیٹھ واینہٕ یِوان۔ یانے اگر اَسی شمس فقیرُن یہِ شار استھائی منز گیوو۔ امِکو دون شعرے مصرعن لکھنہٕ وسنہٕ وزِ ہوہنے سٕرن منز وانہ

وَنے ہا بو سِیرِ اسرار ییو آسکھ ژُہ بالی

میہ وُچھ ہرشایہ سُے یار چھِنو کانہہ موہے تہٕ خالی

اَتھ برعکس اگر صوفیانہٕ موسیقی منز یہِ ہے شار استھائی منز گیوو۔ امِکو دون شعرے مصرعن لُوکہِ موسیقی ہندر یاٹھ کھسنہٕ تہٕ وسنہٕ وزِ ہوہتے سٕرن منز گیونہٕ مگر استھائی گیونہٕ پتے ییہِ دوٚیم مصرعہ نٔوِس اندازس منز گیونہٕ سہ

| | |
|---|---|
| تلہ وُے نار چھُم للہٕ وُن ہا مُورے<br>اَسہِ گژھ ژُورے چھون دیدار | سا سا سا رے ما ما ما ما ما ما<br>گا ما پا پا پا پا ما ما ما پا<br>دھا دھا پا پا ما پا ما گا رے رے |

استھائی گیونہٕ پتہ ییہِ دوٚیم مصرعہ یتہِ پٹھہ کنی گیونہٕ

| | |
|---|---|
| اَسہِ گژھ ژُورے، اَسہِ ہا گژھ ژُورے<br>اَسہِ گژھ ژُورے چھون دیدار | پا پا پا دھا سا سا سا سا سا رے سا نی<br>دھا دھا دھا دھا پا پا پا دھا سا سا پا پا<br>ما پا ما گا رے سے |

لُوکہٕ موسیقی منٛز تہٕ چھُہ دوٚیِم مصرعہ کنٛہ وقتہٕ بییہِ نےٚ سعہ رَن پیٹھ گیوٚنہٕ یِوان مگر یِم

سعہ ر چھہٕ دراصل انترکۍ سعہ ر آسان اَتھ برعکس چھِہ صوفیانہ موسیقی منٛز انترکۍ سعہ ر بلکل الگ

آسان (میون مطلب چھُنہٕ زہٕ یِم سعہ ر استھائی منٛز لگان چھہِ تِمو منٛزہٕ کیا چھُنہٕ کانٛہہ سعہ انتر

منٛز لگان، میون مطلب چھُہ زِ یِمن سعہ رَن پیٹھ انتر گیوٚنہٕ یِوان چھُہ، تِم چھہِ کُنہٕ وِزہٕ استھائن

ہِندِ دوٚیمہِ مصر    بازگوئی ہِندہٕ سعہ زہٕ بدل تُھوٚوٕمتۍ سعہ ر دِوان - اَمہِ علاوہٕ چھہِ صوفیانہ موسیقی

منٛز زہٕ زور بأتھ اُکۍ سۍ راگہٕ منٛز مختلف تالن پیٹھ گیوٚوٕ یِوان مثلن دُیکہ تال، سیہٕ تال، رواٚئی

تال چیپ انداز تال بیترِ ۔

اَتھ حدس تام چھہ لُوکہٕ موسیقی تہٕ صُوفیانہٕ موسیقی منٛز اَسہ فرق باسان اَمہِ علاوہٕ

یہٕ کینٛہہ ہا اَتھ موسیقی منٛز چھُہ تحقد تہٕ لُوکہٕ مُوسیقی چھُنہٕ کانٛہہ فرق ۔ مگر یُوسٕ تہٕ یوت وَننہٕ عیتی

چھُنہٕ کُنہٕ موسیقی کلاسیکل موسیقی وَننہٕ یِوان ۔

اَتھ کلاسیکل موسیقی ناو دِتھ چھُہ سأنِس ذہنس منٛز قعہ درتی یہٕ سوال    پأدہٕ

سپدان زہٕ یہٕ موسیقی چھِہ موسیقی ہُند سیٹھا بوٚڈ تہٕ بہترین نمونہٕ ییتھ منٛز آدازہٕ یا سازہٕ

کہٕ زیٚرہ یہٕ حُنکٕ بہترین رنگ تہٕ فنکٕ اَنتہائی کمال نوٚن چھُہ نیران ۔ مگر حقیقت چھہِ اَتھ

برعکس ۔ یِمہِ وِزہٕ اَسہِ یہٕ موسیقی بوزان چھہِ اَسہٕ نِش چھُنہٕ کینٛہہ دِ گنڈ و علادہٕ امکہٕ کلاسیکل

آہنگٕ کانٛہہ راز نظرہٕ گژھان ۔ گیون وول غلام محمد قالین باف اَسہ تن، رمضان جوٚیا

کمال بٹ اَسہ تن ۔ اَتھ برعکس چھہِ اَسہ ہندوستانی کلاسیکل موسیقی تہٕ نظرہٕ تل ۔ یہٕ موسیقی

گیون وول فنکار چھُہ کانٛہہ راگ گیوٚنہٕ وقتہٕ پننہٕ فنکۍ مختلف پہلو پیش کران ۔ یِمہِ سیتۍ سُہ

اَمہِ راگہٕ ہِندۍ سأری رنگ ہاوان چھُہ ۔ پننہٕ فنکٕ کمال تہٕ اظہارکۍ واریاہ طریقہٕ پیش کرتھ چھُہ

سُہ ہندوستانی کلاسیکل موسیقی ہُند بھرپُور تصور دِوان ۔ یِتھین فنکارَن ہِندہٕ گیونچ تکہٕ

تراوِ تہٕ خاص سعہ رَن پیٹھ پھِرِ پھِرِ رِٹن، یِمن منٛز نوٚو نوٚو رنگ پأدہٕ کرٕنۍ چھُہ ہاوان زہٕ یِم

چھہ اَتھ فنس منز باکمال تہِ یُس نن پم وۆناوان چھہ سہ چھُ تھوٚدتہ تھدیہ پایک. کاشہ خاص
راگ کاتُنہِ وۆستادس فنس بوٚدتہ چھُ اکھ عجیب رنگ پادہ گژھان تہ بوزن والیس
اکھ لطیف مزہ یِوان.

ہندوستانی کلاسیکل موسیقی گیون وول وۆستاد چھُ کانٛہہ راگ گیونہ برونٛہہ
امہ راگکہ ہند الاپ گیوان یتھ منز سہ امہ راگکہ ہنز اصل صوٗرت نۆن کڈان. وۆنہ چھُ یِوان ونہ
الاپ گیونس منز بے چھُ وۆستاد پننہِ وۆستادی ہند کمال ہاوان. الاپ چھُ سہ وارِیاہس
کالس گیوان. اَتھ مقابلہ چھُ صوٗفیانہ کلام گیون وول فنکار گیونہ برونٛہہ تمہ مقامچ شکل
یانے الاپ منٹس کھنڈس وایان. یتھ منز سہ خالی کینہہ سۆر وایان چھُ. یہ شکل وانہ ورزہ
چھُنہ سہ پننہِ فنک کانٛہہ مظاہرہ کران. ہندوستانی کلاسیکل موسیقی گیون وول وۆستاد
چھُ کانٛہہ راگ گیوان گیوان وارِیاہ تانہ گیوان ییمہ سۭتۍ بوزن والیس بیہِٹھ اکھ عجیب کیفیت
طاری چھہ سپدان. یہ چھُ اَتھ منز پننہِ فنک کمال ہاوان. مثلن کانٛہہ خیال گیونہ وِزہ چھُ سہ
صرف کینژن لفظن نۆن ناوان، باقی چھُ حرف پننہِ آوازہ سۭتۍ یا سورگیونہ سۭتۍ امہ راگکہ ہند
شدید تاثر پادہ کران. وۆچھوٚے تہ سہ چھُنہ یمن لفظن ہند محتاج آسان یتھ یارہ سہ چھُ اسنہ

تس کینہہ شار تہ گیوز. شار گیونہ سۭتۍ گژھہ موسیقی شارچ تابع. مگر ہندوستانی کلاسیکل
موسیقی منز چھہ شبد یانے شار موسیقی تابع. امی چھُ سہ خیال گیون وِزہ تمن یا نژن
شن شبدن تہِ اُتی تراوان تہ نوین طرفاتن سال کران. سہ چھُ آکارس منز گیونہ سۭتۍ
بوزن والیس منز اکھ سہ موڈ (Mood) پادہ کران یُس امہ راگکہ ہند مقصد آسان
چھُ. یتھ کنۍ چھہ مختلف وۆستاد کانٛہہ خیال وِلمبت یا دُرت طریقس بیہِٹھ گیوتھ پننہِ
پننہِ فنک کمال ہاوان تہ پننۍ انفرادیت نۆن کڈان. امہ سۭتۍ چھُ بوزن والیس گیون
والۍ سندہِ فنک کمال تہ فکرہ تران تہ امی سندہِ آوازہ ہند حد تہ محسوس گژھان. اَتھ

* موسیقی بوذناوان نزہ شار، اگر سہ لفظن ہند محتاج روزہِ ہے تیلہِ ییہِن

برعکس تیلہ اُسہ کانٛہہ صوفیانہ موسیقی گیوٚن واجہِ سِنٛد گیوٚن بوزان چھ اَسہ چھنٛہ سہ
لطف تہٕ مزہ یوان یُس کلاسیکل موسیقی بوٗزِتھ یوان چھُ ۔ کیٛازِ چھ اَسہ [illegible] یوٚکہ
موسیقی ہندیِن کینژن باتن ہنٛز دھن اَمہ کھوتہٕ زیادہ بہتر باسان ۔ لطف چھُ صوفیانہ موسیقی
سیتۍ تمی وقتہ یوان ییلہ بوزن وول کانٛہہ باتھ بوزان چھُ ۔ اگر بوزن وول فارسی زانان
آسہ تیلہ چھُ تس زیادے مزہ یوان ہیکیازِ اَتھ منز چھ باتھ زیادہ تر فارسی باتھی پرنہٕ
یوان ۔ اگر باتھ بوزنہٕ سیتۍ اَمس لطف یوان چھُ تیلہ چھ یہِ کتھ صاف گژھان زِ موسیقی
کھوتہٕ چھ شارہ پُرکیف ۔ یانے اگر اَمہ موسیقی منز شارٕ نہٕ آسہ [illegible] موسیقی ہند مقام کھسنہٕ تیوٚت
تھوٚد ییتہٕ تس یہ پننہٕ کلاسیکل آہنگ اظہار کرِ ۔ میٚہ چھُ اَکس صوفیانہ موسیقی گیوٚنچہ مجلسہ
منز شرکت کرنُک موقعہ میوٚلمُت ۔ یہ مجلس اَس خواجہ عبدالرحیم روٗنگہ سِنٛدِ گرہ تہٕ گیوٚن وول
فنکار اوس شیخ عبدالعزیز ۔ میٚہ برونٛہہ کنہِ اوس دۍ یا پانٛژ تاجی شخصہ ۔ فارسی باتھ اَسو
نہٕ شاید اَمس کیٛتہ تہٕ فکرِ تران ۔ اَمۍ کوٚر شیخ عبدالعزیزس گرہ گرہ اصرار زِ کاشُر باتھ ہاتھ تہٕ گژھ
میٚہ کوٚر اندازہ زِ موسیقی کھوتہٕ چھُ باتھن زیادہ پُر اثر ۔ ییٚتھے کنۍ چھنہٕ صوفیانہ موسیقی گیوٚن
وول فنکار سعہٕ زن منز یانے سرگس منز تہٕ گیوان تہٕ نہٕ چھُ سہ آکارہ منزٕ گیوان ۔ سہ چھُ
اَکس عام گیوٚن واجہِ سِنٛدۍ پاٹھۍ گیوان ۔ ییٚتھ منز سہ پننہٕ ہیٚٹیک کانٛہہ فن ہاوان چھُ ۔ یوٗہے
حال چھُ اَمۍ سِنٛدِ سنطوٗر یا باقی ساز وایِنک تہٕ ۔ اَکس چھکر وایِن والِس یا عام رباب یا سارن
وایِن والِس تہٕ اَمس منز چھنہٕ خاص کانٛہہ فرقہٕ لبنہٕ یوان ۔ ییٚتھہٕ کنۍ چھکرٕ وایِن واجہِ سازندہ
صرف تیوٚتے یوت وایِن زانان چھُ یوتاہ تمن چھکرِ باتہٕ خاطرٕ ضروری چھُ ۔ تتھے کنۍ یہ چھُ
صوفیانہ موسیقی گیوٚن وول سازندہ تہٕ صوفیانہ موسیقی یوتُے وایِن زانان ۔ اَمِہ نیبر ہیکہ سہ
خالے ییٚتہ کانٛہہ باتھ وایِتھ ۔ ییٚتھے کنۍ اگر سہ کانٛہہ صوفیانہ گت سنطوٗرس پیٚٹھ وایہ سہ نیرہ خالے
تمو سعہٕ زو نیبرٕ یم اَمہ گتہ باپت گنڈنہٕ آمتۍ چھ ۔ حد کمال گو اگر سہ یہ گت دھن منٛژ وایہ

اگر تس جنجوٗ ٹی یا بہار چ گت وایہ نہ ذٕ پرٕ نہ وایہ رتھمے کنہٕ یم گت یتھ کنہ اکھ شہ ژانٹھ یس

صرف وٗری یس تامتھے سنتوٗر وایہ نیچ تربیت آسہ دِنہٕ آمژٕ، وٲیتھ ہیکہ، ہمس ووستادس

تہٕ ییمس ژانٹھس منز باسہ آسہ صرف یوٗہے دٕہ کنوٗہ فرق۔ شاید سہ فرق تہٕ امی کنہ زہ دوستادٕ

سند قلم آسہ ہنا تیز یکان تہٕ شاگردٕ سند ہنا سوٗت۔ امہ علاوہ باسہ نہٕ بیٚیہ کانٛہہ فرق

نتہٕ اگر یئے شاگردن پنن اکھ برونٹھے تیز یکہ ناونس پیٹھ محنت آسہ کرمژ، تیلہٕ تراوہ سہ

ووستادس تہٕ پتھ۔ ووٕ نی اگر اسہ کانٛسہ ہندوستانی کلاسیکل موسیقی واین والِس فنکارس

نِشہ کنہ راگہٕ ہنز گت بوزوٗ شہ وایہ سہ گت باکمال طریقس پیٹھ تہٕ اتھ سیتھ اگر تس پنن شاگرد

تہٕ وایہ یس ونہٕ زیہ ترٛہی وٗری یہ شہ ساز وایان کانٛہہ تس آسن شہ ہیکہ نہٕ ووستادس

درجس واتتھ۔ امہ علاوہ اگر اسہ کانٛسہ کلاسیکل موسیقی زانن والِس فنکارس کانٛہہ فلمی باتھ

تام وایتھ فرمائش کرو یا اگر اکہ طرفہ ییمہ باتھ کانٛہہ ہتہ سیتھ گیوٚس شہ وایہ برابر رتھمے

باتھ ییٚنہ نِس سازس پیٹھ تہٕ۔ یہ چھہٕ دراصل خصوصیت کلاسیکل ہٕنچہ نیچ۔ یانے گوڈٕ تھوٚد

فن اتھس منز انہٕ نیچ۔ اگر ساٛنی کاشرِ صوفیانہٕ موسیقی واین والی فنکار کلاسیکل وایان آسہ

ہن تیلہٕ آسہ ہے تمن تہٕ ہلکہٕ چیز وایتھ مہارت۔ یانے تمن ییہ ہے نہٕ ہلکہٕ باتھ وایتس منز

کانٛہہ دِقت۔ شاید چھہٕ یوٗہے وجہ زہ ییٚلہٕ پتہٕ مین دوہن مشہور سنتوٗر نواز شو کمار سرینگر

آو تہٕ ریڈیو کشیرِ پیٹھ وایِن جنجوٗ ٹی تہٕ بہارٕٹی سنتورس پیٹھ، کاشرِن سنتور واین والین ووستادن

ٲسہ ییٚنہٕ فنی خامی ہند احساس۔ حالانکہ یمن چھہٕ ساٛنہ وٗمرِ سنتوٗر وایان وانسہ گامژ گینگ

حال تہٕ چھہٕ یوٗہے۔ مثلن مقام راستک اکھ باتھ چھہٕ یتھہ کنہٕ چیپ انداز تالہٕ منز گیونہٕ یوان

استھائی (۱) ساسا سا سا رے رے رے گا ما پا دھا دھا پا پا ما گا رے رے

پا پا ما گا گا رے (دوہہ لٹہٕ)

(۲) سا نی سا نی سا رے نی رے نی سا نی پا دھا سا نی دھا پا پا

دھا پا ما گا          ( ورہ پر لیٹ )

استھائی ھند گو ڏنيڪ حصہ يا نے نمبر(١) ٻيھر ورہ پر لیٹ وائیندي پتر ڏھين

ڊنيکريم سعور :- سا سا سا سا رے رے سا

انترو :- سا سا سا سا رے رے رے گا رے گا رے رے رے رے رے

گا ما ما گا رے سا سا سا سا سا          ( ورہ پر لیٹ )

اھو پتر ٻيهر استھائي ھند وڌيڪ حصہ ورہ پر لیٹ وائیندي استھائي ھند گو ڏنيڪ

حصہ اکيلو ٻيھر وائين تہ اھو پتو

سا سا سا سا رے رے رے گا ما پا پا پا پا وائين

پر وائيندي استھائي ھند گو ڏنيڪ حصہ ٻيهر وائين تہ پيو ڪئو ڏھين ڏين.

سا سا سا سا سا ـــــ سا ـــــ

اگرچہ انداز تالہ ۾ پھرين سعورن پيٺھ اڪس چڪر وائين واٺس ٻھ نہ ڪنيڪ

ٻاھر وائين ورن ڪہ تہ ھيڪہ موسولي مشق ڪرڻ ٻيتہ اٿھ ٻاھس اٿو شڪلہ ۾ گيو ٿو.

استھائي: ڪر ياد چاڻي لاجيم اڇھن ٻيھر ڪر اڇھن لاگيو

ٻيھر ڪر اڇھن لاگيو اُدہ ڪر اڇھن لاگيو

انترو: ھر چاڻي ڏر زن گوشن ڇچم ھيتھ راگ ڪيتو پڙاريو

ديدارہ چاھنے سيري نہ اڇھن ٻيھر ڪر اڇھن لاگيو

پيم ٻاقي سازندر يا طبلہ وائين واڪي اُھس صوفيانہ ڪلام گيھن واٺس سنگت ڪيان

پيھ تھنجر حالت تہ چيھ پڙھي آسان ٻشلن ڪيس شخص سيتارہ ھيتھ چيھ آسان. شتہ چيھ ھيڪان تيو

واٺيھ يوتاہ وسناد وايان چيھ. ميہ چيھ اندازہ زہ اگر اسي يتقس سيتارہ وائين واٺس ٻاقي

ڄماڻ ڊيبرڊو رتھ پھئي مقام وائيندو فرمائيش ڪرو شايد ھيڪہ نہ شہ تم صاف تہ واضح واٺيھ. حالانڪہ

یتھپٲٹھ شخصس چھُ وٲنۍ ستارس وۄہِمَت آسان۔ یُوہَے حال چھُ طبلہٕ وٲلۍ سُند تہٕ سُتہٕ چھُ طبلہٕ اُکھ ٹھیچ بیہٕتھ وایان۔ یُس اَمیک فن چھُ سُہ چھُ تمہٕ نِشہٕ بے خبر آسان۔ تِس چھُ اَمُچ موٗمُولی پٲرِ کزان آسان۔

غلام احمد صوفی چھُ اکھ جوان فنکار۔ گٔنہِ ڈٔہہ گٔنہِ ڈٔہہ ؤرِس یِہ روایتی اندازس منٛز چھکر گیوان تہٕ پتہٕ آو یِہ کٲشرِ موسیقی ہِندِس نوٚوِ پیمانہٕ ہیتھ۔ یمہ سیتۍ کٲشرِ موسیقی منٛز کینٛہہ نوٚوۍ طرح پٲدٕ گیہٕ۔ یِمو نوٚو طرزو سیتۍ آیہٕ کٲشرِ موسیقی منٛز مردانہ زندگی تہٕ سیتۍ وۄتہٕ ٹلیشو جوشک تہٕ جذبک احساس تہٕ۔ یِمو طرزو کٔر لگ بھگ ساری کٲشرِ گیوٕن وٲلۍ فنکار متاثر تہٕ کٔرکھ یِم طرزن کٔنہِ جُکتہٕ وراٚئے قبول۔ شاید امہٕ وجہ کِنہٕ زٕ دٲریایہ کٲمی لبرٕ تمو کٲشرِ گیونکۍ نوٚوۍ طرز۔ یِمو نوٚو طرزو سیتۍ چھُ مجموعی طور تہٕ اکھ نوٚو رنگ پیش سپدان۔ قدرتی چھُ یِہ سوال وۄتھان زٕ صوفی صابنۍ یِم نوٚوۍ طرز تہٕ سپدن کٲشرِ کلاسیکل موسیقی منٛز شُمار۔ اگر اَسۍ کٲشرس موسیقارس یِہ سوال کرو سُہ کرِ انکار۔ شاید یمہٕ وجہ کِنہٕ زٕ یِم چھِ کانٛہہ غزل یا وَژُن بیترِ گیونکۍ نوٚوۍ انداز یِمن منٛز موٗمُولی تبدیلہٕ ترٲوِ ہنٛز فرق کرنہٕ چھُ آمُت۔ سیتۍ چھُ یِہ سوال تہٕ وۄتھان زٕ ییلہٕ اَسۍ صوفی صابنۍ یِمن نوٚین طرزن کلاسیکل طرز ہیکو نہٕ ؤنِتھ۔ تہٕ اَمۍ ہندِس گیونس کلاسیکل گیوٕن ونوٚ نہٕ تیلہٕ کیتھ کٔنہِ ونوٚ صوفیانہ موسیقی کٲشر کلاسیکل موسیقی کلاسیکل موسیقی ہُند ناو ونِتھ چھُ انسانس یِہ اندازٕ گژھان زٕ یِہ موسیقی گژھہِ ریٚتھ پیچیدٕ تہٕ وُلِتھ آسنۍ، یُمہ کِنہٕ وٲرۍ وادَن کُنُن ہُند ریاض پَنُنہِ کرُن۔ مشہور روسی ادیب ٹالسٹائس اُس حرف نوکہٕ موسیقی فِکرِ تران ییلہٕ سُہ Symphony یا Sonata بوزان اوس سُہ اوس دُپان زٕ یِہ دُنا سیر گژھ چَل چَل ختم گژھہِ۔ دراصل اَس نہٕ تس یِہ لَطُر موسیقی فِکرِ تران مَتٕ تُھکہٕ اَسۍ ریڈیوٚ مَس بیہٕتھ صوفیانہ کلام بوزان چھِ اَسہٕ چھُنہٕ فِکرِ تران تہٕ اَسۍ چھِ یکدم ریڈیوٚ بند کران۔ وجہ چھُ یِہ زٕ فنکار چھُ اَمِکۍ باگھ

یکہ وٹہ لوہ تہ لوہ تہ گیوان تہ اُسہ چھِنہٕ صاف پأٹھی بوزتھ ہیکان ۔ اَمی چھِہ اُسہ اَتھ مُشکل
وَنان ۔ اَتھ برعکس اگر توٚہۍ محمد عبداللہ تبت بقالَن گیوَن بوزِو، سہ تہِ توٚہہ صاف فِکرِ ۔ تِکیازِ
تِم چھِہ تھفرِ تہ صاف آوازِ منز بأتھ وَنان ۔ اَمہِ موسیقی چھِنہٕ کأشرِ لُکہ موسیقی ہند کانہہ تہ
رنگ روٚٹمت ۔ کینہہ نے تہ دوٚگَن گیوَن یا دوٚگن وایہ نۍ وِیپراوِ ہے یُس خالص کأشُر
طریقہ چھُہ (شاید چھُہنہٕ دوٚگن وایِنچ مثال بیٚیہِ کُنہِ ہُبرمہِ موسیقی منز ڈرینٹھ یوان) محض
مقام گنڈنہٕ تہ اکیسے مُقامس منز مختلف تالَن پیٹھ رٕلہ ملہِ بأتھ گیونہٕ سیتۍ وَنوٚ نہٕ اَتھ
کلاسیکل ۔ کلاسیکل گو شعوہ ملین الفظن منز کنہِ چیزُک اعلاترین نمونہ یتھ آمجھنس یا نقل
بیترِ کرنس منز وارِیاہن وریِن ہندِ ریاضچ ضرورت چھِہ آسان ۔ اگر صوفیانہ موسیقی منز کلاسیکت
آسہ ہے تیلہِ پیٚیہِ ہے بوزن والِس وری یہ وادَن یہ پانس فکرِ تارنہٕ خاطرِ صوفیانہ موسیقی
ہنزن محفلن منز یُن گژھن ۔ تِکیازِ ہلکہ موسیقی یأژ چھِہ انسانس یک دم فِکرِ تران، یُمہ سیتۍ تہ
سہ لُطف اندوز سپدان چھُہ ۔ غالب سنز شاعری فِکرِ ترنہٕ تہ تمہ سیتۍ لُطف اندوز گژھنہٕ
خاطرِ چھِہ اَسہ وارِیاہ کال لگان تہ اَتھ برعکس چھِہ اکس نو آموز شاعرِ سنز شاعری
ڈُلی ڈُلی فِکرِ تران ۔ حقیقت چھِہ یہ زِ یُتھے انسان صوفیانہٕ موسیقی ہنزِ محفلِ منز گوڈنی
شامل سپدان چھُہ تُس چھُہ تِتھے کنۍ وجد تہ سرور یوان یِتھ کنۍ چھکہ بوزنہٕ سیتۍ یوان چھُہ ۔ فرق
اگر چھِہ سہ چھُہ شارِ بوزن یہ ہنز ۔ صوفیانہٕ موسیقی زانَن وول فن کار چھُہ بیک وقت گیوان
تہ تہ ساز تہٕ وایان ۔ یِتھ کنۍ چھُہ سہ دوٚ شوٚبِ رنگن منز تھوٚد میچھر پأدِ کرنس منز ناکام روزان
یوٚدوے سہ گیوأنی یوت یا سنطور یا ستارے یوت وایان آسہے تیلہِ اوس ممکن زِ
تسنزِ آوازِ ہند میچھر ہُرہے تہ تسندِ ساز وأینک رنگ تہ بدلہے مگر یِیلہِ سہ دوٚ شوٚبی
تھیچھ دِوان چھُہ سہ نہٕ چھُہ گیونس منز سے تھوٚد لُطف پأدِ ہیکان کرِتھ تہ نہٕ ساز
وأینس منز سے ۔ اگر سہ ساز وأینس یا گیونس منز فن تہ زأوِج جار پأدِ کرِنک دِلدار

آسہ ہے نیٚلہِ آسہ ہے شہ دوٚیوٚ منٛزٕ اکھ پہلو تقدٕس مقامس واتناوان ۔ اتھ مُتلق پرٛژھ مےٚ کٲشرِ ہندِس پرٛانٕس تہٕ موشوٗر موسیقار شری جگن ناتھ شوپورس تہٕ یہ سوال زِ صوفیانہٕ موسیقی چھا کلاسیکل کینٛہہ نہ ۔ تمو وۄن زِ یہ چھُ اکہِ وقتہ کلاسیکل آسمٕژ، مگر یتھ شکلہِ منٛز ازکل امکو فنکار اتھ دایان یا گیوان چھہ سہ شکل چھےٚنہٕ کلاسیکل ۔ تمو وۄن زِ مےٚ چھےٚ پرٛانین کاشرِ موسیقی زانن والین نشس بوٗزمُت زِ بٔڈ یارگی زہ نفر امر چند غریب تہٕ واسدیو غریب آسہِ صوفیانہ موسیقی گیوان وِزِ باضابطہ الاپ، تانہٕ تہٕ سرگم گیوان ۔ شوپوری صابُن خیال چھُ زِ تمو چھےٚنہٕ زانہہ امکو وۄستاد اکی سہ رکی شُدھ تہٕ کومل سہ روایان وُچھمتی ۔ تیتھے کنٛز وۄن تمو زِ مےٚ وُچھ نہٕ یہندِس کُنہ مُقامس منٛز ماتیور گیوان یوان ۔ بیٚیتی پرٛژھ مےٚ شمبھو ناتھ سوپورس تہٕ یہے سوال ۔ تمو کوٚر صوفیانہ موسیقی ہندِس کلاسیکل آسنس اقرار، تکیازِ اتھ منٛز چھےٚ ہندوستٲنی کلاسیکل موسیقی ہندکو پاٹھو ولمبت، دُرت تہٕ مدھیہ لیہ منٛز باتھ گیوان یوان نہٕ بیٚیہ چھہ ترانہٕ گیوان یوان ۔ امہ علاوہ ہیچ نہٕ تمو اکھ بیٚیہ کانہہ وضاحت کرٕتھ ۔

محمد امین رفیقی

# کأشری تأریخی مادٕہ

ایرانچ فارسی شاعر اُسی یِتھ کالہٕ کأنٛسہٕ پادشہ سندٕ مرنُک، تختس بہنُک، کُنہِ شاہی تعمیرُک یا اہم تأریخی واقعُک ورٕی کینژن لفظن منٛز بیان کران۔ یِم لفظ اُسی یا تہٕ پورٕ مصرٕ آسان، نتہٕ مصرکی حصہ آسان۔ یِمن لفظن اُسی ابجد حسابہٕ شُمار کران۔ یوسہ گرٛنٛد اَتھ پوان اُس سُے اوس تمہٕ واقعُک تأریخی مادٕہ آسان۔ انگریزی پأٹھۍ چھہ اَتھ تأریخی مادس CHRANO - GRAM وَنان۔

ابجد چھہ عربی زبأنی منٛدین تِمن ہیچہ اَچھرن وَنان، یِم اَکس خاص ترتیبس اندر تھاونہٕ چھہ آمٕتۍ۔ تہٕ تِمہٕ پتہ چھہ پرٛتھ اَچھرس گرٛنٛز حسابہٕ بیٛن بیٛن معمول مقرر کرنہٕ آمٕت ییٚتھ کُنہ۔

| ابجد | ہوز | حطی | کلمن | سعفص |
|---|---|---|---|---|
| ۱ ۲ ۳ ۴ | ۵ ۶ ۷ | ۸ ۹ ۱۰ | ۲۰ ۳۰ ۴۰ ۵۰ | ۶۰ ۷۰ ۸۰ ۹۰ |

| قرشت | ثخذ | ضظغ |
|---|---|---|
| ۱۰۰ ۲۰۰ ۳۰۰ ۴۰۰ | ۵۰۰ ۶۰۰ ۷۰۰ | ۸۰۰ ۹۰۰ ۱۰۰۰ |

فارسی ہیٚجلس منٛز چھہ یِمو عربی اَچھرو ورأے بییہٕ تہٕ کینٛہہ اَچھر۔ مثلن ژ، چ، پ، گ۔ یِہنٛد گرٛنٛز شُمار تہٕ چھُ ز، ج، ب، ک عربی اَچھرو مطأبق سپدان۔ ییٚہے ورٕ کشیرِ منٛز

سرکاری زبان فارسی بنے پہ، پیٹھ کیو فارسی شاعر و تہ وُنی فارسی زبانی منز تارِیخی مادٕہ وُنی کین تہ چھ کینہہ پرانہ قبرٕ یا سلطانتِ ہندی کینہہ پرانی تامیر اَسہ نظرِ گژھان یمن پیٹھ اَمہِ قسمُک تارِیخی مادٕہ لیکھتھ چھ۔ مثلن بڈشاہن ییلہ زاینہ لانکھ تامیر کَر، تمیُک تارِیخی مادٕہ آو اَکِس خوش شکل کٔنہ ہِنہ کنہِ پیٹھ لیکھنہٕ۔ یہ چھ وُنی کین عجائب گرس منز۔ یا خوجہ یاربل کاٹھہ دروازس ہُنس پیٹھ چھُہ تارِیخی مادٕہ فارسی باتن منز لیکھتھ۔

اَمیُک اثر پیو کاشرین گوہ ماتن تہ۔ تِمو تہ دِنی کاشرین باتن منز تارِیخی مادٕہ۔ کاشرِ زبانی منز چھُنہ کُنہِ قبرِ یا عمارژ پیٹھ تارِیخی مادٕہ وُنیُک تام نظرِ گومُت۔ اما پوز یمن شاعرن ہنزن کتابن ہندس اندس پیٹھ چھ ییتھو تارِیخی مادٕہ میلان۔

تارِیخی مادن چھ ترینہہ قسم۔ اکھ گو حرف اَچھرن ہند شمار کٔرِتھ تارِیخی مادٕہ کڈُن۔ دوییم گو شارس منز سیٖود سیٖود تارِیخی وَرِی وَنُن۔ اَتھ چھُنہِ شمار کرنُک ضرورت پیوان، ترییم گو پرژہ ہندی یا کٹھو شارس منز تارِیخ وَنُن۔ اَتھ چھ تارِیخ کڈنہٕ وِزِ سیٹھا تکلیف گَژھان۔ فارسی شاعرن ہندی یا کٹھو وُنی کاشرِ شاعرو تہ کاشری یا کٹھو تارِیخی مادٕہ۔

تارِیخ وُچھنُک طریقہ چھ یہ زِ اَچھرن گژھہ اَبجد حسابہٕ مول دِنُن تہ تِمن جمع کرُن مثلن "شیرازہ" لفظس نیرِ ییتھ پاٹھو مول۔

ش ی ر ا ز ہ

۳۰۰ + ۱۰ + ۲۰۰ + ۱ + ۷ + ۵ = ۵۲۳

کشیرِ منز یُس سیٹھا پرون تارِیخی مادٕہ نظرِ چھُ گژھان سُہ چھُ حضرت نورالدین ریشس کُن منسوب سپدان (موتُم چھُنہِ اَتھ منز پرزر کوتاہ چھُ) یہ چھُ اٹھمہ صدی ہُند واقعہ ییلہِ حضرت میر محمد ہمدانی کشیرِ آے۔ تارِیخ چھُ "کاشرین پیرہ آو"۔ یہ چھُ ۷۹۵ھ واتان۔[1]

---

[1] تحائف الابرار مصنفہ حاجی محی الدین مسکین مطبوعہ امرتسر ص ۲۴

پتھٕ پاٹھۍ ییلہٕ راجہ بگوان داسن یوسف شاہ ژک کرِتھ نیو، کمۍ تام گژھہٕ ماتَم ونس تاریخی مادٕہ "نیو گرفتار گژھ" یہ چھُ ۹۹۳ ھ واتان۔ اَز برونٛہہ دون ہتھ ؤری اوس جہدہ دیکہ اکھ فارسی تہٕ کاشُر شاعر۔ اُمس اوس اتھ پیٹھ تاریخی مادٕہ ونس اندر کمال حاصل۔ ڈیان اکہ دوہہ اوس جہدہ صاحب خانقاہ کِنۍ پکان۔ اورٕ اوس کُس تام گورِ سند جنازہ نیران۔ یتھ زنانہ پتہٕ ؤدان آسہٕ۔ کمۍ تام دوپن مذاقہٕ پاٹھۍ جہدہٕ صابس ییمِس غلام گورِس ونِو تہٕ تاریخ۔ جہدہٕ صابن وونس اتھ پیٹھۍ۔

بُتھ بُتھ دِوان (دزایِس) کورٕ تاریخ وونمس غلام گورہ

غلام گورہٕ لفظس چھُ شمار کرِتھ ۱۳۰۲ ھ واتان۔ اَمی چھُ پکان پکان اَکس کھانٛدرس کُس تام ہندِس فوہ رماشِس پیٹھ تاریخ یتھ پاٹھۍ دوپمت۔

مادٕے تاریخ بوز جمع پیٹھ عربی پاٹھِن کاشُر رنگہٕ

کاشُر لفظ رَنگہٕ ییلہٕ عربی پاٹھۍ ترجمہ کرون شہ گو "خُدا"۔ اتھ چھُ ۱۳۰۰ ھ واتان۔

اکہ دوہہ اوس سعدالدین نقشبندی خوجہ بازرٕ پنٛنہٕ دیوان خان دارِ پیٹھ بہتھ زہ اپارِ دزاو کوچہ منزٕ اَکس گورِ سند جنازہ۔ سعدہ صابن وون اتھ پیٹھۍ یہ تاریخ۔

"گورِ نیو کھ گورہ بل تہٕ ؤدان آسہٕ گورِ باسے"

یہ چھُ حساب کرِتھ ۱۳۳۱ ھ واتان۔ ییم اُسی اتھ پیٹھۍ تاریخی مادٕہ ونٕنکۍ نمونہ دِنہٕ گئے۔ تِم تاریخی مادٕہ، ییم گژھن ماتَم بوز شوز تہٕ سوچ سمجھ کرِتھ وَنۍ یمتۍ چھِ۔ محمود شہری اوس

---

ھ ۲ یہ گژھہٕ یاد تھاون زہ ییلہٕ اوس ہنٛز کاشرس کانہہ سیکہٕ رسمُل خط۔ لہذا اوس فارسی اَچھرَن منز اَڈۍ کیو اَڈۍ وا اچھرو (حروفِ علت) ورأے کاشُر لیکھنہٕ یوان۔ تمی حسابہٕ چھُ تاریخ نیران۔ اَڈۍ کہ حسابہٕ گژھِس پھیرہٕ۔ تکیازِ اَدٕ چھ گو یتھ پاٹھۍ لیکھان گوو۔

اکھ مشہور گیوُن وول۔ اُمی ہند ہو گرامافون پہ کاڈ اُسی تیلہٕ سیٹھا لُوکہ پسند۔ سُہ ییمہٕ وِزِ گُذرِیوو مہجوُر صٲبن وونُس تٲریخ۔

| | |
|---|---|
| کٲشرِ کوستوٗر محمُود گٲمی | کٲشُر گیوُنک پوٗرہ ووستاد |
| اَرمان اَسہِ تھوو تمۍ ترٲوِہ وہری | گُل ڈُیپہر اوس سُلہِ آس ناد |
| کٲشرِ ساز ن ووٚن بھٔھر ٹھہری | کٲشرِ پٲٹھو اَسہ بوز تٲریخ |
| زانٹھ ہا مہجوُرن محمُود شہری | بَس پہ سنہٕ تھاو ہجری یاد |

یِکھٕ ملک مصرع چھُ شُمار کرِتھ ۱۳۵۶ ھ یوان۔ محمد عبدالقادری چھُ پننہٕ کتابہ 'مقصد الابرار' کس اندس پیٹھ اُمکہ لیکھنک تٲریخ ییتھ پٲٹھ مُنز وُنان۔

| | |
|---|---|
| ناوتے تٲریخ اَمہِ کیٚ دِژا ومے | دل پسند ذکرِ رسوُل رُ تو اومے |

یہ چھُ شُمار کرِتھ ۱۳۶۶ ھ واتان۔ ییتھے پٲٹھو چھُ ماسٹر زندہ کول تہٕ مہجوُر صٲبنس مرنس پیٹھ تٲریخ ییتھ پٲٹھو وُنان۔

| | |
|---|---|
| پوشہٕ منتۍ پرواز فرمو وقتِ کار | پوش نوٚی ہیتھ یام وِدِنی آیو بہار |
| پوش اُنی مَس نذر پرٛیتھ شارس اندر | اَزکرن گل پوش مہجوُرن مزار |
| پوشہٕ موت مہجوُر گو واٲسل بحق | ہاے کشمیرُک سخندان کو شُمار |

ہاے کشمیرُک سخندان کرِ شُمار۔ مصرس چھُ موُل دِتھ ۱۳۷۱ ھ واتان تہٕ یہوے چھُ مہجوُر صٲبن مرن وُہری۔ عبدالقادر درویش چھُ "یوسف زلیخا" کٲشرِ پٲٹھو وُنی مُت۔ اَمیک لیکھن تٲریخ چھُن پانے ییتھ پٲٹھو وونمُت۔

| | |
|---|---|
| روٚتم از طبعِ خاصاں فالِ تٲریخ | دوپکھ منظورِ عام اَتھ سال تٲریخ |

منظورِ عام لفظن چھُ ۱۳۰۷ ھ گرٛینہ واتان۔ عبدالاحد آزادن چھُ زٲرِ شریف کِس مشہور شاعر حاجی الیاس سندِس مرنس پیٹھ ییتھ پٲٹھو مرن تٲریخ وونمُت۔

خلعتے ایمان وُلبتھ ژاو بہ باغِ بہشت      یغفر اللہ لہٗ دراس بہ سالِ وفات

یغفر اللہ لہٗ لفظن چھ ۱۳۶۲ ھ موٗل واتان۔

ہیم آسہ کینہہ مثالہ یتھن تأریخی مادن ہُنزٕ، ییمن ہُنز گنڈ اُچھرو حسابہ پھِھ نیران۔ وونی گژھو تِتھ تأریخی مادہ ہیم سیٚودٕے چھ تہ ییمن نہ موٗل لاگنک تہ گنزرنک ضرورتھ چھُ پیوان۔ مثلن سیف الدین تارہ بلہ چھُ "وامق عذرا" دلیلہ ہندس اندواتنس پیٹھ تأریخ وونمٕت۔

سنہ ہجری ستتھ اکہ پیٹھو تہ بہہ شتھ

بہارس منز یہ نُسخہ ووت تاسر

سیٚود چھُ زہ کتاب چھ ۱۲۸۶ ھ اندر مکمل سپیز مُژ۔

وونی گژھو تِتھ تأریخی مادہ ییمن ژینٕہ واتھ کرتھ برابری چھیہ سپدان۔ ییمن چھ گوڈہ بوزہ شوژ کرٕنی پیوان۔ اَدہٕ چھُ اصل تأریخی مادہ بدس پیوان۔ مثلن لسہ خانن چھُ "گُل بکاولی" قصہ وونمت۔ امیک تأریخی مادہ چھُ شعبان ڈار پٕتھ وأری پتھ پاٹھو وونمت۔

وُچھتھ گُل، بُلبُل دم آم برجوش      پیٹھ تأریخ این زیبا ھیہ پوش

صدو نہ کم کرتھ گنزرتھ شارہ      گُل باغ بکاول فلو دوبارہ

ژورِمس مصرس ۱۰۹ (صدو نہ) کم کرتھ چھُ تأریخ نیران۔ ژورِمس مصرس چھُ ۱۴۴۶ ھ واتان۔ امہ اندرہ ییلہ ۱۰۹ کڈو باقی چھُ ۱۳۳۷ ھ روزان۔ یہوے چھُ امیک اصل تأریخ۔

پھتھے پاٹھو چھ مہجور صابن تہ عبد الاحد آزاد سندن مرن تأریخ پیٹھ پاٹھو وونمت۔

کاشرِ ہندہ علمہ ادبک باغ از برباد گو

باغ وُچھنے حسرتا ہیتھ باغ دل شداد گو

سر فداکوز باغوانن درآد ادہ سالِ وفات

بولہ وَن زن بُلبُلا چمن آزاد گوو

ژوری رس مٕرس چھُ ١٢٦٥ھ گژھند واتان۔ مگر "سرفدا کوّر باغوانن" لفظن منز
چھُ وننہٕ آمُت زِ باغوان لفظُک کلہٕ (ب) کڑِو اتھ حسابس بیٚیہٕ شمار۔ ب اَچھرس
چھِ ٢ عدد۔ یِتھہٕ پاٹھۍ چھُ تأریخی مادہ ١٣٦٥ + ٢ = ١٣٦٧ھ واتان۔
یہِ چھہٕ کاشرین تأریخی مادن پیٚٹھ اکھ سرسری نظر۔ اتھ پیٚٹھ ہیٚکہٕ تحقیق یتھٕ اکھ
جان مضمون بٔنتھ۔ وُنہِ گوو یہِ فن ختم۔ اگرچہ فن اوس جان رٔچھِتھ کرنہٕ نہٕ چھُس هنوز رُدتھ۔



اکاڈمی ہنٛزٕ کاشرٕ کتابہ

## سون اَدب

کاشرۍ پاٹھۍ یہِ اَدب، نظمہٕ تہٕ نثرہٕ زٕنگی پریتھہ ورۍ یہِ لیکھنہٕ چھُہ یوان،
تمیُک انتخاب چھُہ "سون ادب"، نادٕ کتابہ اندر ورۍ یہِ پیٚتہٕ ورۍ یہِ درج سپدان
وُنیُک تام چھہِ ییتھۍ شیٚہ انتخاب اکاڈمی شایع کرۍ مٕتۍ۔ کتاب چھہٕ پریتھہ
لحاظہٕ وُچھنس لایق۔

جموں و کشمیر اکیڈمی آف آرٹ، کلچر
سرینگر

# جغرآفی

## (زانہٕ شبد)

زانہٕ شبد چھہ پرٕ یتھہ زبانٕ منز عام بولنہٕ یِنہٕ بدٕون آسان۔ تِکیازِ یم چھہ خالص علمی لفظ آسان تہٕ ویرٕ ھنے ورأے چھنہٕ بوزنی تگان۔ کینہہ لفظ چھہ تتھی تہٕ آسان، یمن لوغأتی مانے اکھ تہٕ زانہٕ شبدی مانے بیاکھ چھہٕ آسان۔ یم لفظ چھنہٕ آنجأری مانجأری یا ہٹھی بنان، امکو چھہ کینہہ اوٚصول مُقرر تہٕ لفظ بناونٕ وزِ چھہ تیم نظرِ تل تھاونی پیوان۔

امین کامل

ژانہٕ شبد:-

# جُغرافی



| انگریزی | اردو | کاشُر |
| --- | --- | --- |
| Strait | آبنائے | سٔدرٕ نوٚر |
| Island | جزیرہ | زوٗ |
| | خاکنائے | سٔدرٕ لاٚمَن |
| Penunsuia. | جزیرہ نما | اِکیٹہٕ زوٚ |
| Mist | دھند | زانٹھ |
| Haze | کُہر | وُنٛل |
| Side | طرفین | پاسہ |
| East | مشرق | مشرِق |
| West | مغرب | مغرب |
| North | شمال | شمال |
| South | جنوب | جنوٗب |

| | | |
|---|---|---|
| Cyclone | گرد باد | واولُن |
| Anticyclone | منقلب گرد باد | پُرت واولُن |
| Sea breeze | نسیمِ بحری | سدریٔ ہوا |
| Monsoon | مون سون | مون سُون |
| Land breeze | نسیم برّی | بُتھلیٔ ہوا |
| Trade winds | تجارتی ہوائیں | مال تار واو |
| Wind vane | بادنما | واوۂ ہاؤک |
| Cape | راس | بُتی نوک |
| Horizon | اُفق | نبہِ دوند |
| Pass | درّہ | دڑہ |
| Highway | شاہراہ | شاہرہ |
| Road | سڑک | سڑک |
| Way | راستہ | وُطھہ |
| | گزرگاہ | کوہلۂ ژونل |
| Imports | درآمد | آومال |
| Exports | برآمد | دڑاومال |
| Shape | ہیئت | شکل |
| Compass | قطب نما | کمپاس |
| Delta | ڈیلٹا | کوہلۂ پیخہ |
| Coast | ساحل سمندر | سمندر بوٹھ |

| | | |
|---|---|---|
| Bank | کنارا (دریا کا) | کھوٗلہ بوٗنٹھ |
| Wave | لہر | ہُکُر |
| Current | رَو | ہِگتھ |
| Tides | جوار بھاٹا | لوٗمبکھ |
| Rising tide | جوار (مد) | وۄہلِتھ لوٗمبکھ |
| Receding tide | بھاٹا (جزر) | پوٗت لوٗمبکھ |
| Zone | منطقہ | بہوگ (ٹُبّاگی) |
| Conference of rivers | سنگم | سنگم |
| Longitude | طوٗل بلد | بِبھونز |
| Latitude | ارض بلد | بُراد |
| Circle of light | دائرہ روشنی | گاشہ رۄد |
| Circle of darkness | دائرہ تاریکی | گٹہ رۄد |
| Outer space | خلائے آسمانی | بالاشُنۍ |
| Pivet | محور | دُرہ |
| Pivet of the Earth | محور ارض | بُتراتھ دُرہ |
| Orbit | مدار | شُنۍ پوٗ |
| Orbit of the Earth | مدارِ ارضی | بُتراتھ شُنۍ پوٗ |
| Valcono | کوہِ آتش فشاں | دُپہ بال |
| Star | ستارہ | تارُکھ |
| Planet | سیارہ | گرٛہہ |

| | | |
|---|---|---|
| Great bear | دبِ اکبر | ستہ ریشہ |
| Pole star | قطبی ستارہ | ڈُنتِرکہ تارُکھ |
| Meteor (s) | شہاب ثاقب | پیپنہ تور |
| Snow line | حد الثلج | شیشہ حد |
| Milky way | کہکشاں | گنگہ آرہ |
| Date line | تاریخ تبدیل خط | دوہہ رود |
| Local time | مقامی وقت | مقامی وَکھ |
| Standard time | معیاری وقت | میعاری وَکھ |
| Plateau | سطحِ مرتفع | وُڈُر |
| Health resort | صحت افزا مقام | شفا شاے |
| Head quarter. | صدر مقام | صدر مقام |
| | پگڈنڈی | پُدری وَتھ |
| Feeder (River) | معاونِ دریا | آپرن کول |
| Source | منبع | آگُر |
| Continent | براعظم | بوٗ زُکُل |
| ... | ... | ... |
| Ocean | بحر | سمندر |
| Sea | بحیرہ | سوٗدُر |
| Bay | خلیج | سوٗدرہ کھوٗن |
| Globe | کُرہ | بوٗمنڈل |

| | | |
|---|---|---|
| Globe of the Earth | کرۂ ارض | بوٗمنڈل |
| Equiter | خطِ استوا | بُمنز رِکھ |
| T of cancer | خطِ سرطان | نکر رِکھ |
| T of capriconm | خط جدی | کرکٹھڑ رِکھ |
| Geographical boundries | حدود اربعہ | بنہ بندی |
| Geographical locations | محلِ وقوع | آسَن شاے |
| Geography | جغرافیہ | جغرافی |
| Valley | وادی | کولہ پتھر |
| Peak | چوٹی | ٹھونگ |
| | گھاٹی | سنگر سنز |
| Atmosphere | آب وہوا | آبہ ہوا |
| Hot | گرم | گرم |
| Cold | سرد | سرد |
| Moderate | معتدل | شُہل |
| Torrid zone | منطقہ حارہ | تُویت بوگ |
| Frigid zone | منطقہ بارده | ہُنڈر بُوگ |
| Temperate zone | منطقہ معتدلہ | شُہل بوگ |
| Hilly | پہاڑی | پہاڑی |
| Plains | میدان | پاتھل |
| Meridian | نصف النہار | منز دین |

| | | |
|---|---|---|
| Prime Meridian | نصف النہار اعظم | شمارہ منز دین |
| Permanent winds | دائمی ہوائیں | وۄہری واو |
| Rift valley | شگاف دار وادی | پھٹراٹہ پیتھر |
| Fold mountains | شکن دار پہاڑ | تہدار بال |
| Block mountains | تودے کا پہاڑ | ٹینگہ بال |
| Desert | ریگستان | سیکیۄل |
| Oasis | نخلستان | وُنہٕ دار |
| Secondary stars | ثانوی سیارے | پۆت گژہٕ ری |
| Surface | سطح | سوٚ ٹھر یا سطح |
| West winds | مغربی ہوائیں | پچھمہ واو |
| Archipelago | مجمع الجزائر | ژۄوِلہٕ |
| Mouth | دہانہ | کھہ لہٕ گۄل |
| Pole (s) | قطب (قطبین) | بُتال (بُتالہٕ) |
| N. pole | قطب شمالی | شُمالی بُتال |
| S. pole | قطب جنوبی | جنوٗبی بُتال |
| | دوآبہ | دُ آبہٕ |
| Vegitation | نباتات | نیبجہ ذاتھ |
| Metal | دھات | دات |
| Animals | حیوانات | زوٗ ذاتھ |
| Minirals | معدنیات | کانہٕ ذاتھ |

